# تَرتیب

جُملہٕ حقوق بحقِ مُصنّف محفوظ




گوڈنیُک چھاپ ـــ ۱۹۹۷ء

تعداد ــــــ ۵۰۰

خوشنویس ــــــ معراج تُرکوی

چھاپ خانہٕ ــــــ جے ، کے آفسیٹ پرنٹرس دہلی۔ ۶

پبلشَر ــــــ مُصنّف

وېشارناگ، نوشہر، سرینگر ـــ ۱۹۰۰۱۱

سَرورق ــــــ زرگر ظہور: جامعہ ملیّہ اسلامیہ، نئی دہلی

مول ترٛے ہَتھ روپیہ =/۳۰۰ روپیہ

کتاب میلنُک پَتہٕ :

۱، کتاب گھر، بڈشاہ چوک، مولانا آزاد روڈ، سرینگر ۱۹۰۰۰۱

۲، غلام محمدّ نور محمدّ تاجرانِ کُتب، مہاراج گنج، سرینگر ۱۹۰۰۰۲






# اِنتساب

پَننہِ خوش خیال آشنہِ ہندِ ناوٕ

یوسہ ہمیشہِ میون ناوٕ پَنُن وٚجوٗد زانِتھ نچھناوان روٗز





# گۄڈٕ کتھ

"نۆروزِ صبا" پتہٕ پٔنٛژٕ بیاکھ کاہہ شارٕ سۆمبرن چھاپ کرنُک یرادٕ آونہٕ میانیو کیٛژو قرارِ واقعی کوششو باوجود ازبرٕ ہہ بالؚ۔ دَرٕدٕس مجموعس مَنٛز شامل بیشتر کلام یۆ دوَے وقتہٕ وقتہٕ مختلف ذٔریعو ہنہٕ ہنہٕ پیش کرنہٕ آو گمر سوخن شناس یار دوست رٕودی ہیتھے کُنہٕ تازٕ سۆمبرنہٕ باپتھ تقاضہٕ کران۔ شُکرٕ چھُ ہرگاہ ووٕنی تِہنٛد یژھن پوٗرٕ ہیو سپدمُت باسہِ۔ مےٚ چھُ احساس زِ کینژن صاحبن ییٚہ نہٕ تُہٕ پوٗرٕ تسلی تکیازِ زیرِ نظر سۆمبرنہٕ منز ہیکہ نہٕ تِم مُتعدد وژن، باتھ، ترانہٕ، مرثیہ، نعت تہٕ نظمہٕ وٕنیتھ یمن گوڈٕ تِہنٛد قبولِ خاطر باگہٕ آمُت چھُ۔ مہل ہے میج تِم ساری منظومہٕ کرٕوکھ الگ پاٹھی پیش۔

کلامس چھنہٕ تأریخ وار ترتیب دِنہٕ آمُت۔ بنان چھُ تِمہٕ تلہٕ لگہِ میانہٕ کُنہٕ فکری یا احساسی سفرُک باس۔ البتہٕ چھےٚ "جلوٕ تہٕ زیوٗر" عنوانہٕ نظم دٔسلابہٕ زٔنگی ورتاونہٕ آمُت۔ نظم حصس کیٛن اندس بیٛٹھ پیش سپدمُت نعت اگرچہ رِوٲیتی طرزِ تکریمہٕ مُطابق گوڈٕ یُن گژھ مگر مےٚ چھُ بہتھ زِ کتھِ واتن واٲجی حضراتھ پرزناوُن اَتھ منز۔ مذکورٕ سفرُک اکھ لایق توجہ مُنٛزل.

سوٗ مبرٕ نہٕ نثرٕ چھےٚ غزلو تہٕ متفرقہٕ زٕ مصرأے کیوٗ مفرد شارو علاوٕ ژور قسمہٕ نظمہٕ
شأمِل: پابند، بےٚ قأفیہٕ، نیم آزاد تہٕ آزاد۔ وزن چھُ مِقدأری تہٕ ؤرتاونہٕ آمُت تہٕ
غأر مِقدأری تہٕ۔ بیانہٕ کِنو کُلہُم تہٕ ضِمنی تقاضو مُطأبق تہٕ لہجہٕ چہٕ کھسہِ وَسہِ کیوٗ رفتارٕ موأفق
چھُ رلوأیتی عروضہٕ نِشہِ انحراف تہٕ سپدمُت۔ تاہم چھنہٕ کانہہ تہٕ نظم خأرِص نثری۔
پتمین وارین وٕرین دوران تلہِ تلہِ کیموٗمُت مسودٕ، شیر ژأر، کتابت، پروٗف تہٕ چھاپ ہوٗ صبر آزما مرحلو گٔڈتھ ووٚنی کتأبی شکلہِ پرٕن والین آیتن تھاونس
منزٕ کامیاب سپدُن، یہ چھُس بہ پننٕ بختاوأری گنزران، الحمد للہ
معنہٕ پرٕور آسہِ کتھ مولناوِنس
ٹارِ ہرگاہ نےٚ کھبکھ منساوِنس

رحمان راہیؔ

٦ مے ١٩٩٧ء



# جلوٕ تہٕ زبوٗر

کُنہِ ساتہٕ نہٕ چھُس سونچاں ہرگاہ
اُسی آسہٕوٕے نہٕ سَمکھہٕ متی زانہٕہ
میٖنہِ آسہٕمے نہٕ اُچھو کھورلو
کَجہِ وٲنجہِ ہُند دۄکھ سوکھ تھیوٗکمُت
ژیٖتہِ آسہٕتھَم نہٕ دِوٕتھی شَبدَو
میٖشرِ مُرژِ بخشمُت زَکھمکھ پھوٗر
دِہہ دَم ماگرژھہِ ہسم یَتھ سینَس
اوٗش ما رٔشٹھہسم مے اُچھہٕ نے مَنز
وُپہلِے ما بُسہِ ہسم باسَن بَل
سونچَس مےٚ اَکایُت ما پھَرہسم
رنگ ژَھٹہٕ نَے ما ہرِہسم سوٗتُن
کرژت کرہِ نَے ما مَرہسم کوترو
کُس زہرِ زہرِ تھوہِسم کجٕ کوہٕ تال
کم چھوہر چھوہر کرِہسم کھَنہٕ بَند وتھ
آکارس بٔژھہٕ ہن سوہرمی صَدا
مؤسا مرِہے دیدارِ وَرٕگے

لَیہِ اوٚنتھس دَرِدٕ ئین پھِروِتھ
گاہ أنزٕ ئین کارِ تھزٕ رکونچھُتھ
گاہ مَن رَژٕ نوٗوتھ وَنہارِ ن
گاہ گامہٕ گنٛڈٕتھ ڈٕشی اَستانَن
گاہ شہرٕ أنِتھ زلوٕ طوٗفانَن
کَمہِ آگرَ وانِہ یہِ پھوٚر چھوٚلتھَم
مَنہِ امرٕ یتھ زیلوٕ زَمزَم دیٖتھَم
پوٚت زوٗنہِ چھُ ووٚتھمُت چوٗنے موٚت
لوٚت پاٚ ہٹُن ژھوٕ یہِ آواز گرَاں
اُسہِ نبضٕ نبضٕ تاں ہم حرکتھ
یہِ چھُ ماجہِ تہٕ گوٚبرَس سِہرِ لوٗجُت

کُنہِ ساتہٕ چھُ یتھ صحراوس منٛز
مجبوٗری ہُند وِجہِ واو ووٚتھاں —
یکھِ چھوٚن اکھ موصُم جانہٕ وَراہ
دُیھِ آچھرٕ اَرماں آلہِ کڈاں
نظرِ ہُند نیٚشہِ دٕلیٖش وُپھلاواں
وَتہٕ راوِ برٕ چھُس گتہٕ گیوٗر ترٕلاں
اکھ بےکَس تیٖر توٚمباہ اٚمِسے
یکھِ ژٕکرِتھ واٚرِیُل پیتہٕ لاراں!

ہے کاشِرِ زیوِ ! مے چھے چانی دٕرٕے
ژٕے میانٕ خبر ژٕے میانٕ نظر
ژٕے میانٕ شوٗعورچ سوٗژنٕلی زٕژ
ژٕے میانٕ ضمیرچ مُژ سارنگ

ژٕے تہٕ مے چھے کانچ زاتچ ہلہٕ وَن
گُلِ غونچَس تاپٕلی زٕژٕ ہُند چھُو
تھَپہٕ پیوس تہٕ رٕژ کَہٕ وان گیم
بیزانَس زآنی زان گیم
دوٕ دٕب دِتھ گیوٗ وتھَم ہوڈ کلیوٗ
کَہٕ دٔور لَلوٗ تھَس مَنٕزٕلس منز
گاش آو تہٕ کرٕی تھَم پآرٕٹھ پھیٔنٕ
دوہ لوٗس تہٕ پرٕیَن کھوٕنہٕ دُیتھَس
رنگہٕ یندرس گرِ گرِ تے کھآرٕتھ
وُژٕ پرٕنگن پیٹھ پرواز تُلُم
نٕژٕ سارِ ژٕے مالنٕ دود گیوٗ وُتھ
اُشٕ وانٕ مے اَندری ناگ وُزٕنیے
کھوٕرٕ پھُلی یَیلہِ چھُلی تھَم یارٕ بلی
زُہٕ دیدارس زن داغ ژٕلی
دوٕندِ لوٗرٕتھَم روٗف ہَندِ کورِن ہُند

اَژھ ژُژھی! اَمہِ ساتہٕ اگر پٔتہٕ مُتس
ژٕ مےٚ اَتھ روٚٹ کرٕ ٹھ، شاہ رَٹہٕ کھ
کَتہٕ وَزہٕن ساز خیالَن ہندی
کَتہٕ گیوِ ہیم گیت بےٚ قوبوٚ دِل

کُنہِ ساتہٕ چھُ یَتھ سمسارس مَشرِ
انسانَس یَتہٕ تُے پان بھَران ــــــ
میٚشرِ پوشاہ پھوٚٹ، کَتہٕ آو یہِ پوٚژھ
نَیہٕ تارُک ژوٚل، کَتہٕ وٲژِس شیٚنچھ
لیہِ لوسہ ـ ٹمبرزلہِ بوٚمبرس یَتھ
ہی تھَر ووٚل نال سیاہ سَرفَن
یہِ چھُ پوٗنپرُ نارَس مَشرِ نَژُناہ
یہِ چھےٚ بوِ ٹیٚنچ تاپَس مَشرِ اَسُناہ
یَکھ کوترِ آیہِ پٔتہٕ وُڑِ کوکُن
بوچھِ پاژِس لُج گِندِ ہوٗلِ رَتَس
تَپنلاو زُلیخا خولہِ خطَن
کھوٚت زوٗن وُچھتھ شٔرزبالہِ تھَنگِس
نَہ چھےٚ فرشتہٕ سَتھ نَہ چھُ عرشک پَے
نَہ چھُ ازلس بُتھ نَہ چھےٚ اَبدس تھَر؛
اَتھ زٔگیتہِ یہِ روٚنہِ ناوِ اندر

رَتہٕ تونٛتہٕ اندر ژھیتہٕ اُچھ ڈیشتھ
سونچاں چھُس ہرگاہ ماجہِ پوتھر
اَسی آسہو پے نہٕ سمکھی ہتی زانہہ
یتھ پھرہٕ کہٕ وہٕ واٚلنجہِ کیاہ کرہا
وٕہیہٕ ژھور بےٚ سوکھ رُح کوٚت نمہِ ہٕن

کُنہِ ساتہٕ چھُ یتھ گُلزارَس مَنٛز
وولسیمتہِ سونٛتُک جُشنہٕ لگاں ـــ
اَنگہٕ نوزُک رنگہٕ وٚلی ناوِ ہنا
کھوہٕ مَنٛز مُرٛیا ہوٗ جوٗرِیا ہیتھ
مَتہِ سونٛتُک تاپُر ڈٔل چھاواں
اَگانٛکہِ روٚس ژنگرُٔفی اوٚبرہٕ شاہ
نیلَم تیپلس اَسمانس پیٹھ
کوٗہہ تینٛتالین دِل تنٛبہٕ لاواں)
پہٕ تہٕ سورمہ اُچھو دِوٕ دور شُہُل
پہٕ تہٕ تُشنہٕ لبٕی ہُند گُل ڈُیہر
پہٕ تہٕ مَس کھاٚسس کھَسہِ موکھتہٕ پُیہر
پہٕ تہٕ پمپوشَس وَسہِ بوٚمبُر وُچھِس
کہٕ واوِ جہِ توٗرٕ، ووٚتھ آبہٕ مُلکھ
ہکہِ چِچی، چھکہٕ چھَنٛز چھَنٛز ؛

لَیہِ چانہِ بہ لولہٕ زَبوٗر گیوان
ہیٚ کاشرِ زیٚوِ! مےٚ چھےٚ چانی دٔرے
ژٕرے میانی خبر، ژٕرے میانی نظر
ژٕرے میانہِ شوٗعوٗرچ سوٗشرٕلی زٕژ
ژٕرے میانہِ ضمیٖرچ مٔژ سارنگ

مارچ ۱۹۶۶ء



## اَکھ مَطلعٔ[1]

سوٗنتہٕ سٕتٕر ہَردٕ آفتاب چھُسَو
شہرٕ پرٕزٕ زلوٕ جَنگلٕ کتاب چھُسَو

مے ۱۹۹۷ء



---

[1] کیہنہ صَفہٕ آسی ژٔھری ہوٚی باسان، تۅہِ کنِہ پٔیے کیہنہ مُتفرقہٕ شار تارٟخی ترتیب مُشرِتھ شاملِ کرٕنی۔ — س ر۔

ژٕرتہٕ نَے بسنۍ وٲنس گرٛاو کرٕتھ
وۄنۍ زخمَن میانین زیوٲنۍ ہکھ
دپیہٕ شرٛما بھرٕ ہیم لولہٕ وَچھس
گژھ زۄل ماگرٛژھ ہیم زۄنہٕ پچھس

ژٕرے پتہٕ مےٚ چھےٚ یِنٛز کالہٕ پیٹھ یارٕز
دلہٕ دُبرارے وُٹھ پھسرارے
ییٚتہٕ یور تہٕ مےٚ چھےٚ چانی یٕرٛتھ پرٛتھ
ییٚتہٕ یور تہٕ ژھایہٕ تہٕ گرٛایہٕ وچھے
ییٚتہٕ یور تہٕ کرٛیشی میون جگر
ییٚتہٕ یور تہٕ سگوزٕ میانی سوخن
ییٚنہٕ اَتھ یارٕز کانٛہہ پھیرٕ پیٚنیم
رُدٕ پھیرس ہانگنۍ دۄر ہیٚنیم
بۄ تہٕ بادَم کجہٕ اَڈٕ پھوٚٹ بامُن
ژٕرتہٕ تاپہٕ موہومٕ سونتہٕ رنگاہ
یینہٕ ژھیچپہٕ ژلہٕ ہم سیکہٕ لبن رلہٕ ہم
پمپوشِ واوٕ لُناہ تھلہٕ ہم
یینہٕ گانگلہٕ کانٛہہ کیتھ پرٛوت کری
دۄدٕ موصُم معنہٕ اَییتم گرٛشُن
ژھوپہٕ چانہ مےٚ اَندروٚٹ الہامس

سَرِ ابَس سۆدُر ناو تھاوَکھ تہٕ شۄبہس
رُتِس تے وَنکھ آبِ زَمزم پھِریا کانہہ؟
کَرَکھ گیرِ نَس مَعنہٕ رقصُک پٔژِ زٕھی کُس؟
ژٕلیس رٲضۍ سُۓ موت چھُ درویشِ کامِل
وِرٲژٲں چھِے نہٕ سُقراط ویہہ کھیٛاوِناوُن
بہٕ کُس گوس ٲلِ روبہٕ اَہنہٕ ژٕ ٔے کانہہ کَتھ
ژٕ تیمورِ طالع، بہٕ بَدحال حافِظ

بٕہ کَتھ گُزٕ شَز؟ اگر بٲروالین چھُ تھکھ دِٕ ین
مےٚ کیاہ اوس نحقے سَنُن زٲوِی جارَن؟
وٕلِ گوو آمتےٚ اوس وۄشواہ کٔڈُن مٔنزٕ
وٕندس مٔنز پرٕنی یونہٕ سونچ کتاباہ
اگر چانۍ مرضی چھےٚ دارِن دِمُو کلی
دَیوَ سونہٕ واوس ژٕ ٔے چھِے ہانٔز ھآمژ
حُکم کرٕ ژٕ گُلریزٕ وُنی زالہناوَو
نہٕ وۄتھِ نیندرِ صُبحے نہٕ دِیہ نوشِ لَب وُنی
گُلاس دَیوَ اوس مہجوُر بیقل
توَے داغ وُچھنے توَے حال پُرژھنَے
فوصوٗبے دِوان اوس آزاد بارو
پھِنے تھوٚمژ خوداین اُمیری غریبی

# مٲفی نامہٕ

ژٕ کوٚ گوکھ ناراضی میانین کتھن پیٹھ؟

اگر میانہٕ دٔسی آیہٕ کانہہ بیقلاعزی
خطا ماف کٔرِزێم مےٚ گوو وٚشفہٕ کیاہتاں
یہٕ کُس گوس ہُلی روبہٕ اُہنہٕ ژےٚ کانہہ کتھ
ژٕ سوٚن سوو حاکِم بہٕ نادار شاعر
سوٚ کَس آیہٕ شہمتھ؟ کمُس شاہٕ پھوریےٚ؟
ژےٚ پرِژھنے گولابَن مُشک، ہیوٚن بغاوتھ
ژےٚ یختیار چھُے راٚژ لوٚدوٚے وَنکھ دوہ
اگر شہراوِنس پوٚہ کرَکھ چاےٚنی مرضی
ہُلی تے کرَکھ، سَیدِ قونوٗن معُطل
پھرَکھ اُچھ تہٕ انصاف تھوَہن نظربنٛد
یرٛژھکھ ہیٚ تہٕ واکھ قرُقی ناگرالیَس
اگر ظوٗن پێیی بوٗلی ہیمالہٕ داوکھ
چھُ میکائیلَس چوٗن فرماشس مانُن
اُکس قاب ڈولاں اُکس ژاری خالی
ژٕ ووہ گنس تہٕ ہرگاہ وَنکھ سوٚن جلُن چھُے

گرٕھی دٕرے پٔتہٕ وانٕن دٕزن ژانگی دہٕلی
منگی دِل پٔتہٕ مُشی دٕن پرٕن خوطبہٕ چرنے
ژٕرٕے چھے قودرتٕن بخت بیدار کوٚزمُت
کلس پیٹھٕ اگر تاج تھاووے شوٚبی
ازرٕونٕ چھےٚ کینژن نظر بند کرٕمٕژ
توٚرٕے چھکھ نبوزن توٚرٕے چھکھ نٕشکری
ژٕرٕے زٕرٕوتھ پٔتہٕ زانٕہہ بارٕ ایحسان عواکٕ
زمانٕن کرٕرٕے یاوٕری شاہ سٕیدکھ
ہوابٕین اوسکھ نوا پرٕزٕنوٕتھ
پٔتہٕ سوداگرن ستیٚ سودا بجووٕتھ
ژٕرٕے پلنٕے پٔنٕنٕ اورٕزوے تھیر کھاٚرٕتھ
پٔہرٕ کانسہٕ دٕزٕ نارٕ پوٚراہ ژٕرٕے ترٕووٕتھ
سخاوٕتھ کرٕتھ حاتمس پام سوٚزٕتھ
پٔنٕنٕ باے تُلٕتھکھ پٔنٕنٕ دوس ژٕ چھتھکھ
اما پوٚز لکٕن ہٕند ژٕرٕے ما ٹھیکہٕ اوسے
تمن راسٕمگے آرٕ تٕتھ کیاہ ژٕ کرٕہکھ
غلط توٚ قٕہے کیازِ تھاواں چھٕ تارٕکھ
چھےٚ پٔنٕنٕے ہُرٕ بٕرٕ چھیکرٕس زوٚن ژھاراں
مےٚ زن پوٚر مدح چانٕہ شاہی مزارٕکٕ
بُزرگو ودا چھُم پٔنٕن زوٚ بچاوُن

اگر میانہٕ دٕسی آیہ کانہہ بیقلازی مدح خان گٔنٛزرٕتھ خطا ماف کٔرِ زِ بہٕ یہ فرمان آسم تہٕ میانِن اچھن پیٹھ ژِکرلَب کُشاییٖ بٕہ کرٕ مالہٕ موکھتَس چھُ پٔزی پأٹھۍ دل چون فولاد پٲیمُت چھےٚ بے شکھ نظر چأنۍ الماسہٕ پژرٕ زلَن ژٕشورکھ تہٕ دِن ٹیب آسَس ارسطوٗ ژٕ میٹھکھ، وُچاپٕن گبوٗن وِگرٕنہٕ برتَل چھےٚ یمبرزلَن جاے چانِن پدِن تَل ژٕ ےٚ ڈلیشتہٕ چھےٚ لوٚبرن مثال گینٛگرایی یوٚژھت ژٕیتہٕ تہٕ گٕرِ ژٕورگےٚ زج مُقرر لیاقتھ تھیچی کأنسہٕ تَس دَنٛد چھانِکھ حُکُم چون: ساراں چٕرس پُلسہٕ افسر کراں افتتاح مولوی زأری ٹکی رِن منع چون: اخبار زانِکھ وَتَن پیٹھ ضمیرس دوٚپکھ فأترأزی چھےٚ باوَتھ قہر چون ییمی ژوپ سےٚ پور گاٹُل ژٕ ےٚ نِش ژٕیتہٕ برُن وأنسہٕ کِتھ واٹھ سامتھ پُتیمُ کیاہ چھُ پھرُنےٚ، پگاہ بوٗزی زِلس کرَ ژٕ ےٚ چھےٚ پادشاہم وقت ڈٕ ے گوٚمُت از

# سٕہلاب تہٕ ساحِل

اگر اَز تہٕ کٔر بانہٕ رے سونٛتہٕ داوِن
خبر دار چھےٚ ہے دِلا ! یُتھنہٕ راوٕکھ
اگر اَز تہٕ سوٚمبُل ژٕلن روگِہ روگی
پنا اُبٕر وُنیب کانہہ گرٛشی وۄشِ ژٕترٛاوکھ

مزازے چھُ پارُد بےٚ سوکھ کاینالس
ہوا ڈٔل، شمع ژھیوٚو، ژھوکھ شب صُبح پھوٚل
وُنی اوس کفنس وٕلِتھ ماگ ڈولان
وُنی وُچھلہِ شٹرٛاوُن، بہارن مُشک موٚل

ہموٚ ستی شوٚبیا وُچھُن ووشت سوٚدرس
چھےٚ مرٛ زندگی آنہٕ مٔنزٕ آنہٕ ہاوان
زٔبابس اگر ناو تھاوٕو کُنُک سوکھ
یہ بیدل چھُ بعضے دِلکی داد باوان

اگر پۆز وَنُن گوٚو گوٚناہ ماف کٔری زِ ہم
کَجَر گوم یوٚد وَے کلامَس بخشٕی زٕ ہم
ژٕ کوٚ گوکھ ناراضی میانِہ ہِن کتھَن پیٹھ؟

اپریل ۱۹۵۸ء



## ژُمِصرآے

دِلٕکۍ ارماں چھِ اظہارٕچ کڈاں وَتھ
ہیٚنچھاں برَ بوٚکہِ کوٗل ژٕنبہٕ آرٕی رفتار
قلَم پھُٹرِتھ اگر اوٚنگجَن تہٕ ہن تراش
سُہ اَنٛدرٕ ژُھم حال باوَن خوٚنہٕ پھوار

۱۹۵۸ء



اگر لول پرِ برزلاوِ فولوٗس ذیٚہنِکر
جُدآیی چھےٚ خُسنکُ مُلاقاتھ باسان
تُیپس مَنٛزٕ پھُسِتھ یِسَ بٔڈھکِ خاب وۄتلان
ژھوٚرُے شہٕ چھُ تَس بُڈ کراماتھ باسان

اگر رُٹ ہٕ یِمبرزلَو پرٛارِنٛچ خوٚے
بوٚمبرٕ زِندٕ تھاوان چھِ سونٛچ رلواَیتھ
اگر زَن ہَرُد آسہِ سوزان وَندس سَے
دُزِتھ بوتہِ زرٛان چھےٚ گرٛیشمُک امانتھ

دٔں گوٚو چون ہاوس تہٕ شوقچ شرافتھ
دِلو! تھَ چھِ عشقکی ہرٕتی اطوار پرٛاوٕنٕ
مےٚ گوٚب باسہِ روتُل، ژےٚ سحرچ تُمُلنٕے کتھ
بہٕ ووٚٹھ لایہِ نارس، ژےٚ گُل مُشکناوٕنٕ

مارچ ۱۹۵۹ء



قدَس لأالہِ ہندِس قدٕر کرُ زمانَن
دَوُن موٚڑہٕ مجلوٗہٕ سُند نجٕدٕ بالَس
یٮ۪می سانہٕ بُتراٗژِ پیٚٹھی لوٚک ہلاگوٗ
یِہے حاٗفظَس مَس بَراں اَمٕس پیالَس

کَنٕن مَنٛز چھِ زھیپھٕہیتھ موہٕلِ لعل آساں
کُنی رَنگٕہ کرُ کھٕرٛشِ سوشٕرٛزٕل آسمانَس
چھُ یَتھ لنٛجہِ بیٖٹھٕ کاو شونگنُک کراں سَنٛز
ژُتی نیٚندرِ بُلبُل نٕلاں بوستانَس

چھےٚ یَتھ عالمَس اَڈرَن اِختلاٗفچ
ازَل شیٖنہٕ بالاہ، اَبد تابیہٕ کالاہ
وُلَس مَنٛز چھُ پادَر سُہُن گرِبز حقیقتھ
ہنٛزُ مَد چھُ ہرُنَس دِژِن شوخ ڈالاہ

دِلا! یُتھنہٕ بٕلِ داہمتٕ لاد ہیشاوَکھ
چھےٚ باغَس اندر رنگ برٛنگی ذاٗژ پوشَن
مَہ کر خانہٕ بندی صُبح شام وقتَس
زھیٚپتھ آفتابے کراں زوٗن روشَن

میون بوزکھنا، کرکھ ژُٹھہ کھنڈ ژٕ کڈِس ییٚتھ قرار
آبہٕ تھومب اکھ ییٚتھ بُتھِس دِمہٕ ہا، جگر شیہلاوٕ ہا

یاوٕ چھکھ، زٕن شینہٕ گنجوٕ پیٚٹھی چھےٚ وٕژھمٕژ ماچھ کول!
شاعرے چھکھ، وُس، اَچھوی عالم چھ ییٚتِتھ آیتن
ژِیےٚ تگی بوزُن یرژھن جایَن وُزال وَن وِگہ ٕ ترانٕتی
ییٚتھی مقامس ییٚتھ چھےٚ ژھوپہٕ مَنہٕ مانی موسیقی بنان

گامہٕ سوندر میانہٕ کیٚتھ. بوزِتھ خبر کوٕ اسہٕ ئُج
نیرِ ی پوشُن درمیاں دٕکھ باوِ ییٚکرلگ بارکوٹٕ
شالہٕ مارُک خوش ہوا، شہرِچ بتنگ آمژ نظر!

تُل گیوَن بأتھا سٕمے شالُک چھ وَن وِگنِن پسند
یادِ وٕوٚترِس میٚتھ دگ ہش وُژھ، عجب آنند آو
بوٕنہٕ ژھاین کأف کھرٕ، ییٚمی زوٕنہٕ گاشن وٕون خاب
پتہٕ وُژھ آبس تہٕ ہوَن ستی تُل سوسنہٕ مُشک

یکھ ییٚمِس موسم جگر کھأرٕس یہٕ ہُج وَتھ روزِ ویٚز
أسی تہٕ ہاوٕ پننہٕ بالیغ نظرِ شری ہسنز ہرنہٕ ژھال
خوشک شہرس منز وُزن دلوٕ شالہٕ مارکی ناگہٕ راد

# خوشک شہرس منز

شالہ مارُک باغ چھاوِتھ دراے اُسی ژٕلِشوے خموش
یاد ما آسی وٕنی یارا، ژٕیٚے دِژتھ لوٚت ژینہٕ وٕن:
ہُتھ کوہس پیٚٹ کنِ چھُ وونی اکھتا بہٕ ژھیوٚراوان مشالی!

شاہس ہوہس سنیومُت آبشارن ہُند سوٚروٚد
سڑکہِ ہندی گُلی رہ مُسافرن رٕہتھ وُنی ہوی دِوان:
کانہہ ضوٚروٚری چیز ما گومُت چھُ ڈیرس پیٚٹھ مُشتھ؟
ٹانگہٕ ژٕلِ متی، گاڑٕ خالی زٕن فصل لوٚنتھ زمین
رووُمت لٕہری[۱] صدا ذیٚہنس اَندر زٕن پژاَنی لے

چاَنی اَچھ گاشن خبر شُری پاَٹھ کیاہ سوٚنچن، اوٚسُن
بالہِ پیٚٹ کنِ دور ہیتھ شوٚد زامہٕ دوہ دہش زوٚن کھژ
سڑکہِ ژٕمبو سینہٕ ـــ باثبر کیاہ چھےٚ نٕلی؟ ووہ کھلی ژٕرو
وٕچھ یہ پاں جوے ویرِ وارن ژھایہ پاشر بن گنڈاں

---

۱؎ لٕہری = لاری = LORRY

دۄن ہُند میلُن طالع رُت      بیٚہہ کرِدِل مُژرِتھ گفُتار
سونتس کُتی جَن ہُند وَنہٕ وُن      ہٕردس بوٚمبُر موٗسیقار
شژاوَن ہی چھےٚ موصُم وِبس      ماگس پھوٚلنےٚ چھِتی گُلزار

فرصتھ کَم تےٚ ہاوَس کیٚتہٕ      پرٛارُن گوٚو بُلٕ ژاپُن گار
نٕردس گِندٕنُے چھےٚ حاصل      ہأرِتھ زیوٗنُتھ، زیٛنِتھ ہار
سالُک سَنٛزِکرِ نیری پھرٛوٚژ      سِنگرَن کھتی اوٚبرٕوی رہدار
وُڈھ گُمنأوِتھ نظراہ کر      شَن طرفن کوسُت زنگار
کتھِ ہنز موٗسیقی بوٗزِتھ      جنٛگلی پوٚش تاں واِئن تار
میانٕن خابن ہُند تعبیر      چانٕن زُلفَن مُشکٕہ دار

وقتُک دُلدُل تسٕی گوٚو ہوٗوٕ      مَنوِتھ ییٚمہِ اوٚن اَخرِیار
روٗحس میانِس پھُلیاہ نُے      چھاوُن لایق چھُم سمسار
تارکھ پربزلَن راتَس از      حسُنَس عشقَس گوٚو ہلہٕ ژار

اکتوبر ۱۰...



# رٕیہہ تہٕ رقص

حُسنٕچ شیٖہلِتھ عشقُک نار    خالبس منز روزُن بیدار
ہجرس اکھ ژٕیُہہ زیٖٹھاں ناگ    وصلس وأتُن سونٕچ لار

مَرنٕچ مجبوٗری ویٚٹھ پوٗٹھ    زلوٚن پیوٚے کمٕی بخشُے یختیار
گراون پیتھ بٕلہ راوی وَکھ    یاگو وچھُے کانٕہہ بوزن ہار
عرشس پیٹھ آدم ژھاے    فرشکی سُجدَے وارفتار
کونشرٕ مَس تےٚ سورگی حوٗر    میانی ارمانُک اظہار

سوٚدرَس منز چھکھ لہَرِن گِند    شرٕی باشا کرَ تُل پھمُوار
گُل اَسہٕ ناأوِتھ ہاوی چاک    کٔنڈی ڈلی ژٕڈٕ ژٕڈٕ کرنے پیشار
مَس چھےٚ ٹیوٚٹھ پوٚز مُستی چھیَس    اَتھ نارس شبنمٕ شیٖہجار

ڈٕنہ کھارکھ دل بیدی تنگ    اچھ مُژرٕنی تان باسی یار
دِے تھاوکھ بٕلہ راوی سوکھ    سوٚنبلن منز بچھنےٚ شہمار

پھرٕ بکھ ترٕآوِتھ تُل بأتس ےٚ    پوٚت میتہٕ پھیوٚرُے موٚت لوکچار

مَلکھ ژُڈِ ژُڈِ ترٛکھ زَن اَنِزٕ ووٚلرَس
ٹینٛڈٕبن ژٕہ ژٕہ دِوان ترٛووُتھ بمُن خَم
اِشارَو تاَر اِلہامٕچ حرارَتھ
وُٹھَن پیٹھ سوٚنتھ کُملاَوِتھ دِژِتھ ڈال
منے اَندٕ بکھ خابہٕ ہَرنَو ژھاپہِ گٕژ کرٕ

ژٕٚ آسی ووٚنٕ مُشِتھ گومُت سُہ عالَم
چھُ دٔریاوَس برٛٔنٛزٕس منٛز آب بدلان
ژٕچھکھ ووٚنٕ سوٚدرٕ سَنٛز اکھ خانہٕ دابِنٛز
گوٚ بسٕر چانِن خیالَن ہُند پھراں اُلکھ
چھُ آنگَن چانہِ رنگ روٚ ٹُمت گلالوٚ
زمانہ گوو وٕن بتہٕ شُرٕ بآژ سوٚمبرتھ
کَڈان چھُس زندگیہِ رٮ۪شمی پٮ۪نس کھُر
وٕن گوو کُنہِ ساہتہ ییلہٕ دِلہٕ کِس کُٹھس منٛز
کران شُرٕ لآزِ یاہ کانہہ واہٕ گرٛآیاہ
نہٕ کُنہِ پنجرس ترٕٛنٕ ہٲنکل پیوان وُسی
بہٕ چھُس راوان ژٕٚ ما آسی پیوان زانہہ
سُہ ژِتھرُن تاپہٕ دوہ چھتہٕ ہُند بھرن یادا!

مارچ



# بۄ چھُس راوان!

ژےٚ آسی وۄنی مُشتھ گومُت سُہ عالم ـــــ
خبر ژھٔترن سُہ دوہ کٔرِتھ اوس لوٚبمُت
ہیوٚتُن صُبحےٚ تھکُن وُشنیر تاپک ـــــ
ہواوس اوس زٔن لونچِن لمان کانہہ
بےٚ سوکھ پنجرس سوٚ مُژ ہانکل میٚے مُژراو
یٔشُن پیٹھ اوس یہَے بیدار گومُت
گبواں بجلی تھٔمس نکھ آس کٔتی جاہ

ژےٚ اُتھی کُل کٔڈ وِنس فضس تجُھ ہیٚہ
کھُژکھ ڈلاأنی کنز چھیٚلہ ہتی پلوٚ ہیتھ
وۄزُل چھٹہ ہُند پھیرن نٔنہ تاپہ وۄشلیو
اَنٔاَفل پاَٹھ نوٚو دیُت آلچِن وے
اُچھَن چانین اندر میانو اُچھو پوٚر
غزل ییٚتھ معنہ کرنس وأنس کٔم چھم
سمیٚوے سینس اندر اَنہور وۄگنیار

•

دَہ وٗری گَےٚ تہٕ یہِ وَکھ آو دہ ہے مسَ قدمٕو
دَہ وٗری گَےٚ تہٕ یہِ کوٚل اَزتہٕ ترٕشہے شٕنز باساں
دَہ وٗری گَےٚ تہٕ یہِ بوٗنۍ ازتہٕ چھےٚ مدراواں خاب
دَہ وٗری گَےٚ تہٕ تمٕس پیٹھ ونہٕ وٗنیکُتامتھ یاد
آدنُک وَعدٕ رَچھُن یارٕ بلبَس پیٹھ واتنُ
قبرٕ پیٹھ کرٕ کیھ بہٕ دِمہٕس تہٕ سو ماکرٕ کیھ بوزِہ
قبرٕ منز ما چھُ ڈُلاں کانٛسہٕ بکرٕ پھُلیہ ہوا
قبرٕ پیٹھ بیوٗر چھُ پرٕشاناں تہٕ بھولاں نوٚۍ سوسَن

اپریل ۶۲ء



## ژُمِصرآے

دِلَس پھُر نازنیناہ اَکھ، غمَس منز
وَساں اوٚش دارِ، لوٚگمُت کارِ تسَ خم
بُلی تسلا دِواں موٚت باغ ژٕونُم
یمبرزَلہِ گوٚب گوٚمُت باسیوس شبنمُ

۱۹۵۸ء



# دَہہ وُہرٕ

بے خیالی مَنٛز بہٕ تھٔکی یارٕ بَلس پیٹھ وونُس
دٕہ وٕری برٛونہہ تہٕ یہ کوٚل آس یِرِتھے سَنٛز باسان
بونہٕ پیٹھ آس یِتھے پأٹھی گرٛشھان مَنٛزٕ بۄلیاہ
زنہٕ تہٕ خاموش سٕرٕس مَنٛزٕ چھٔپے تٔلاں ووٚتھ گاڈاہ
سِے بِکر پھلیہٕ ہوا پرٛانہٕ شرٛابُچ تیہٕ ہیتھ
نَب یوٚہے ناگ وَنٛگ زوٚن یِیہے زَل پٕری یاہ
بے خیالی مَنٛز بہٕ تھٔکی یارٕ بَلس پیٹھ وولٕتُس

نیب آوارٕ دِلس لگی تہٕ نظر ستی آیس
اَدٕ اَمی برٛانٛدٕ وَزھا آیہٕ سو یاوُن گنٛڈٕ گنٛڈی
اَدٕ یٔمی کوچہٕ وُچھان مأشرٕ اَتھو نوٚٹ وایون
اَدٕ یوٚہے دٕرمنہٕ ژوٚکُل پوشہٕ بدبوٚ شہلاوِیون
اَدٕ یٔمی ہیرِ قدم میٹھی دِوان گنٛزٕ رأوس
اَدٕ یوٚہے آب براں میأنی نظر پریرنأوِن
بَس یٔمی وقتہٕ، یٔتی وعدٕ کوٚرُن، خاب گوٚرُن

لو کچارُک مال وَمتاع کھیاوتھ
کُن زوٚن کھیٚلہٕ روٗس چھوٚن پوٚہلاہ ہیوٗ
یِتھ بالَس پیٹھ ٹھکہٕ ٹھکہٕ وولُس،
یینہٕ گوم کنَن سُے موٚت آلو
سوے سأدِرِ وار زٕہِج بولِ شاہ
آواز ترِشھے ، انداز تہٕ سُے
سُے شھٕہ ، سوے لے ، سُے گوڈٕ سُے انَد!

تیٚنہٕ گوٚو سَنہٕ ییٚلہٕ یِتھ بالَس پیٹھ
اَکھ جاناوارن اَسی رَنٛز وییِے،
سُے یاگِنی یار چھُ ما از ــــــ ے
کُلُے گٔنڈرِس منٛز زٕہو مُدر آوِتھ
شہرُک کیٚنہہ حال اَوحال پرزٕ ژھان؟

ہا دِلہٕ ! کیاہ چھکھ میٚنتہٕ منٛز راوان
ییٚنہٕ با چھُ سُہ دِلبر سازندر،
لَس آسہٕ خبر کَر میٚنٛز گامَنٛز
تَس آسہٕ خبر کیٚتہٕ گرٕ ورٕاں
یِتھ پأٹھی تِمن گیہٕ میٚنٛز منٛز میٚنٛز
میٚے مستی ہمو لو کچارَس منٛز
یِتھ بالَس پیٹھ کُلی گٔنڈرِس منٛز

# اَژھَن نغمہٕ

یَتھ بالَس پیٹھ، کلۍ گنٛزِس منٛز
اَکۍ جاناوارَن بولُن ہیوٚت
سُے زیر تہٕ بَم سوے سازٕ لہَر
سوے گانکہِ روٚس شبنمُٕ بوٗلیاہ
یوسہٕ بوٗزِتھ اُسی لوکچارَس منٛز
یَتھ جایہِ بہِتھ کوٚت کوٚت وارِٕ

یون شہر چھُ توٚت گرٛیشمک موٗسمِ
نٕہٕ وانٕہٕ چھےٚ سڑکن گرٕد وُڑان
وَکھ، باشرِ ہوٚت سوداگاراہ
ژھوٚڑی کوچہِ تہٕ ہلی بازار ژھَنڈان
یی ٹارِ کھَسبس تی بارِ لُدِتھ
کَنھ تام بےٚ پےٚ طرفَس سوزان

اَتھۍ تالیَس اَتھۍ ولوہارَس منٛز

# مَنظَر بَدلی

بێ مُروَتھ منز دُہرک تاپھ حاکم
بێ کَس زھوپہ ہُند وُجاراہ آمہٕ نیوٚمُت
فضا زَن گامٕژ وَتہٕ پیٚھ اَتہٕ گتھاہ کاہہ
بتنگ آمُت گرُٹ تژر گرد وُچھ وُچھ
مُشتھ ہوس سہٕ شُہہ کھارُن تہٕ گومُت
کُلِن پیٚٹھ جاپہٕ وارن ترلیشہٕ منز کرٛاٹھ
گرژھاں تے کاہہ صَدا کُنہٕ طرفہٕ منزٕ منزٕ
سہٕ زَن چوٚلُس وٕدہ تھاں دِہ آب ترٛاوِتھ
چھیٚتوٚمُت پوشہٕ ڈوٚرِن پوٹ فرزَن
زمیں زَن زاری کاہہ ہارِتھ پشیماں

یکایک قبلہٕ کنی کھژ اوٚبرہ لش اکھ
یکایک وُہری وادن ژھال اکھ تُج
یکایک پوٚری کنی گیہٕ نوٚرہ وُزمل
یکایک دُھنی گگرایوٚ صَدا کوٚر

## تس یاٚمی سُند نغماہ بوٗزوو

جانا وارا ! موٗسیقارا !
ییٚنہٕ گیوٗنس ہٕلِ گانگلَ ژٲتے گرٕژھی
ژٔیتہٕ یوٚدوَے سٕمکھی سوداگر
میٚتہٕ یوٚدوَے سوزَن کُنہٕ طرفَس
اَتھ لَنجہِ بیٚہیٚہ کانہہ نوٚو سازندَر
یوٚت واتَن بوزَن وٲلی بدل
تَتھ نغمس یُس لوکچارس منز
مےٚ پٮ۪ٹھ میانِو شیٚہلِو یارو بوٗز
تَتھ نغمس یَتھ از چانہِ دِلچ
دُبرٲے چھےٚ ڈَل تھَتھراے تُلان
تَتھ لَلِو دوہے کوچھِ یارِ ہوٚا
تَتھ پورِہ شہُرک تاپھ زٕہیے

جون ۱۹۶۲ء

•



# پےٚ چھُ ظُلماتہٕ وُزان

راتھ اَڈ ینٛدرِ گرٛشھتھ ژھیٚون مےٚ خیالَن پٔن ہیوٚ
پاژ اکھ ڈینٛہنجہٕ وَن ژھایہِ اَندرٕ ی پرٕ پرٕ نووُم
توٚنہٕ تس اوس تِھےٚ پاٚمھٹی وُہاں کوثرٕ رَتھ
بالہٕ تیٚشتاکی چھیٚنبے تیٖرٕ دناں فِضہس منز

شانٛدٕ پیٚٹھی کارٕ پھرٕ م ، سوٚن تہٕ سیاہ چاہ ڈیوٚڈھُم
ڈوٚکھ ژینٛس ہِتی دیٚتُم ، ماگ شرٛوُم منز سیٖنس
وُڈھ ہوٚکھِم ، دارِ نیٚبری آس گرٛشھاں پھسرارےٚ
شیٖنہٕ تھوٚسی آسہٕ ژھیٚپن جاے سَراں دُرزن منز
صوٚندقہٕ پیٚتی کھرٛشہٕ گگر کھرٛینٛشرٕ تہٕ گنجینٛس کُنٛ
وِگجہٕ پیٚٹھ پھبرنہٕ بدٕل اوس اَویزاں بیٚوراہ
اَچھ مُرَن دِتھ مےٚ لمبوٚلیفہٕ سَبرٕد شاتوٚ پیٚٹھی
گرٛاے لجٕ کانگرِ ہُندریوم کوٚ وَکھ سوٚرٕ کھوٚرَن
اَتھی اَندر گوم کنَن راتہٕ موٚگلِ موٚ دوٚہ ہوٚ
دِل اگر ساتھ مےٚ دِیہےٚ ، بہٕ وَدن کرٕ تھ دِمہٕ

کُنی رُدِراٹھ ـــــ باغُک باغ شیہلبو
ژوپاسے ژٕ وُزِنی ناگَن، پَتہٕ دوریے
کُلبو ہیوٚت تازٕ ہُوہَس منز کرُن روٚف
زباں بَند جاپٕہ وارَو نغمہٕ وُزناوی
گُلَن پَرٕشھ بیٚٹھ اَسی خاَلِق چھِ مُشکی
زمیٖں زَن آشہِ ہُشر کانہہ نوجواں موج
فضازن کانہہ موٚدُر فِطرتھ قلندر
پرٛاں کُنہٕ پوکھرِ پیٚٹھ دیوانِ حاَفظ:

"قومی بہ جدو جہد گرفتند وَصلِ دوست
قومی دِگر حوالہ بہ تقدیر می کُنند"۔

جُلے ۱۹۶۲ء



# اکھ خاب

مےٚ وُچھ راتھ خاباہ!

یہِ پیٚتھ وَن، یہِ شیٖنٛچ خوٗدٲیی، یہِ روٗتُل

کُنُے پہر پاوُر ، تہٕ اُتھی منٛز یہِ آدم

(مےٚ گوو بزوٗنتھ آتشَ اندر پان ڈیوٗ نتھُم)

نہ، ووٚنمس یہِ کینہہ، تِترہِش چھس سیٖنس منٛز

برٛنٛہاں چھُس دِلُک نار واراں اُچھن منٛز

وُچھتھٕ پیٚتھ مُناجاتھ چھس تارِ گاہتی

"یہِ پیٚتھ وَن، یہِ مائِج خوٗدٲیی، یہِ روٗتُل

اَما برٛنٛہِ تَل کیاہ یہِ پیٚتھ واو ہیوٗ گوو

مُبارکھ! مُبارکھ! یہِ چھا پوٚز؟ مُبارکھ!

ہتا پانہٕ کیاہ چھُکھ بہاں اَنٛزِ کھوتن منٛز

ینہٕ پرِ کُنٛز چھےٚ کُمٕتاں کرا ماتھ کرٛمِش:

اَہاہا! ہِمس کُنٛڈی دُچھس بھیوٗر طالع

تہٕ نیتھ نوٚن یہِ گرٛنٛز رنگہٕ پھوٗلا یہِ ووٚلنس!

شِنستانس اندر یہِ ژھوٚٹ سونہٕ آنگُن

سبز درمنہِ ژٕکلاہ، وُشنِ تا یہِ فرداہ!

•

ناگہاں یاد مگر پیوم پننٕ لختِ جگر

کالہٕ بیچھوو مےٚ نِش شوقہٕ، کتھَن کَن دارِتھ ـــ

دادِ ستیٚ ہانگنہٕ کُس حال سَپُد، باوِتھ مس

تمُ مگر بوٗز اُڈے کتھ تہٕ نیٚندر میٖٹھیس ـــ

بوٚپلاہ ہیوٗ بہٕ وۄتھس، بجلیہٕ پاوَر ترٛووُم

بالہٕ ہبڈراہ ہیوٗ وُچھُم، وُرنہٕ روٚس اَندکُن لوٗگمُت

نیٚندرِ منز مَس تہٕ وُٹھنَ مشکہٕ بَرِتی ٹوٗرِ پھولاں

منز ڈیکس عرقہٕ پھیوٚراہ تازٕ طلوٗع سیدلوٗمُت

ظاہرا اوس وُچھاں خابَس سو باقے اُڈ کتھ

ظاہر اوس مو کھیتہٕ پھوٚلاہ ہانگنہٕ مُرِی مُرِی زامُت

مے ۱۹۶۳ء



پھٹِتھ آمُت اَمہِ مُنزِ چھُ تھیکی بنَل گُلالاہ
مےٚ وُچھ راتھ خاباہ!

مارچ ۱۹۶۴ء



## ژُمِصرٲے

سو آدِچ دِزہ پہِ وُچھ کمُجار وُذِ کینُگ
چھُ اُتھی ماگَس تہٕ سونَتس زندگی ناو
ملالُک اوٚبرُ کھوٚت، شِنَس ششُر لوٚگ
جمبَر مالُک عطاشش ذیشِ کھرِ کِتھ آو

۱۹۵۸ء



---

۱؎ آدم تہٕ جاماوارِ ہیتِھ پہٕ شبیبہٕ اُس میانِس ذہنس منز اکھ یوٗرپی گکہ کتھ پرِتھ دو
(ع۔ب

یکھ اُتی تھے رَژھا ڈاپھ تڑاوو — گرہے!
یہ کُس جانہٕ وَر اوس اَتھ کُنڈی ڈُھیس بیٹھ
پیہے ژوٗل، اُمے سوٗشتہ وُپھلاوِتھے تیوٗ...“

مےٚ ووٗنمس نہٕ کیہنہ، ازچھُ یژ تمبلیومُت
سُہ برہ ہنہٕ برہ ہنہٕ وُڑاں پھُلیہ وکھ ہیتھ یکھن تَل
یہ شینہٕ مرگہٕ ژھنڈی ژھعڈی اَمِس رُٹنہٕ دوراں
خبر کیتھی، خبر کور کُن، کوٗت — کالاہ —
یکھوتی پھولن رنگ کھورن داغ چھو کلن۔
اما پوٗز گُلِس نِش ہُہ وِچھ رازہٕ ہوتسرن
یکھن تَل روٗٹُن گیاہ! گرہے یہ شیٚہلیو!
کینوٗ شین اَتھ بیٹھ ڈیتُن ڈاپھ آخر

یہ پھوَن، یہ موٗت موٗسماہ، شوٗرٕ ساتھاہ
رنگن ہنز وُنَن، مُشکہٕ سَر لہر ماراں
وُنڈک شین گُلو گُلی فضا، گیٚہ گراواں!
چھُ ہیتھ بہر بڑاندس تہٕ اُز تاپھ رُنزواں

گُلِس بیٹھ چھُ گُستاں گیواں نغمہٕ سوٗنتُک
کَنن نِش یہ کُستانی ہنز کلہٕ کھوپہر، وِچھ

بہٕژ مٕنز فاتح اٮ۪گا مٕمن بےٚ سوکھ
ذٕہہٕ وٕہری آشنیٚ پٔنٕنۍ لولاہ برٕم

زوٗن لوٗستھ وٕچھ یہٕ مٕنز شہرک کٔدٕل
زیوٗس دِوتا زٔن سَنٕبو آدٕمی دوکھس

ے ۱۹۶۴ء



# یہِ کٔدل

زوٗنہٕ گاشَس تَل یہِ منٛز شہرٕک کٔدل
آوٕلیٛنز سوزَن یِیٚمَس ٹھٹھٕ آوٕرٲوی
نابِنا یوٗنانٕی گوٗنہٕ ماتھا یِیٚمَس
ڈاپھ تراواں یاد پیٚیوٚ اکھ داستانٛ[لہ]

حُسن پھوٚر ہوٚسَس پتہٕ غارَتھ گرٛکنہِ لوٗگ
کھٕبیٚ پرٛتھ سوٚدرَس پتوٗ لوٗگ ناوٕتار!
ہیکٹَرن گوٚند پوٗر زاشُر گاہ برلیوس
اینڈروماکی آس اُش ٹاربو اَساں
پیٹرولوکَس موٗد، گرُی تراوِن اُتی
ایکِیلیزَس خشمہٕ ہتی رَتہٕ ژاگی ڈُدی
اِنتقامکی نارٕ زاہتی اَجدَہا
اٲلِیَم کبو ٹاوَرو پیٚیٹھی نزشنہِ لگی

اوٚبرٕ ژھایَن تَل یہِ منٛز شہرٕک کٔدل
ہیچھوگُر خٲلی شکم ششدر وُچھاں

لہ اِشارٕ چھُ یوٗنانٕی شاعر ہومرٕ سٕنٛز "اِلیڈ" عُنوانہٕ مشہوٗر نظمہِ کُن۔

# بَدبین

پرُژھ کیاہ چھےٚ سُہ آگرُ یُشِھ نہٕ پگاہ ؟
اَز وٲتی زِ دوہ بجلی گمتِس ،
اَسمانَس اَندریم تمُن ٹُبٕتھِس ،
تم بُڈکِس تارکھ وُڈرٲوِکھ ،
ژھٕھڑٕ پھسرارے مٲنٛترٕ چھےٚ پرٲں ،
ہتہٕ گوٚڑ موکلی یہ اَسوٚم کٹھلوٚش ؛
بڑاندس تل کمُی تاں ٲلی دِژُ ٹنگ :
"تس یٲری یتیمٕ مے اَکھ روٗٹ کوٚر"،
پوٚژھ رٔنزوٚنہٕ دڑامٕژ آسہٕ ہیلَن ،
ہرقیلَس[1] ریٚہہ وُژھ رَتہٕ پٲرِژھس .

وُچھ کتھ بُترٲژ آسی وُہ پدیمتی !
اَخبارٕ یمیہ ہے وَکھ ڈٲلِہ ہے :
کتھ مُدی یانَس منز کُس پووٗکھ ،
بُتھ وُہ ژٕلُن ڈیشِتھ کَس ووٚتھ دِل ،
کَس گوہٕ مالِس کوٚر گانکِلِ وٲر ،

---

[1] ہرقیل۔ وُچھو صفحہ ۳۰۹

# اکھ اِحساس

مشرٕ بہارٕک رۄدٕ پھمواراہ سَپُد
ژۄنٹھ باغن رۄٹ طِلسماتکُ تۄَہ
درٚمنہٕ پتھرس دژاو اُنہٕرٕ شرٚ پھُٹتھ
کُلیٚ لنجن کھۄَت بالغی ہُند بۄرُت رنگ
داوِ گرژایاہ وۄزِھ تہٕ ژھاین بستی بیٹھ
کُکِلِہ ہُند کوکو خموشِیہ وَرغلوو
آبہٕ جوِیہ کوٚر روِپڈ پانٕژ بیس صَدا
پوشہٕ برٕگاہ وۄتھ دِیتن پوشیری گتھا
گِس کرِتھ اکھ ماچھ ہُلراہ نظرِ ڈٚج
فکرِ ما توٚر اُس کوکُن واُژ کوٚت
ژۄنٹھ کجہٕ تَل کُنٕز تہٕ کیوَل تاپہٕ ژٕرژ
یٚژرٕ بے شوٗنکس رُدٕ پھیرٚن ژہ ژہ دِواں
بالہٕ دامنہٕ ڈال دِتھ پیٚج اوٚبرہٕ چھَل
بولہٕ کوچھ پھوٚلراو خلوُژ ہندی ظونَن
باغہٕ وَتہٕ پَدِ! یاد پییہٕ تم پوشہٕ پیری
آرٕکتہٕ دِلہٕ! چون دُب دُب بوزِ کُس!

مے ۱۹۶۴ء



# ییلہِ یوٗنٛژ ژٔکھ

کرٛاپ کرِتھ دِژ داٛرِتھ گُڈٕلیو
نارٕ کتاباہ روٗزِم لٔلونٛی ـــ
اوٗلہٕ کٔنۍتھ اٰسس برٛونٛہہ دٔزمٕژ
پھیش لوٗگُس ازٕ اَنتمی ورقس ،
کشفہٕ بدل روٗدُم مٔتۍ خاباہ ؛
پاٹھٕ وُں چھس لاتوُلق وِیتھِ منٛز
ییٚہرِ وٗساں بے پرٛساں ناواہ .

کرٛاپ کرِتھ دِژ داٛرِتھ گُڈٕلیو
جانٛہ ورٕو وُچھرٕ تُج ، کٔلی پھیٚرٕ کورٕ
میٚے ہکہٕ گنٛز آیم تتھ اٰنٛسٕ
یُس زمہٕ گرٛژھی گرٛژھی زٔژھراں اوٗسُس
گاہ وُچھس تٔل ، گاہ چشمن منٛز
ووٕنی مٚے چھُ اَندٕ کٕھونٛ نوٗن صحرا ، ییٚتھ
شیشہ کنڈٕ بن شبنمی نیٚہٕ ناوٕ ے
سوٗمبرٕ سوٗمبرِتھ اَنہکھ ساری

کُس ہوسناکھ چھُ مُرژٕ گراں ،
کَتھ ہوٹل وانَس منز یارَو
عیسیٰ ہیتھ اَنیتھُ کالاہ کھبو ؛

یِم میأنی ہمسایہٕ چھِ خام طمع
رِشنہٕ قبرَن منز سوَنتَس پرٛاراں
کانہہ شیطاں ذاتھے نوّن وَنہٕ ہیکھ
یَتھ زَگتَس کوسہ رژ آٔڈرَنے ؛

رٔڈتوَ یہ چھُ بٔڈ آدٔمی نو دَرتھ :
ہَتہٕ واد وٗری گۆے اُمس پھراں
اُچھ ، دارٕ وَزھے پوٚز گاشہٕ رَزھے ،
توٚپَتھ تہٕ چھُ پرٕتھ دوہہٕ شام ڈٔلتھ
زَن تجدٕونکُ کانہہ موکُل وٗنگاں :
"ہارِ دِل نیوٚنَم طوطَن تآے
دارٕ وِچھہَن صوٗرتَن "۔

جنوری ۱۹۶۵ء



یادٕ وۄتھٕر اوسُس شیٖہلاواں۔

مکٕر تٕلیتھ اَز پاٹھٕ ہ، ماٹھ۔
(جایہِ وٕرو وُچھ نَج، کٕلی پھیٚر کوٚر)
نکھ نٕر بِچھرٕاوکھ ارمانن
وعدٕ قرار کٕی تم گوٚڈ بٕرٛاٹھکھ
تِتھ اٹھ واسُس پَن تان زوٗلکھ
ہیر بٕس اکھ ڈٕتھ وونیاہ گوو
شیٖہلہِ بدل پیٚتھرٕس سوٗن زخماہ
کشفہٕ بدل رٕوٗدُم مٕتی خاباہ۔

جنوری ۱۹۶۵ء



## اکھ شار

ژٕونگ بٕرٛانٛدٕ ژھیوٚتھ گو تٕن گومُت
پُرٛژھی تہٕ پُرٛژھی واٚلی کوٚت مےٚ ژٕراوِتھ گے!

۱۹۸۷ء



واٹھ دِمکھ کیاہ، کُس اَندسار کھ
مِلوَنہٕ میلِم کُس کنتھ پاسس
خوٗنہٕ ٹیٖچوٗ ما پھوٚلی ییٚکہِ رس گُل؟

شوٚخ پچھِن اکھ سُمیاہ گُذریو
تہٕ شفقتُک شہلِس تَل بیچھوٚ
بیٚہنہٕ بہاآنی عالَم وُچھلیو
بوٚنہٕ لنجوٚ سرٕیہٕ آلوٗ شوقس
مَنٛز اَتھہٕ واہِچ آہی وُتھرو
ہیٚوٚر کتہٕ تامُتھ تہرِس اَندٕ پکھی
وُژھہ بکھہٕ واہِچ مُرشہ موسیقی
اوٚبرٕ موکل نب، شوٚد شوٚد ناپاہ!

کرٛاپ کرِتھ دِژ دآرِتھ گُٹہ لیو.
بوٚنہٕ اَندرٕ ی زَر اوسے ژامُت:
شوٚخ پچھِن ما رَوِشتھ آیوٚ،
توٗنہٕ مےٚ بیقل تَلا اوسُم :
سونہٕ ہَواوس گرٛھہِ تَن مرضی
سرٕیہٕ پھرولِس، یاوُن لوٚت پھیرس!
کیٚنہہ نَنہٕ ہُنزٕ اَتھی تَل لَر پھری پھری

مےٚ موٚنگ بےٚخبری اندر دُعا زن :
"خوداین ییٚنہ زانٕہ اُمس مےٚ مستِن
سو زان گرٕژھہ ذاتھ پرٕزناوٕم ؛
بےٚ شوٚنگ بوٚد خود ہُشار سپدِس
تہٕ وٚژنہ مٕنزٕ واے بوزناوِس ؛
خوداین ییٚنہ اُمی سٕندِس دِلُس زانٕہ
سُہ ظوٚن پھرٕم یُس مےٚ ناگی ترٛاواں
ژھۄہی تھرِن تلٕ تہٕ سُرُف جٔنتُک" :

جنوری ۱۹۶۵ء



# آہی

مےٚ یام بۄزِم دوٚپُم زِ : شاید
چھےٚ ماچھ ٹُہراہ پہٕ ولِوٚر سوٚمبراں ؛
بےٚ پرٛژھ دِلَن دوٚپ : نہٕ ، دۄرِ کُستاں
چھُ خام طمَہا پہٕ ہِبن وایاں .

یِتھےٚ لیاہ اَکھ وٗژھ اٚس پنجرِس ــ
لوکوٚٹ آنگُن ، ہٕندرٕ زمیناہ
زٕنہِ پہٕ یَتھ منز مےٚ تاپھ سٕمکھِو ؛
اَتھ آنگنس منز ، نِشراش دوسہٕ تَل
وُچھِم سو موصوٗم گاشہٕ ٹیٚچ ، یَس
جگرٕ وَنُن گووٕ پہٕ مول آسُن
بےٚ شوٚنک پاَٹھن رُوان کیاہتاں
(مےٚ ہیٖرِ باسیہٕ ژوٚنڈ موٚراہ )
رُواں تہٕ رُوی رُوی کلَبن اَناں زلو :
"ہیےٚ مےٚ گوڈ باغ نیٖرُون بوٚر"

باگٕی کٔرِ بیدار نوٗرٕکی نامہٕ برٕ
دوٗرٕ گٔنڈِتھ دُعا موٚنگ مےٚ : یا پروردگار
اِطمنانُک نوٗر یِتھ مُلکس پھوٚلِن
ہِرِیہٕ سیٖنس منز بوٗن پرِتھ آدمس !

شیٖستر واکھ کرکِھ ــــ موٗژ لوکوٚنڈ تارکس
کٔدلہٕ جنگلس ناگہانی تیر کھٔژ
سیٖمنٹُس پھوٚٹ روت موکل ہیوٚ بوٚندوٗقی :
" کُن تہٕ کیٖول ، زوٗن نہٕ زانِتھ ، ہنصف راتھ !
روٗدِ یِتھ پاٹھِن سےٚ منز کٔدلس گرژھن ؟
لُس تہٕ مُسلا یِیتہٕ چھُ ژَکہٕ سرٕوٕنےٚ مُلیٖترھ
دُعاے خاٗرُک برٕم دِواں ، ہُم آیہٕ واں ! "

سرِیہٕ شنگرف پھوٚلہٕ ساکنہٕ دُز شوٗرہٕ گژھ ؟

فروری ۱۹۶۵ء



# دۄش

گاش پھولنَس اَس وُنہِ باسان سُل
دۄرسفرُک ہۆل گنڈِتھ اوُس پکان
کٔدلہِ ترٚوُن نظرِ ٹھٔرِ زَن کأسہَم
دِل وۆتھمُ : یارا ! رَژھا ٹھٔہراو کرَ ـــــــ

ژھوٚپ سمَے، ژھایُت فضا، پھرٕیکہِ روٚس ہوا
جایہِ، زن دِوتا زٕہتس پاوان خاب
سرٕکہِ زمیٖوٚمُت چھُہ بجلی گاشہِ وَچھ
پرٕینٚز اُنزِ نہِش بیأر کھٔرٕ ہُمہِ کوٚچہِ
ترٕیٚمہِ بینہِ بٚیٹھٕ
بوٚن کھٹھن تَل نرم وبنِہ وانِکُ صَدا
نیٖندرِ منز موصوٗم شُرٕ موٗم زٕن ژھٕہال
پٕچھنہِ کرٕو ہیٚوگوٕ خودا زاناں کیأری
ناگہٕ پِتھ نَجہِ وُزنہِ اُسمانَس ژٕہ پأری
گاشہِ تارُک اَندسرُک بُمہِ پوٚش پھوٚل
ٹأری مُشراواں چھِہ سَنگر پوٗزِ کنہِ

سو پھٔے سپنہٕ صفا، کوچھِ وُچھوُن شُرہ سو پھٔے شوٗزِ نفس، نوٗروزِ ہوٗا
سو پھٔے ہولِہ دُہکۍ رنگہٕ واںہٕ چھکاہ، شبِ قدرِ موٗدرمُس بانَن منز

دلبہٕ تون رٔچھان ٹینزراوِ جگر، پرٔتھ لاٗزِ پہٕ منز کرِ کھاش دِلُس
حقہٕ مانگیہٕ نیرِ جمیلہٕ ٹینتھ تلوار بکف ـــــــ مادانَن منز

تنہٕ مُژرِ پتہٕ منہٕ پمپوش پھولَن، وَنہٕ لولہٕ کتھا کنہٕ لعل بنَن
سمہٕ نا میتہٕ راہیہٕ روے، وَنہٕ مس: بُرزِ کھنڈ بیٹھہ اکہٕ بے زانَن منز

اکتوبر ۱۹۶۵ء



## ژُمِصرآے

گرِ برٔزاں وُژھ ناگہانی بالہٕ کول، وچھ
ژِجن کیاہ ژھال نے کانہہ سُم نہ کانہہ تار
امی اطوارٕ بسَ اکِہ نظرٕ ستین
ڈٕہتھ تمۍ منتۍ نیوٗنم لوو لوکچار

۱۹۵۸ء



# سۄ

اَلہٕ غاّبہٕ وُچھتھ پھلہٕ وآے دِلَس ییٚمہٕ ژھَل مۍ کوٚر آنَن فانَن منز
نہٕ چھےٚ حوٗر وپٔری نہٕ کٔنٛج نہٕ کَکِل، سۄ چھےٚ انساناہ انسانَن منز
سۄ چھےٚ سَحر بُرٛنہِم لۄ پوشہِ تھَرِن، سۄ چھےٚ شامہٕ ہٕتیمُ ہوٗہوٗ سَر گم
سۄ چھےٚ نارہٕ أندرِ نرٛژونی رنگہٕ رییٚہہ، پرٛیتھ ونی لہراہ طوٗفانَن منز
کَرِ برٛونٛہہ کنٛتھ وُزمہٕ وُنیٚشاہ، بَرِ وۄرِ پیٹھَن زُنہٕ گاشہِ ہَلم
تَبلاوِ تبسُمہٕ آرٕکتَن، سَنبہٕ لاوِ زُلفَـــــ دیوانَن منز
سۄ چھےٚ نظرِ وُچھکھ وُشنیر پھولاں، سۄ چھےٚ زیٚو پیٹھ رٕچ راگ فہاں
سۄ چھےٚ پوٚت کلہِ منز زبتہٕ زوو غزل، رییٚہہ توو رٕجز ارمانَن منز
ہیٚیہٕ نیٚندرِ اُچھو نرٕ فتنہٕ تُلنی، کَرِ روشہٕ ہٕکتھ بَند بالہٕ کوٚلَن
تُلِ سرٕرہ لاوِ امارٕچ کتھ، پھر زگیتہٕ دہ کھےٚ مسوانَن منز
کتھِ تہٕندِ پیواں تھٕنہٕ سونتہٕ صدا، اَتھ تہٕندِ نوٲں رنگ شامہٕ رَتس
رٕچھِ محفلِ منز حبہٕ آخوتُنہٕ دِل، ژھٕنڈِ للہٕ ہنرٕ وَتھ وآرانَن منز
کھَسہِ وُڈرِ اگر شمشاد تَسُند، پیٚیہٕ نجدہٕ مُتس لو کچار ژرہٕ تَس
ژھٕٹہِ وارِ اندر چھٕٹہِ دامَن اگر، مَتہٕ مآنی ارژنگ خانَن منز
دِیہٕ جلوٕ تہٕ بانٛبرِ برٛیٖڈی مُشکاہ، کھٕٹہِ روے تہٕ بون سر ژھبیہٕ گاڈاہ
وَسہٕ باغٕ تہٕ ژٕنٛژٕل چھٕٹہِ پوٚنپُر، گیوٚ غالبَ خلوکھ خانَن منز

رازِ ہوشرٕ ن لول کیاہ لپٹڈاپہٕ بوٚر !

اَدۍ اوس اَنہٕ گوٚٹ تہٕ وُزۍ کِہن زٕ ؤن موج
(میاَنۍ ژھاےتۍ کُھٹھ خبر کیاہ کیاہ دوٚلس)
میون اوٚش مولہٕ واں موٚ دُر اُشناہ کراں.

نومبر ۱۹۶۵ء



## ژُمِصرٲے

مَدنوارُس دِلُک اَوحال باویوم
دپیوُس چارٕ کیاہ یَتھ اضطرابُس
وُدھُن اُشناہ پھوٚلُس، ووٚتھ شلبو، عرق آس
ہواوِچھ گژاپہٕ شبنَم ڈوٚل گولابس

۱۹۵۸ء



---

لہ لپٹڈا: وچھو صفحہ ۳۱۰

# اوٗش تہٕ اسُن

دارِتَل آمِژ تہٕ شیشو مُنژی وِچھاں!
آدی اوس اَنہٕ گوٗٹ تہٕ اَنہٕ گٹہٕ پووُنُس
آوِہنِز دِژ ڈٕنگ تہٕ پرٗوون سوٗدرِ ژوٗک ——
باغ ژامِژ حضَ حوا ہِش صوٗرتھاہ
ژھوہ بَراں بُری تِس وَچھس بیٹھ سَرفہٕ لٹہٕ
واوِ گرٗایاہ وُژھ تہٕ وَلگتُنا دیُتنُ
شاخہٕ بیٹھہٕ وُژھ اُبرِی ریٖہہ ژھُنی پھاک گوٗو؛
آرِکتی پانس نجم سِسراے ہِش
بیاُلی ترکوٗڈ سینہٕ پرٗاُٹھ دژام دِل
دِل نَسا، دلبرِ قلوپترا، وُہاں
نارِ ژھٹہٕ وُن پوشِہ پھوٗت وَچھ نوٗن کڈِتھ
کالہٕ شہارس دَیاں میوٗٹھا کرُم؛
پوشِہ پھوتہٕ کھژ ناگہٕ بَل نِش آرِوَل
مارِمُژ، مَدِہٕ مژ، حیا ویٗژ، مُشکہٕ ہٕژ
کرٗیٖہنہٕ زِلیٗوِ پھرُک کوٗر تہٕ کیٗوم لوٗگ کوٗرِنس
ژھایہٕ موٗل ژھپہٕ ہنٕز ژھوٗپس منز ژھایِ وُن؛

•

پرزٕنھلی دِلَن کھاری کٔنڑی سوالَن
( دٕہَن سوٕرمی ، اُچھ ژھرِ جوابَن )
یہ آرٕول کٔہند سالہٕ آمژ ؟
یہ زوٗن کیاہ واتہٕ آفتابس :
بوٚچھس کیٚمس کمی گولابی کُٹھ دیُت ؟
لٔحز اَندری کوٚت گوٚیوٚ سکندر ؟

پُھکار سوٚدرُک بے گنڑناواہ
نبزانی ہانٛزِس وُنِل خیالَن
یُسے مُلُکھ وٚوٚتھ سُہ اُس ڈٕہرتھ
یُسے بُبر کھوٚت تمِس وُکرمٔنی

وُلٕس شٔہرس پھُٹ تماشہ بُلبُلٕھ
لبوٗ پتہ مونٛہوٗ کھنگالہٕ ترٛوٚوُس
ہٕنٛٹس نٔبس پھانسی اُچھو کٔرس گتھ
نہ موج سمجھس نہ مول ڈٔیوٹھُن

نبراشہٕ ہوٚندُر وُجارٕ ، یٔیتی نَس
نہ بانگی کانہہ راژٕ گاشراوان
نہ دلیوتا کانہہ دِوٗر بساوان
دِلس نہ آہی ، اُچھَن نہ توقع

# قعرِ دریا سلسبیل

قعرِ دریا سلسبیل و روئے دریا آتش است

غالب

پہ نار وُہی نے ، پہ ترٛیش ہُری نے
گولاب پچھے شہہ ، شراب پچھے اُچھ

شُمارما اوے تیتھ وُڈٛر پیٹھ
مے ازلہ موکھی کِرٛ زاٛلی سیکھ پھر
وُباٛلی نظر و وٛنی کرٛ ہنی شیٛچھ :
بے پرٛتھ چھ کوتاہ اُبدی سمندر!

میتے یتھے کُنہ بے شونک ژھَل گوو
گنداں گنداں گوٛ عنبارٛی وولنس
مے ما خبر اُس یتھ وُچھس تل
سَنت بنتھ بُلبلے مے کوٛہم

خوشالہ ہرناہ گنس وَلس منز
وُچھان تاپس گنداں ژھاین
نظر پھرٛس ، ناگہ واٛنی پرٛ ژھنس :
زٛکُس ہتہ حاراں اُچھو وُچھاں کیاہ ؟

وُں ما چھُ کانہہ ٹھوٚر؟ وُں تُل نظر سیوٚد
اَزل مٔنٛز یاوَر، اَبد ژٔ تامٔج
قریب ــــ بیٚنیہِ ہَن، وَچھِس وَچھاہِر
چھُ لولہ ہوٚت دَم مُژھِج خوداَیی؛
یہِ نار وُہِ نَے، یہِ ترَیش ہُری تَے
گوٗلاب چھُے شہہَ، شراب چھُے اُچھ!

جنوری ١٩٦٦ء



## ژُمِصرأے

جوانی منز حُسُن قوٚدرتھ، کرامَتھ
چھیٚتِن پلوَن ٹُلاریٚہہ تُتی گُلِستان
وُں گوٚو لوٗکُ تہٕ آسِس پاسِ خاطِر
ژَژَن یِم سَتھ زمیں، وَتوَن نوٗ اسماں

١٩٥٨ء



جنگلی ہرن وُڈر پیٹھ دِواں وُنی
نہٕ تاپہٕ ترٛاہ نہٕ ژھایہٕ شیہلتھ
نہٕ گاسہٕ کرٛٹ کھۄرٕ نہٕ بارٕ کوٚنڈ پھوٚٹ
اَلآنٕز پریٚتھ طرفہٕ ترٛیشہٕ ہٕز لرٕزھ

ژٕ اَتھٕ گیٚٹھ منٕز دُبارٕ زایکھ
وُرٛژھے سوٗدآیِنج مےٚ پرٕزناوکھ
ژےٚ زٕنہٕ سُے ژوٗنٹھ شاخہٕ وولُتھ
مےٚ آیہٕ وے زٕنہٕ سوٗے خوٗدآیی

طُوفان ما اوس نوٗحہٕ سُندہیوٗ
دٕلوٚ زٕ کرٕناوِ تارٕ دِمہٕ ہوٚ
صراطہٕ یُس پیوٚو ترٕٛن کُنےٚ توٚر
نہٕ ژےٚیےٚ کوٚدوٗرتھ نہٕ مےٚیےٚ شکایتھ

گِنداں گِنداں اَسی یہٕ وآتی کوٚت از
پھٕرِس وُزاں سوٗنہٕ چُرٕ گیٚشاہ چھُم
سہٕ باغ پوٚشن بےٚ داغ مٕلکن
مےٚ ژوٗنٹھ اَنگراگ چوٚن کآفی

خوٗدایہٕ کُس جاآدی گرٕ مےٚ سٔمکھبو
ترٔنِ اَمِس نیاآدی پوشہٕ نرٔمی
قدم اُمِس زاآج پیٹھ زلُرزن
وُنی کِھنداں ہَرِنہٕ وُنی کھمَاں سپہہ

درازدٔستی پتہٕ پیٹھ کاٹٕراہ
رٔشلیوٗ! یِٔنو چھسِتہٕ وان دٕرامِتہٕ
مخولہٕ ما بٕرٕانتی ژھایہِ کرِتَم
ژٕ ذاتھ بُترِاتھ باو ـــــ مانوَ

موٗیِس ـــ مےٚ گنڈِتَم رُمَس رُمَس رٕہیٕہ
وُباَلی واٚنٕج وُچھتھ ژٕجم کوٚت
مےٚ کوٚہ پُتھرِس پِلان کانہہ انگ
کَنَن مےٚ یِکھِہ واو ہیوٗ گرٕشھاں چھُم
یہِ کرِشھ سیاہ گوٚبھ، بہٕ کور واآژِس
مےٚ دٔامِہ چھاچوٚن یہِ ناپہٕ آگُر!

مٔتیوٗ پرکٔرِشٕ ژٕاکھ ناں ووٚلمےٚ

# تخلیق

بَرس دِرٕتھ زیر، اَژٕ، بٕہ چھُس یِیتی
ژٕسونہٕ واوُک اَباسہٕ وُن وُبہٕ
بہٕ یِتھ وَنٕج ناگہٕلتھ دِواں وُنی

مےٚ زن چھُ کَنہٕ تام برٛونتھ گومُت
یوٚہے شُنٛس منٛز شُروٗتلٕ قدم ہیوٚ
یوٚہے نِصف راَژٕ زن وُژٕن کرٛو
بےٚ سوکھ سَرُف زَنتہٕ گاسہٕ بَنہٕ شروٚپ
وُنیُب چھُ مشکل بہٕ آہوَے ژُو
ژیُہا ٹھہر کرتہٕ وارٕ وُچھہَتھ !

نہٕ، بَرمہٕ تھُو دِتھ، مےٚ چھُے گوٚباں شُہَہ
ژےٚ چھَے وُتھَن بِیٹھ برٕژھان ماٗنِتھر
یہٕ کُس مَشرٕ گوو بٕہ چھَس کُنی ژٕنی
ژےٚ چھُے بےٚ پرٕتھ کَہُرِیا اُچھَن منٛز
بٕہ واسش کَڈہا، چھےٚ تنگ یہٕ کوٚٹھر
بٕہ ترٛیش چمہٕہا، اَلاو چھُے شُہَہ

# آوٕلُن

مےٚ چھُنہٕ پانس تگاں بوزُن ...... یہ وٕنہٕ کیاہ !
ژےٚ چھےٚ خبرے ژُھکہ کرِشن کتھٕن ہٕنز
مےٚ کرِتھ مٔسوٗل ۂنگس پیٹھ سوسہٕ نیٖم
اُچھن وُنہِ گاش چھُم توٗ کٔنۍ وُچھاں چھُس
یہ کٔمۍ سُند اوٗش مےٚ اَچھ پھرِ پھرِ وُچھاں چھُم
کٔنۍ کوٗل شوٗر چھُم : اَبرٕ زیوٗر اوٗسکھ
رٔنگس اَنگس وُڈالیو لوٗر اوٗسکھ .

وٕنیوٗمس ، تی بظاہر پوٚز وٕنیوٗمس
ژےٚ روٗس چھُم زندگی روزاں زٕدٕل ژھےٚ
ژےٚ روٗس دُنیاہ شٕنُس منز براٚنتی نادٕن ،
وٕچھس ما دار چھُم مُژرِتھ یہ ہاوس :
یہ وٕچھ رَتہٕ کوٗل ہینہٕ ژاٚنۍ پوٚت کٔل
اگر اکھ ٹیوٗک ژٕکھ وانٕنس گرٕنگی سونتھ !

نہ ژٕرے وٕں دِونا نہ بٕلے وٕں حوٗا
نظرٕ نظرٕ چھےٚ اوٚنگوٗری پرٕیڈَن
ہٕنص ہٕنص چھم پھرٕ لکان تارَکھ
زمینہٕ ہُند سرٕ ہیہ وُزیوٚے بُموٗتٕلہٕ
مےٚ اوٚنگجہِ شیہلیہِ وُزلَن منزٕ!

یہ دارٕ دِتھ آس رانتھ شامَن
نَتاہِ سہے خاب وۄنمُت میٚے

سنگرٕ چھِ وہ شلاوٕ ہتیٚ پرٕ باتَن
ہوا اُڈی پیرٕ اَز چھُ ترٕاواں
چھیٚے یِونہٕ پھوٚجٕہر ہو آنٕگنٕچ تھرٕ!
برٕگ برٕگ چھُس طراوتُک رنگ
مُشِک مُشک چھُس اَثرٕ خُمارُک
لَہرٕ لَہرٕ چھُس پرٕتھاں جوآنی

دِلو! مہ کرٕ گانٕگلیہٕ وٕں تُلرِن
مےٚ زن چھُ موٚس ژامُت از شرٕیس

مارچ ۱۹۶۶ء



## یَمبرزَلہٕ بیوم وَکھ آکاڈی پوشُک.

وُنیوٗمُس، تی بظاہر پوٚز وَنیوٗمُس
ژٕ رۄس چھُم زندگی روزاں اَپزٕ دٔرے
ژٕ رۄس دُنیاہ اَسُن موردس، شٹھیومُت،
وَچھُس ما دٲر چھُم مُژرِتھ بہٕ ہاوَس:
یہٕ وُچھ اَلماس کرٕ لیشاں چون ارماں
اگر ہیوٚر بون گژھیم تقدیر ڈولیم!

دۄپُن مسوٗل گژھیا برٕ میانہٕ رٕشکے
بہٕ اُمرِ ہتہٕ برٕ ژھ ہتہٕ میٚے پرٕ یٔڈیا زہر وۄنٕ
ژٕپَل وٲنج پٔنٕز ژٕ ہہٕ، وٲنسہٕ پرٕ ارے.

بہٕ ییٚلہٕ بھیوٗرُس میٚے وُچھ وَتہٕ کون گومُت
سٕنیمتی آرٕ وٕر سونچنٕ پدٕس گٔنڈی
ہنگس کھُرٕژمرٕ یہٕ مسوٗل برٕگہٕ چھُندراں
وَچھس منٕز ژھایہٕ اۄش ہاراں یَمبرزَل

دۆپُن چانِہن اُچھَن وۆتھ ناگہاں دِہ
زُہَر بِنٛز بِنٛز پھوٚٹمُ ماچھِرۍ وُٹھَن سُے
تہٕ وانٛجہ منٛز مےٚ کوٚرَن گیٚمی کرٕم جاے.

خبر دِیو آسہم وۆتھمُت اُچھَن دِہ
مگر مےٚ چھُ یاد بَس اَکھ ژِہُہ، اَکُے وِہُہ
نوٚے اَکھ وُزِملاہ تٕر آلہٕ وال وٚزِھ
کنَن آو مےٚ گےٚ سوٚدرن گوہِن ہندی
رگَن منٛز تُلپتالِکی ناگ تمبلیم
وُنَن ہندی وَن گرِزاں یوٚزِم شہَس منٛز
کنَنبو تٔتی سینہٕ پٕرآٹھ لعل نٕنٛز کَڈی
پھوٚلِم رُم رُم تہٕ مُشکبٕز دار آیِم
مےٚ دۆپِمَس مسوٚلی! دۆپِتم یمبرزَل
دۆپُن گِرِ گِرِ کمیک، دۆپِمَس بوٚمبُر گوم؛
پتَم پیٛار آس ڈیٛٹھم خابِ ہکٹاہ ——
تمبرتارِک تہٕ تارِک تمبرسِداں
پلاں بُنٛز آژٕ نٕر آکاش ٹوٚرِن
دوٚدِیُش زُنہٕ گاش سگواں پوشہٕ پنٛھرِس،
اُتھی اَندرہ تمبرِ وُچھی تمبراہ، ژُہٹَن بِرُہُہ:
ہتو تارکہٕ! مےٚ ہکِی چینہٕ گیوٚر لاریوٚے

# نیب

بیٚیہِ وۄتھ نۄکھ سۄے قاتِل دوہ
یِیمہِ دوہہ ییٚمی زٔھلہٕ گٔری سمسارن
اٚنی سارِ پکان بٔلی وٗنی دی دی
اَزٕ بیچہِ عٔنبی گوبھِ مِنزٕ تھیٚپھ دِتھ
کَتھ تامتھ کیا ہتامتھ بِلوتھ
زٔنیچ زٔ گیچ بِسلاے تٕلتھ
میٚترِ ٹٕجہِ تٔگی زٔن چھٕرِ ییٚمبرزل
لیٚوت ناپرٕساں بوٕسٔر اٚذلسٕ

اَوٕ۔۔۔اَوٕ۔۔۔بیٚیہِ پیٚو وٕبتزٔآرٔ جمبٔر
افسوٗس! وٗل ڈٔلہِ بیٚیہِ سونہٕ ہوا
پرٕ ییٚنہِ تاپھ ہٕتہٕ اوٚندلوٚکھ بیٚیہِ وُچھلم
نٔب نیلہِ، پھٕٹتھ یِن کٕجہِ بامَن
کیاہ گوم! ستنٕت سٔتہٕ تٕت کٔرہٕ کٔرٕ
مۄے ہا گَل چھس بیٚیہِ رٕیہٕنا وِم!

یہ مسوٗل چھُم تہٕ چشمن نیٚندرِ شہلتھ ،
یہ ییٚمبرزل تہٕ وانٛجہٕ ہنز وُشنہٕ وُچھ ؛
مےٚ چھُنہٕ پانَس تگاں یوزُن یہ کرٛ کیاہ
وٕنِیُن مُشکل ژھوٚلِتھ سمسارس اندر ۔

جُلے ۱۹۶۶



## رُباعی

قدرٕ یُس تےٚ رٕچھنہٕ پانَس سُہ عارِف
کراں بیٚیے سُند بجربرجستہٕ تسلیم
وُن گوو کانہہ ہیوٗ بُتھ پننِس ضمیرس
بےٚ شورس تس ہیٚوٗ تووٕ تہٕ تعظیم

۱۹۵۸ء



بُتہٕ کیاہ پوٚت دِگرِچ گامہٕ سٹرک
تَن تنہا پرٛاراں ہِیہٕ لوسمُ
کُنہٕ کانہہ چھُنہٕ ، کانہہ چھُنہٕ ،کُنہٕ نہٕ کہنٛۍ!

وآراگ تُلمُ یئمی یادِ دوٚترِ
اَتھ زالسَ اُتھر کیوٚماہ لگہٕ ہے
میٚنے پلہٕ ہیم بۓ پنہٕ پنہٕ کرہن ـــــ
ہے موجی! بانبر منٛتہٕ کرنمَ
منٛے چھُمسَ وُنہٕ ژھوٹ، وُنہٕ تیزنم رنگ
وُنہٕ جوے خیالن ہنز جیلیم
وُنہٕ ناگ اُمارٕک تال ڈیٚم
پنہٕ پوشپرٕ آے تہٕ ین کانٛیاہ
منٛے چھےٚ اندرٕ دِلسَ ہنگرائے وُزاں
ازنئےُ تہٕ پگاہ منٛے تہٕ واتہٕ ینُن
مئہٕ مون تہٕ محرمِ راز بوٚمبُر!

دِلہٕ میانہٕ تہٕ آشاوانہٕ دِلو!
دوہلہٕ وانٛتھ پیوٚے سُے قاتِل دوہ
ییٚلہٕ سورُے لاتولُق دُنیاہ
سنگ ساتھی سٔدرٕ تہٕ بندبانڈو

ہے بیقل پانہٕ ! ژ کتہٕ روُو کھ ؟
وولہٕ نیہٕ گرِٹ ناگہٕ بل از بۓ نمتھ
روپہٕ گاڈ بہٕ آب زلالہٕ چھلتھ
ہی تھرٕ اوےُ أطلاس وٕ ے
پمپوشہ پدٕ ن پانٕز بیہٕ گیوٕ ے
وولہٕ آہنگی بٕر ڈیکہٕ میوٗ ٹھ کرٕ ے
وُچھ کھس ہیرٕن ، کتھ خلوکھ چھے
لبہٕ بیٹھ بۓ دِ ے وٕنی اَہنٕہ بنتھ :
یمہٕ اَچھ چھپِیہ کِنٕہ مَدروٗسی کٔرن
یم وُٹھ چھپِیہ کِنٕہ دٔچھ باغس گرٕ یکھ
وٕچھ وِوگنیا رٕ کی یم سوٗدرٕ مکھ
کُس بختاوٕر منٕہ شرٕ وٕ پراوی !

زلہ کرٕ زہنٕ ، بےٚ مرُوتھ ، پوگہ موغل
ٹپ ٹپ ٹپ ٹپ ٹپ ٹپ ٹپ ٹپ
زٕہہ زٕہہ چھُ کڈاں کجہٕ وانجہٕ ژٕ ی
وزِ وزِ چھُ دپاں شینہٕ مأنی گٔجکھ ،
مےٚ چھُ پرِ ٹھ کتھ وونی ییٚنہٕ کال بناں
ولبہٕ سٕدرٕ مےٚ آسم ، ژٔجہٕ واریو
کم خاب زٕ ہیم ، وٕ تہٕ پھیٚر کوٕ زہم

# سۆدرٕ پھیُر

چون خط ووتُم، پھیُرُم، مُژرُم، پۆرُم ——
ہیرِ لوٗن ولگبو تہٕ اَندۍ کھۍ پھٹ وُنٛلٕ
تیشتھمکۍ ٹیبل تہٕ شیشوٗ ہلہٕ اوٚندُر
چوٚنہٕ لبٕ، دفترٕکۍ کیلنڈر، ستۍ باٛج
ژھایہٕ نبۍ نبۍ گاڈٕ وُژھ یرٕ دارِ کنٛۍ؛
اُنتھ رٕوٚس سوٚدراہ، نہٕ کُنہِ کانٛہہ بوٚٹھ نہٕ تار
ژھایتِس منزٕ ژھاے اُندٕ وند ڈاپھ دِتھ؛
وَس —— مہٕ وَس —— وَس ووٗنۍ یہٕ وِچھ وُژھ تایہٕ زِژ
گاشہٕ ہُد دِتھ دِژایہِ تلیاتال پیٹھ
اَزٕ نتےٚ اَدِ کر وَسکھ، اَدِ کتھ لگکھ؛
اوہ! ڈوٚلُس، رووٚس، پھوٚلُس، موٚدُس، گوٚلُس
نیوٚل اوٚند پوٚکھ، نیوٚل ہیوٚرِ لوٗن، نیوٚل گاش
(یاہٕ مےٚ چھُ کُستاں کُنَن تَل کچھ کرِ پاں
تالہِ پیٹھ چھُم کَترِ زٔن پھٹٕ پھٹٕ لِوان)
مے سوٗ کوٗسہٕ تاں تایہٕ زِژ ہش ستۍ اَس
ظاہرا بنگلاوٕ سوٗ تہٕ یمہِ گاڈِ وِچھ
ڈال کیاہ مارِن! مےٚ تھٔر پیٹھ زنٛہ ناوٕمس

کتھ میوٗٹھ مُبارک باد کراں
ڈٔلہِ وُنہٕ سونتُک ٹیوٗٹھ نیب دِنے
مۍنہٕ مانہٕ تہٕ محرم راز دِلو !
وُنہٕ کوٚت تاں یِم ٹھُٹھ وہتراوکھ
وُنہٕ کوٚت تاں لَبہٕ پیٹھ آہِہ وَچھکھ :
اُچھ چھِیہٕ کِنہٕ وَن بوڈٕ آلبُ تُل
وُٹھ چھِیہٕ کِنہٕ صحرا ترٚیشہٕ پیٚمتۍ !

اگست ١٩٦٦ء



## اکھ مطلع

سوٗرہٕ ڈیرس چھِنہٕ کانہہ واوہٕ رنگے وِیٚز، باوٕ وکُس ؟
زِتۍ نہٕ مُنزراوِنہٕ اُچھ، خاب کوٚہ موٚنٛد اَسی ہاوٕ وکُس ؟

١٩٨٨ء



# مُلاقاتھ

دٔہپٕنی نَد وَتہٕ پیٹھ سَمکھییَم
جبسہٕ وِبسرِمتی اَتھٕ کھور رآوِم
گِتہٕ شوقچہٕ منز گلہٕ زِپو مےٚ گیَم
ووسہٕ آمُت ووندہٕ لوٚگ آوِلنس
وِچھرِوِنہٕ اُچھ روزِم وِچھنہٕ وَرٕے!

ژھوپہٕ روٚٹمُٹ لَتہٕ تَل صحراواہ
زَنڈ واوِے شُرِدنہٕ پھُرِژکاہ کَرِہے
کُنہٕ کانہہ چھُونا یُس نجدٕ مِتس
ژُکہٕ ژِینتھ کُنہٕ لایَم نہٕ پرٕژھِم
کَتہٕ اوسُکھ؟ قافلہٕ گوٚے نیرِتھ!

ستمبر ۱۹۶۶ء



ہےَ مژٕی اےَ ژاَل، وچھِی بٕتہٕ ہےَ یِکےَ
بٕتہٕ چھُسےَ مَدرسہٕ سُلی آمُت ژُلِتھ ؛
وا ے یَتھ دٕہہ سروٕنگہٕ اَندر پُھکٹُو مےٚ وَچھ
یێتہٕ چھُ بَدہے باغ، بَدہے پوٗش، بَدہے جاہنوَر
نَب کرٕہُن، اوٚند پوٚکھ کرٕہُن، پوٚدتَل کرٕہُن ؛
روٗپ بُدلاوِتھ چھےٚ بولاں نوٗش لَب
ژھایہٕ ےَ تھوٗ روے تھێکی یاوُن یِنُن
چانہٕ زُلفُک رنگ تہٕ جگرُک داغ میون
وولہٕ وُن کُس ہیوٚر بون چھُ؟ اَوِ ژٕشُناہ کرَو ؛
آہ! لوٚتھ! ینجہِ دِتھ روٚٹُم، وولہٕ دَم سَنبال
یێتہٕ وُزاں اِنٛہراہِیٚ زَل پٕرِدیہ سوز
یێتھ چھےٚ رَتہٕ راتھٕنَ ووتھاں یوٗقوٗتی بٕرٕتھہ
پُھٹہٕ کرٕشرٕن لوٚگ پھیُر تہٕ پرِبزِیێ موکھتہٕ گنج !

اگست ۱۹۶۶ء



خیالن ہندِس خوشک ناگس لجی گڑبکھ
ژےٚ بُتھہ تبند گنٕرِس ژوٚنٹھ نیرٕنک بوٚر
تہٕ شوقٕک ہرن دژاَے دٕو پوشہِ مرگوٚ
رُتے گوو اگر قبرِ منٛزٕ کھوٚت گولاباہ
مُبارکھ اگر چانہِ وچھِ لولہٕ ربہِ وُژھ
وبژاں چُھکھ نہٕ کُنہِ، کہکشانس بچی نٕر
بےٚ بُن راَژ ووپدلوےٚ پھل زوٗنہٕ گاشُت
وُزیی اوٚرزماں وَتَن چژاپ سوتیٖج
بےٚ توقع اُچھِن تَل بھوٚجی یوسمَن تھٕر
ژلوٕ ٹیوٚک تہٕ وُچھتھَن وُشنہِ تاپہٕ زژاکھ
بےٚ شوٗنکس سٕرس واوتھتھراے سپھی
ہوس چھے کڈاں کل تھکوٚ عالمس کتھ
دِلس چھے گرژھاں متھ کرو زوٗل بالن
ہوا چھے دٕیاں: مس مُشک باگراوٚو
فضا چھے ٹُلاں: سازتُ راز باوٚو

مےٚ نِش چون منمتھ چھہ مُشکان دوٗری
مےٚ دوٗری سناں چانہِ خوٗنہرٕ غمک کوٚنڈ
خبر چھم ژےٚ سوکھ شانتھ جگرس لجی ژبھ
بےٚ مُشکس پیوٚوے عشقہٕ الماس لُلوٗن

# پٕژھاو

بِتھٕ نۍ گرٛٔھی اَکھ کتھا اَکھ بہٕ پٕژھہٕ ہے
بۍ پٕژھہٕ ہے نہٕ ، پٕژھہٕ گار لاَجم ضمیرن ـــــ
بُڈِس کافرس یتہٕ چھم کام گامژٕ ،
گرٛٔھس بڑونہ کُن سوٗزموٗت وُٹھ پھیشاں چھُم
ہمس ژھیپھ پتہٕ شانکان چھُم ژھاے لاگِتھ
ییم راتھ کیٛژت ہہ اُچھن نار وُہوِتھ
پھٕرِ کیم گاشرٕس کاوٕریومُت سرُف زلوٕ
دِیاں چھُم : " ژٕ کتھ بیٹھ یہٕ زلوٕ زیوٗٹھ لاگاں ـــــ
لوٗر چھکھ وُٹھاں سیکہٕ پتہٕ واوس کراں کوٗم ؟
خبر چھم ہنٛدری ہڈٕر اَوحال اوسے
نہٕ مُشکے ہواوس نہٕ موٗے زمینس
چھوٗنے بالہٕ تھوٗنگ چانہٕ بےحس ووٗجوٗدُک
یُتھے گرٛدیشہٕ ترٛزٕس تیٛتھے ماگہٕ شیٛنَس
خبر چھم ژٕنے لوٗلُک جمبر پیوٗے نصیبس
امارٕچ دُدٕر شولہٕ ناوے گُلالوٗ
نظر پھانبھلیی سحرٕ وِرٕ وُلنس منز

عٔشق چھُے پٔتہٕ یِنہٕ عشقہٕ پیچان لاگِکھ
وۆلُن نال یِیٚنتھ رٲنٛٹھ سوٕے کأٹھرٲون
خبردار چھُے یُتھنہٕ بٕلہ ووٕٹھ کَڈی دل
پٔتہٕ پوٚشس مُشک زَن گرٛژھی راز اِفشا
نظر تھٲوِزٕ یِنہٕ ناگ وُزِنےٚ اُچھَن منز
پٔتہٕ ظُلماتھ ہاوِکھ بےٚ توفیق لوٗکن
اگر جلوٕ حُسنُک بنیوٚے ترٛلیش رۄچ
کُنی دامہٕ قُلزُم چنِکُ حوصلاہ کرَ
دُھٹَن سٕریہٕ کوٚرُتھ، زان، دامانہٕ چھو لتھَس
کتھَن پَن ژھیوٚنےٚ مان، ہِش ہانٛژھ اُنِھتَس
اگر عاشقی ہنز شرافتھ رٕژھنہٕ چھےَ
سُہ انداز رٕٹھ ناز معشوق سٕیدکھ
نتےَ خود نمأیی زٕلرِی زال وۆنےٚ
نہ حُسنے یِیی اُتھی نہ عشقے کرِی پرٕژھ
ژٕییٚسی نش گرٛژھکھ سُے دَپی ذاتھ کیا م چھےَ
مےٚ تے بٕرونٛٹھ کُن یِکھ بہٕ ما پرٕزٕناوتھ
مُشی خارَ یا ٹھگ خیالے مےٚ ڈیشتھ
بٕنتھ بارٕ کوٚنڈ پرٕشتھ پُدرِس بیٹھ پرٕژھے بو:
ژٕیتھ ہنگہٕ منگےَ سِتمکھنس میٔل وناں چھکھ
تمُک ظون سُہ وَتہٕ پوٚر ماموٚنڈ وقتن؟

یِمی شمٕہ سینٕس وُزلیوٕے گاشہٕ آگرُ
تمی شُعلہٕ پیٹھ وَن دوٗدٕے زندگی ہُند
یِیتھی آواز منز بوٚنہٕ پیٹھ گگلہٕ بوٗلے
تِتھی آوازِ پیٹھ محشرُک تاپھ تیز لیوٕے
صُبح چھُے دِیاں وال پرکاٗلی نالَس
تہٕ شامکُ صلاح چھُے زِ گرٕژھ خودکُشی کرُ
دِلُک نار ژھیوٚرا وٕنکھ خوٗن ہاٗرِتھ
تہٕ مجلوٗں بٕنِتھ پیٹھ وٕ تِتھ خند کرٕنکھ
کہیں نٕے تہٕ ذگدار کانہہ سیر بوجاہ
زٕ ہٕتھرٕہٕن تہٕ تسی بادٕنکھ دود سورُے
مگر زانہہ تھرٕن توٗگنہٕ انسالَس انساں
نہ توٗگ کاٗنسہٕ اُندٕہیتھ پرٕن کاٗنسہٕ ہُند دِل
چھُ پیٹھ کالہٕ دوٗنمُت یہ اُکی نوکتہٕ دانٕنَ
زِ پرٕنتھ کانہہ نفریتہٕ چھُ ناخاندٕ وَرقاہ[۱]
توٗ پیٹھ زٕن ژٕے سمکھی تہٕ کانہہ تیٚتھ خودایاہ
یِنٕدِرٕس وٕچھیٚس تھاپ تٕلہ چاٗنی واٗنج
اَمانَس وٕنکھ کیاہ تہٕ کِتھ پاٗٹھی وٕنہٕس
لوٗتی بار سینٕک تہٕ تلواس برٕادی

---

[۱] کوئی آگاہ نہیں باطنِ ہمدیگر سے
ہے ہر اِک فردِ جہاں میں وَرقِ ناخواندہ
غالبؔ

# گِنداں

بڑِژھ بڑِژھ چھُم یَتھ سوخُتہٕ جانَس
ییٚتہِ تَتہِ رَژہہِ تہٕ پڑِپڑِژھِس ناوِ
نَہ چھُ ظوٗن تُبتلہِ نَہ زلو اَسمانَس
ژانگجہِ ریٚہیہ چھُ گِنداں کُس واوِ

اگست ۱۹۶۷ء



ژٕ ییتھ آمہٕ تاوٕں عشق ناو تھوٗوتھ
سہٕ ما داغ باساں چھُ تس شعلہٕ رویس ؟
اَنٛزُل چھُکھ کڈاں ییتھ طرحدار خابس
سہٕ ما آسہٕ تس داہنس چاکھ باساں ؟"

یہ زہراب یس تیلہٕ جمس تہٕ جانس
تس ہرگاہ تہٕ برزِتھ امرتک ظون تہٕ کرِ کیاہ
بہ چھُس چانہٕ پُرژھی ییتھ ٹسنگستانس اندر
اَہن سنگریزَن وناں لعل وگوہر
مےٚ چھم چانٛی پھولہٕ ونی نظر سونتھ بختک
ژٕ ما چھے کُنٛڈِس پیٹھ قدم میون آسُن ؟

اکتوبر ۱۹۶۶



## تسٕ گوو وچھٕ تہٕ پوٚنگ ژہ

ہنگہٕ منگہٕ گیہٕ آواز
گنٕز آواز
زٕنتہٕ جبش دِژ ڈولس ژٕنڈ
لشہٕ جنگلس وٕژھ روتہلہٕ ریٖہہ
زن گوٚبھ منٕز نیرتھ پادٕر سہہ گرٕوٚٹہٕ گرٕزاں
زٕنتہٕ وٕڈٕر پیٹھ وٕزلہٕ مانڈاں گرٕدلشکر
زٕن پولادس پرٕاْ اِتھٕ ٹکہٕ ٹکہٕ وٕز تلوار
زٕنتہٕ نصف شب اوس تہٕ تتھی منز گوو نبٕ گرٕزٕن
زن واوٕن دیٖت سوٚدرس چھوٚنچھ
زٕنتہٕ بٕنلی ہیٹھ آیہٕ تہٕ شٕنوٚنی طرفن وٕژھ ہِکراے

ہنگہٕ منگہٕ گیہٕ آواز
پٔنہٕ نوٚ بٕوٗز آواز    پردلوٚ بٕوٗز آواز
بیٚکہٕ لبوٚ چوٚ کوٗشرٕ    کاوٕو رٕژٕ سنڈاس
کینژٕن کٔنہٕ یوٚقوت    کینژٕن منہٕ شنکیاہ
اکہٕ اَندہٕ لیٚدرٕیے موکھ    اکہٕ اَندہٕ کوسم پھوٚل
ہٕتہٕ کھوٚ پایہٕ وٕنٕل    ییتہٕ نیہٕ ناوی سنگر
ہٕمہٕ اچھہٕ تہٕ کرٕہٕ سن عوف    یمہٕ حیشمہٕ تہٕ پرٕینٕز آش

# آواز

ہنگہٕ منگہٕ گیہٕ آواز
نٔنۍ آواز
نٔنۍ تہٕ پرٛیٚنۍ تہٕ سٔنۍ آواز

اَنہٕ گٹہٕ ہُند اکھ روٗپہٕ گوٚمُت بے اَنٛت تلاو
پتہٕ اَتھۍ کھوٚت ژٕکہٕ پیٹھہٕ تُوٗرٕ بۄزکھ
روتلہٕ پچ یینکہٕ لبو مٔنزی وۄنٛٹنۍ
تٔسۍ گوٚو ہٹۍ روٗپہٕ ہٹنۍ
نیٚہہ گٹہٕ زٔن گوو دَمہ پھٹ فضہس کُتجہٕ ہنگرٛش ہُند ہٹرٛی ٹہٹرٛی
راتس ہُند ریمبرٕ کنٛڈی تھرٕ پیٹھ صُبحہٕ تاپہٕ زٕژ اکھ ڈیشتہٕ کوٚر
یاٗعی مُتٕلرٕو
گرٕ گرٕ گرٕ
زنہٕ بےٚ سَتھ دروازس کٔمۍ تاں خوش خوٗے پرٛٔژھی کوٚر
دُب دُب دُب
زنہٕ بنراش گمژ کانہہ نازاؔ[1]

---

[1] نازا: ہانٛٹھ زنانہٕ

اَز چھُنہٕ ممکن ییٚبر بَرس گرٛشہِ دُب دُب

اُسی کیا ییٚنڈرِ وٕ وتھو

اَز گرٛشہِ اَندرَے دُبُن ناگ

اَز گرٛشہِ واَنٛج پانٕے بوٗلنہٕ روتٕلۍ ڈگ

اَز گرٛشہِ پننہٕ ضمیرٕ چہِ گوٚچھہِ منز وُزُن گربزُن

شش رنگ

اَز گرٛشہِ پَنٕنے رُم رُم باوُن اِقرٛا باسمِ رٕبی شیٚچھ

اَز گرٛشہِ راٚہی اُمّی پیدِ تھہ

اِلہامس ڈیُن وُچیک پھٕہ

جُلٲے ۱۹۶۷ء



## ژُمِصرٲے

ژھایہِ ژسی کاینا تھ پرٛاٲوِتھ گے

کالہٕ زامتی اَکال چھاٲوتھ گے

یِتھنہٕ باوَتھ سٕہ معنہٕ حاوی کراں

روتٕلین ہِسری پہِ آیراٲوِتھ گے

۱۹۹۵ء



یاہورٕ نبَس بوم     یا یورٕ ڈٕکَس نۄر
اکِہِ طرفہٕ وۄچھَس کرٕ بٹھ     اکِہ طرفہ کنتھَن ماچہٕ
ہُمہِ پاسہٕ یعہ کھرٕ اٰنٛز     یِیٚمہِ پاسہٕ کَنین دۄد
ہُتھ پھٕتھرِ کھورَن زیٛگَس     یَتھ تیغہِ[1] قدم ژھال
ہُتہِ جہل تہٕ لشہِ دٕہ     یٚیتہِ عشق تہٕ مَنہٕ گَہہ
ہوکُن تہٕ یَدِن رٕیٛہہ     یوکُن تہٕ ہَنگَس سونتھ
ہُمہ کَن تہٕ ٹھکِتھ پھمَب     یِم وُٹھ تہٕ ترَنٛم
ہُمہِ کوجہٕ تہٕ تقصیر     یِمہٕ وُڈٕرٕ تہٕ تکبیر

تَنہٕ گوو واراہ واراہ کال
تَنہٕ یَنہٕ گیہِ اکھ نٔنٛز آواز ______
ازٕ تہٕ نیٚبرٕ کرٕبکہٕ ناد سبٹھاہ، پوٚز
اٰندرٕ چھُ سازندر مۄمُت
اَز چھےٚ نیٚبرٕ گاشَن ژھٕٹھ گُڈٕرٕ
اٰندرٕ چھےٚ ژٕاٛنگِس ہاے
اَز چھُ تنوٚمنٛد جسم، اما پوٚز
رۄحس کوٚراں کیٚمی
اَز چھِ ہِنتٕ کِتٕ خاب ژٕوپلسے
اَزٕ اَچھَن کاہنہ ترٕیش

---

[1] تیغ : کوہٕ ہٕ تیغ، کوہٕ ہٕ تال ۔

دوّل تہِ ہنہ اُدراں، دوکھ تہِ ہنہ ژیناں
نہ کاٗنسِہ آلوَ دِنَسَ پرِژاں منَ
نہ کاٗنسِہ ہشَز بوٗلی پرِزہناواں

مگر تمٗس برژونتھ گوو خبر کیاہ
تہ تُجِ میٔے کُن وچھنِہ، شاپھ دُتیمَ
میّے بوٗزَ آدمی کتھو "ٹرِوٹی"
یعنے
لوٗکو! طوطہِ ژوّلُم روٗشتھ
ہے تو ہیہ مسا وُچھوَن ؟

دوّپُم دَلیِسَ یکھ سانہ ژُیھاہبرُ
اَسِہ چھُنہٕ یادے طوطِس یِتِہ ژےٚ کیاہ ئےَ آسے
دوّپُم دَلیِسَ ہرگاہ ہنہ بہاں چھُے
اَسی تہِ ہیُن ژھوّر گومُت ژھوّپ دوّپ پھوّر ہاودے
نہ ہیچی، نہ وُچھے، نہ دِگے
بس کُھڑِ پیِتہ کُھڑِ فرماٗشی لیِہ وُٹھ وُشاواں
ٹینڈی وُپھناواں
دوّپُم .......
مگر سو گرِی کینہٕ گرِی ہنز ہنہ

# أڈے کتھ

خبر سو کرُ اَس اوٚتنِس وُزھمہٕ
مےٚ ییٚلہِ گٔیم نظرِ
تونتہٕ ستۍ اَس تچھان سیمٹھ
بَس اَڈکِس تتھ بے حِس بامَس

یِمہٕ وولیمہٕ باور وَنہٕ
کتھِ کتھ جوٗنٹھ دِواں
دہ گرشہٕ زاں
ہرگاہ میانہٕ بدل ہرِ یُس پرِزِھے
یوٚز یوٚز وَنہٕ ہیس :
زیوٚ کرُ راچھ
یم چھہٕ پکھشی، یم چھہٕ انساں
یم گےٚ دِوتا
آوٚلنِس منز نرژاں تہٕ لہرن ستۍ ژلان
یِیراں تیِل
بوٚڈاں کنہٕ

# یَقرار

مےٚ اوس نہٕ بہان
مَنوش چھُہ مُرتھ تہٕ زِندٕے روزان
نہٕ اَز ژُلِم ساَری شَک
نہٕ اوٚنُم ایمان

خبَر توٚہہِ چھا یاد
تَتھ نِنس تاپَس منز
سِیاہ سڑکہِ سیٚہ مَنزٕس
یِیٚلہِ لِکھِنہٕ آو تُہنٛد بڑٕہُل آیہِ
وۄزلہِ وُشنہِ بےٚ سوکھ کوتر رَنہٕ ستِے !

مےٚ پوٚر بوٚندقہٕ ٹاسہ ستِے
تُہنٛد سُہ بڑٕہُل آیہِ
یَتھ بے پَرٛتھ مُنافِق شارٕ گرٕنز ہیتھ بےٚ حُرمتی چھِ کراں
مگر تُہُے گوٚم نہٕ کُنہِ نظرِ
نہٕ چھیکرس نہٕ سُہ جلشی ہوٚجوٚم تہِ ؛

تہٕ آبہٕ لہرَن سۆ بیہر باشہٕرَ
مےٚ شاپھ ژٲل، ژٲس گوبھِ اندر دیوتا لُکَن منز
تہٕ خارٕ پأٹھکی ترانہٕ بوزاں مےٚ پُرٕژھنہٕ کانسی
بَس اَڈِ کِس بامَس پیٹھ اوسا بولاں کانہہ کیٚنہٕ سکھ ژاپان؟

جنوری ۱۹۶۸ء



## اَکھ مَطلَع

پربھ پاسہٕ وُنی دِتِم تہٕ کُنٕہےٚ یُیلہٕ زانٕی دژام
پَننےٚ پہٕ پان آوِلنکرِ پأٹھی وَلنہٕ آم

۱۹۸۴ء



تہٕ واٮ۪نجہِ وُزیوم گاش ؛
نَہ ،
سُہ آسی وُنہٕ تُہٕی ،
آیہٕ اوس تہٕہنٛدے
مگر کاٮ۪تب اوس کُتاں حبشی
یسُند کوترُ
زیتوٗنی جیبو تہٕ گاڑہو
پۄدٕرِن موٗنٛھ
زِ پتہٕ آوٕنہٕ ہوٗلس تہٕ مُشک

ٹکو ، ڈُبداپہٕ وٕرٕ ٹکو
یہ پھٹے سوے سَرکھ
سوے سیاہ سَرکھ
وٕنی گوٕو حبشی ما آسَن بدل ؛
تہٕ پُرو ناو ہیتھ پٔنٛنہِ نبہٕ ڈٔنٛڈیک
لیٛس رٕچھن ہار چھُ مرُتھ گاڈٕن ہنٛد
تہٕ پاٮ۪ڈٕ خاین ہنٛد ،
پُرو ؛
تُہٕی چھِو پاٮ۪غمبر
تہٕ پاٮ۪غمبر چھِنہٕ مران

جنوری ۱۹۶۸ء

او کوچہٕ پیٚتہٕ کوچہٕ آسہٕ ڈیٖھر
ژھٕنٛدِ ژنٛدٕنی قلبچ یوقوٗتی زٕلہِ مولہٕ واں
جوٗاں مرٕژھہ گاڈٕ آسہٕ ژھرٕنہٕ ژھرٕٹھ کراں
تہٕ زیٖٹھی اُچھرِواں خابَن پوٗٹ چھاواں
مگر تٕہنٛز گوٗم نہٕ کُنہِ نظرِ۔

ییٚلہِ نہٕ تمہِ زیٖچھہِ راژٕ سُرٕکہٕ ہیٚٹھ اِژھہٕ تہٕ کوٚر
مےٚ دوٚپ (بخشٕ گرژھِم) توٚہہٕ چھُوٚہنٕ نیٚہٕ دوٚند پرژو وُمُت
تہٕ اَچھوٗس وُنی نٕہس برٕ مُرٕژٕ رُمُت
ییٚتہِ دوہٕ دکوٗلہٕ پھٔیٚ وٗساں
تہٕ رٕنٛگہٕ رٕنٛگہٕ جاناوار لنٛجہِ لنٛجہِ وِہان
پھٔل کھوٗواں، بوٗلان، باشان
گاٗنٛکلہِ روٗس۔

مےٚ اوٗس نہٕ بہان
تہٕ اَز ییٚلہِ پٔنٛنو اَچھو وُچھم
اَتھس منٛز سیٚ قلم
وُٹھَن ہیٚٹھ سوٚے ٹُرٕژ گرٕ ہیٚز
نظرَن منٛز سیٚ رنٛگہٕ وٕلی نیٚہٕ دوٚند
مےٚ ژٕج ساٗرے گاٗنٛکل

نہ ییہ وُن وُچھ ہیتھ کانہہ کتھ پڑوتے
دوونی ہرگاہ یتھ کوٹھرِ خلوکھ وُنی زِ تہِ شوبیس
ٹھرٕس چھُ کأنی رنگیں شیشہ،
ریشمی پرد

اَز آس برسوار
سری یہ تہ لوس
وُنہِ چھیم تلہ پدی گمہ پرٕڈاں
"اَز چھنہٕ کُنہِ اَند کانہہ وَتہ زاگے"
اَتھ یہ ہٹھ چھنہٕ وُنہِ شیہلاں
(بنصف راتن برٕ وُتھی تھوی میو برٕ میانہِ اَژو لالہ ژرے)
"موکھ پرٕینی برٕ اَژِ" پاٹی لہر ہیتھ
سُرٕ ڈیرس دیوٕ وُزِہ تیمبراہ
بجلی بتہِ ژُپی ہیٚیہِ سوہٕ پوشُر
شیرازِچ شب قدر عزیز
دیوکُنہِ رگہِ ییہ سونتھ!

نہ نہ
مےٚ لسا دیُت سونتس آلو
کوودکھ پھرتن موٚلن سریہہ
پرٕ آتھ کیاہ ہیکہ؟
تیٚلہِ چھم زالُن سوٕ ... بارغ ا
جنوری ۱۹۶۹ء

# بیچارٕگی

ٲڑ بلاے گیہِ دَفع !
اوّن درویشاہ
بےٚ شوٗنک پاٹھۍ اوسُم ژٔرژاں
رامہٕ ہوٗن
دارِ تلِۍ اوسُم مُنٛزی کھونکھنہٕ ژھاے پھراں
کُنہٕ وِزِ زلو پیٚہِس
تہٕ سیٚہرس گرشہِ ہیٚم فاش

وٕچھ اَزتامتھ ما اوس اوکُن ظوٗن تہٕ میٚٔ گومُت
اَڈ بٔرٕ ہیٚہ گوڈ
اَڈ دِمہٕ ہیٚہ سَگ
بےٚ کٔرٕ ڈاٚنہٕ پربرٕژن تاں وۅ کھنَے
بےٚ چھُس آدم زاد تہٕ مخلوٗقن سرتاج

خاَم
وۅذٕ کوٚت کھسہِ وٕلسُمٕنہٕ شیٚہلیک برٛہم

وۄنہِ ییتھ ڈولس کَڈِہے ژٕنڈ

وہمہٕ گُماں تہٕ اوسنہٕ ییتھ کُنہِ بێیہِ وأتِھ

ویسے اوس کُٹھِس بَرِ دِتھ
ڈٕہنِہ جوسۆسی کتھِ اوسُس دہلاہ دہلاہ ٹُلان
مگر
ظأۄمس کیاہ کرُیٚ زٕ
کُٹھیہٕ رِن کھُستھ کرٕ نکھ لأجنٕم:
"ژٕرِہے بیچھوکھ، دارِن شیشہِ کیاہ؟
رسم؟ —
چوٗنہِ لۆٗنے کرُیٚ زہِ مکھ
دلوٗنہٕ آنگنَ کُن تہٕ زاہنہ بُلہِ ہی نظر —
واوِچھے آمُت تہٕ سوٗننگ سال چھے
وچھ یہ سوٗرُے باغ بێیہِ وُزٕنوٗ وتےٚ!
مےٚ زانہٕ کھے نا؟
یہ میون پچ پچ ژےٚ یاد پاوی
یۆک سُہ وُبہٕ وأرِ سوٗنہٕ آرُت:
امہٕ پھر تیچھُرٕ زیٚلوٕ یہٕ تیرِ ڈیشتھ
چھےٚ کأف اکھ ژھال ژٕتھ واوِچ

# موکھ پرِتھ

وٕہمہٕ گُمان تہٕ اوسہٕ
یِتھ کُنہِ ہنگہٕ منگہٕ پییہٕ وٲتِتھ
تہٕ دارِن درِچن پاوِ ژٔتس،
وَند، شُشر، ژھوپہٕ، مُشرف، کاف
وٕہمہٕ گُمان تہٕ اوسہٕ

تیٚلہٕ ہرگاہ یِتھ کُنہِ پییہٕ ہے
اَنگس اَنگس منز کڈِہن وٲنسٕہ کُلی کاڈ
دِلہٕ چن اَندری اَندرِ گوپھن منز
ہانکلہٕ دِینہٕ ہٕن وحشی قِدری
رٕگہٕ رٕگہٕ گژھہٕ ہٕن تتہٕ رٕتہٕ ناگ
سیٖنہٕ ترٕن منز ہمسوٚس لگہٕ ہے پھیٚنژ تیونگن
ہاوس دِگہٕ دِگہٕ کنڈ پھٹرٲوِتھ لبہٕ ہٕن ازلُک گاش
مور نٔژہے
پاز پھریکہٕ ہے
میون وُجوٗد اَن ووتُت جنگلُ

# لیلا

شامہٕ ژھایہِ
آب زُلایہٕ ژھوٚپ دوٚپ ناگہٕ پوکھر وُچھمکھ
بڑوٚنٹھ مہِ بڑاندِ وُتاوٕلی یاوُن بُتھ دڑایوٚے

روتلی جنگلُ پتہٕ گٔھلی جہاسہ
شبنمُ توشتن بوٗلی رٕہج :
دوٚپہے: کوٗنتی کُنیکُ سرگمَ چھیٚ ہُمن وُزاں
دوٚپیتھم : چانٛس سینَس منز پڑپیٚتھ وولرِچ ژھال

ژوٚدُہَن وٕریَن پیٹھ وونہ ژھٔنہِ ظوٗن :
وٕرسے منز ما ہوا گِنداں اَندوَند جنگلٕچ لیلا؟

اَزیٚلہِ صُبحَے پتہٕ مس براندس پیٹھ کُلُ سمکھیٚ
یونس وُژھ رٔیہ
تسُ بی ژھیٚنہٕ

رَنگن زلوٗن رنگ، مُشک مُشکن
تہٕ بُلبُلو کرٕاو کرٕ زرِ پوٗشن)
پۆزُے چھُ بےٚ واریاہ کالٕ ازٕ یِپارٕ کنہِ آس
زٕوِ پور ژھنڈِتھ
گولاب روین دُینِتھ وُچھُس وۄن
تہٕ چون آرُت وُچھم دِلَن منٕز
بےٚ شوٗنک کیوٗم لولہٕ نقش کوٗراں؛
وولہٕ وولہٕ نیرِ یہٕ کوٗھڑ ترٕاوِتھ
تیٚلہِ کِی پاٹھی نہٕ ہوٚٹ مُدرٕ آوِتھ
وولہٕ ہُتھ دٕدرِ اَندر ازٕ دوٗشوٗے
ماگہٕ مزس منٕز. واوس وۄنہٕ وۄ
وولہٕ بتہٕ کرٕ وونی چانی پاٹھین
یتھ رشنہٕ گنجس سوٗنہٕ اَلاوُک ناوکرِتھ
آشاوادی اظہارس ہٕل"

نمازی دِہ یٚیلہِ مےٚ آس ٹیٚٹھر وو
دارِ مُژرم تہٕ گُلہِ تِھری تام بوزناوِم
آخ تھوٚ.....

واوَن مُتھی پھیرِ کوٚر تہٕ بہٕ چھُس وُنہٕ ہُتھ ووتھران

فروری ۱۹۶۹ء

# ہَندِ فونوٗس

ژُنٛنہٕ چھوکھ لایہِ ہم
سخت اٗوٕل پھُسے
تیوٗت اٗوٕل زِ
( رٔنگ
پٔرٛینٛن پھُمبہِ لشٕن اٗٹی گرٛد
شکل
اکھتابہِ ڈُلوم
ینٛبرٛی
پاٹی چھیوٗتا ، شیٖشہِ تھوٗسا
اٗندرٛی
ہونرِ طلسماتی حاٗرتھ
کایناتُک زھوٗپ دوٗپ واٗرث )
میٚتر پھوٗلتس ، رۄدِ وۄتھس ، تاپہِ کھوٗتس
بولہِ بوزِم تہٕ جوٚین ہُند شور شور
بالہٕ تیٖتاکی تہٕ اٗسمان وُچھم

تہٕ اَسہِ اَندری سوٚر لبہِ ہیٚژھ لیکھ :

"وَکھ، شہرٕ اوِ ہُمن چانٮ۪ن ہیٚژھ وُحشَتہ میوٚن".

"نَہ شہرٕ وٚپراوِ وَچھس میاَنس منز چوٚن زَہر"

۱۹۶۹ء



## اکھ مطلع

تَچھ تچھ ژٕ کرَکھ یارٕ بۄ وَچھ مُشرٕ تہٕ ہاوَے

راوَکھ یتہٕ وہ ژنی نالہٕ مٔتس مشرٕ تہٕ بۄ راوَے

۱۹۷۸ء



# باغس منز

ڈٕریَن وٕریَن ہندی آپری صُبہٕ شام
وَنہٕ ووٚتھ شوق تہٕ شٲہری طمع
لَنجہٕ پیٹھ یونچہٕ شفقہٕ ژھٹاں
میثون گُمہٕ

رَسہ پۆر پر تُمہٕ سُند
میون رَتھ

تسَ موکھ ووٕزجار
سوکھ موکھ نظرن سورگہٕ ہراہ اوس وُہپلاوان

اَزنہٕ بُلبیہ خَوا پتہٕ نہٕ آدم
ازکوٚر اُکھی یکھشی، اُکھی بوچھ ہتی نفسن وُہیہ
گوڈٕ آوسے پیچ پیچ ہیتھ یُس تُمہٕ جانہٕ مرگ گوتہٕ ماتن بوزَو
یُس ہردس منز میوکُلی ڈیشتھ
نبضَس نبضَس انکھاسَن ہندی عالم آسی پیان،
مُنزی باسیوو زِ شیرازک موٚت شاخ نبالِس سمکھینہٕ آو۔

دوہلہِ باسیوم زِ پرٛتھ کَتھِ گرٛشھ بسر
راتھ کیُٛت پیوم پٮ۪ہ ژٕ بتیے
آس کمہِ دلیشہِ، گرٛشُن کوٚت بیٚٹھ چھُم
اکھ نظر پان وُچھویوم
مگر!
یُتھٕنہٕ پھوکھ لایہ ہُم
سخت آوٕیُٔ چھُسَے
تیوٚت آوٕیُٔ زِ . . . . . .

جوٗن ۱۹۶۹ء



# میٲنۍ ڈرٲوِ

ہتہٕ بُدی اَتہٕ گتھ زَنہٕ ژٔری گامتی دَتہٕ پُدی ہاواں یتھ وَتہٕ پیٹھ
اَنہٕ گٹہٕ سکھ ہمتی کُم قافلہٕ مندۍ نہٕ چھِ راواں یتھ وَتہٕ پیٹھ

پرٛیتھ بر ہارس اَن زانٛی آو، پرٛیتھ ژیٚلہٕ ژوبرِ چھےٚ خٲلی اُچھ
طرفاتن ہنٛز مُرژ چھےٚ یتھ کُنہٕ یھیکی گگھراواں یتھ وَتہٕ پیٹھ

وِچھ وَے پدِ پدِ ہنگامن پھاہ، دَیہٕ وَے اَندِ وَندِ ژوٗری گٔیشہٕ گریکھ
سَنہٕ وَے یمہٕ ژھیتہٕ گامژ ژھایہٕ چھےٚ صحرا ساواں یتھ وَتہٕ پیٹھ

رِکلی مہٕ تہٕ کنہٕ ہنٛز ملہٕ وَن ڈیشتھ یم وویہمتی رگری کیٛنہٕ گتھ
وَرِ شیٛہجارکی زنگہٕ یندرل گِس گِس پھرکاواں یتھ وَتہٕ پیٹھ

وقتُک ووتھ بوٚ وِچھنس لایق، پرٛیتھ کانہہ لٔر کھسہٕ وُچھِ اُسماں
یِمہٕ جینہٕ یس نہٕ اَنٛدی پو کانہہ ژھل بل لرسہٕ چھُ ترٛاواں یتھ وَتہٕ پیٹھ

یُس ووٚنٛٹہٕ پیٹھ ڈوٚلی سجاوِتھ ہیرِ گیواں اوس لولکی ہُری
تسٕ منٛتی ہنٛز لانولُت ٹیکسی میٹر ہاواں یتھ وَتہٕ پیٹھ

یکھ بند نظرن موکلن برٛم دِتھ تیٚلی یُس گامی شہر آیوو
سُے ووٚنی ٹریفک گاشس پرژھہٕ تےٚ پوٚد چھُنہٕ ترٛاواں یتھ وَتہٕ پیٹھ

دگہ زِ ہتہ ترٛ ٹے
لٔنڈٕ ژھوکھ للہٕ وِ نہٕ نہٕ ہواوُس منز۔ اوس نغمہٕ وُپھاں

واٮ۪نجہٕ وٕزٕتھ دگ
نہٕ ژھمُ بوٗلہٕ ہیٚچھان

اگست ۱۹۶۹ء



## ژُمصرٲے

جٔلوٕ زٕژ ہاوُن زِ حاراٲنی سٕپٕز
ٲسہٕ خانس سِرکِ یہٕ ساماٲنی سپٕز
کُس فسوٗن کارُس دُپوٗ افسانہٕ بوز
دِل جمع واکھَن ولِسَرواٲنیؔ سپٕز

۱۹۸۸ء



---

لہ ولسَرواٲنی: ولسرٕ نہٕ نبٕبہٕ اوٗرک یور کلامہٕ

# باس

تہٕ نیبر آس زانٛڈ
تہٕ ژھوپہٕ
تہٕ تیر
کُلین ہنٛہ زُٹ تہٕ ناگۍ
دوسہ اَندٕ وَند بیچھان

مےٚ اوس دانہٕ بُجھہِ پیٹھ چھوٚت سوٚر نظرِ گوٚمُت
تہٕ کانگرِ وَرٕ اوسس دارِتھَ
وودنہٕ

بوٚن سَرِکہِ یٚیلہِ تہٕ کانہہ ژھاے ڈُج
یوٚت یوٚت آم دَپِس
ہتےٚ کوٚت چھکھ دژاہش، تُلکھ نا میٚتہٕ ستی
اوہ آس زانٛڈ
تہٕ ژھوپہٕ
تہٕ تیر

ژٕلہ ہارٕ چھاکہٕ پیٚتہٕ لارٕ باہٕر مشرٕ کَس۔ بوٗزِن نوگ
اَسہِ وُچھ بسُ مُنٛشِس تہٕ میشِنَن مٔتی دوٚ ناواں یٔتھ وَتہٕ پیٚٹھ

وَنہٕ وٕزٕہُمٕرٕ دَم ہُچھِ زاتَرٕ پیچھٕ ریٚشمی ساڑٕین ویٚنہٕ راواں
مجلسِ ژھیٚتی خوشروٗ سایہ چھ وُن وۄ پداواں یٔتھ وَتہٕ پیٚٹھ

ہُمہِ اَندٕ ہُتھ سوٗدٕرس منٛزٕ شاکہٕ سٕرٕیَن دِژٕ مجبوٗرَن ڈٕنگ
یِمہِ اَندٕ راہی سینس منٛزٕ مُرٕشے رٮ۪ہہ ناواں یٔتھ وَتہٕ پیٚٹھ

جنوری ۱۹۷۰ء



## اَکھ مطلع

لَرٕژھِ برٕ ژٕہنہ تہٕ گوٚ وانساں تہٕ پوٚز یٔتھ پٔٹھی تہٕ مازٕ ژٕہنہ
اَوٕ اَس یہ مٔشرٕ اَرٕزاں تہٕ پوٚز یٔتھ پٔٹھی تہٕ مازٕ ژٕہنہ

۱۹۸۱ء



# داے

حُسن؟ پُزر؟ — ہے تھاوِو وٕنی
شہر یہ گاٹِمُن؟ ترٛاوِو وٕنی

ہا یہ ہوٚپرٕ ہتی، تم رُوکن
تا پہ وُڈر چھُو، چھاوِو وٕنی

سیٚز پزر مینجمنٹ کاہنی
پھبہٕ نچ کانہہ ژھومب پراوِو وٕنی

لولہٕ چیر باوٕژ باگنی برٛپڈی
زرٕ نہ پتہٕ زور آزماوِو وٕنی

ماجِت ماکیُت بارنی تون
حاجتھ پیوٚو بُنٛزراوِو وٕنی

ہے یوٚ دِل کھوٚٹ یا زلوٗ ہکنی
ظون مہ ضمیرس پاوِو وٕنی

پانہٕ مہ ژاروٗ زگ یا پرٛژون
لوکہٕ مٕنتس پُشراوِو وٕنی

لیبلہٕ سِتی از چیزس موٗل
لالہِ پہ مُبتھ وٕ شلاوِو وٕنی

## بیٚیہٕ بیوٗھٹُس داپہٕ کُٹھِ کوٗلِس منٛز

دُرٛکھ دُرٛکھ .....
ٚنلی آس پھٹِتھ آمٕژ
دانٛس ترٛاوِکھ وُہنۍ
دٕہی لمبکھوٗتۍ. بُچھ بیٹھ سوٗر تہٕ نیوٗکھ پالنٛس ستۍ
بِگلہٕ واں
بِگلہٕ واں
گگہٕ منٛز کھٔرِ اکھ نیچ وۄزنِج رٕبہٕ
مےٚ زٕن دِژ ہتۍ گُکن کرٕبکھ
بٕرٕس چھےٚ واو اُلہٕ راواں !
.... تہٕ پتِس بیٹھ رۄدِ پھیٚرن ہنٛز ڈٕپہٕ رارٕ ے !

تہٕ آنگنہٕ منٛز نیرِن جوٚیہٕ
تہٕ پھیرِن مخلٕی مجلس
نہٕ زمین دِیہٕ یِنہٕ ہنو گرنٛز رٔسی زٕدلو ستۍ
دام
ساٲری ہےٚ اٲشِس

جنوری ۱۹۷۰ء



# اکھ شیٚبہِ

زُوس جسمس آسس بڑزھ بوچھ
کھونکھُن نوٚمرِتھ اوس میٚنٛزٕ، آبَن، کَنِن، کَنٛڈٕن مُشک ہوان
لوٚٹ اوُس ڈلہٕ وٕنِس ہوٚمِس مزاز وچھاں

نَہٕ وَنہٕ وہترُن ناپھ
اُچھَن کھڑَس رَنہٕ راٹھ تہٕ چانٛڈِوالَن ٹَٹرگرد
کوچِن کوچِن تچھُن سِٹرِل
ناپھو تہٕ بُدرو بوُوس اَندرِیُم سوُرے حال
کُنہِ گوُس کوچ تہٕ وہٹہ لارِہو
کُنہِ آیِن کُنٛز تہٕ مازبِیرو دوُرِس
ناگہِ بیٚٹھِ آو بےٚشوٗنک پاٹھی ساڈروار ترٛلیش چِنٛھ
پیٚچ والِس تَل کرِن گوٚدوٗد زھیٚنٛڈرٕ بیٚٹھ
پیٚنہٕ نیٚنے ناماوار کھونکھنٕ دارن یِتِر
زُبہٕ زُپ
تم دڑاے زیٚنتھ باز جوراہ ہی
تہٕ سہٕ لوٚگ نار چارِتھ اُچھ پھری پھری وُچھنہٕ

پرٛىتھ بَندٕ پانَس سِتۍ آوُر
پرٛىتھ اَندٕ خلوٚکھ چھاَوِو وونۍ

ٚلکھ چھِنہٕ مازاں شارس، پوٚز
کاٚنسہِ ایجنٹَس ہاَوِو وونۍ

اَسہِ چھِنہٕ بوزنۍ مُبہَم پرٛژھ
ریڈیوہَس پُٹھ ترٛاَوِو وونۍ

فروری ۱۹۷۰ء



## اکھ مَطلع

یَتھ شَب سیاہ سَریہٕ چھُنا ساخوداتہٕ کانہہ
کیٛاہ کاٚنسہِ یاد چھُونا صُبحُک دُعاتہٕ کانہہ

۱۹۸۵ء



# آوٕرن

جاًرِس پیٹھ ووتکھ
تہٕ ژٕلی
پتہٕ آکھ سوٗرٕے موٚس تھٕتھ گوٚبجِ منٛز نیرِتھ
خابہٕ خاب
قرنہٕ وادن
ہوٗلنٕس تہٕ گیٖیہٕ زانہہ اُچھ وُز

کوٚت ؟
یَنہٕ نُے سوی ظوٗن ہنگہٕ منگہٕ نیٚندرِ وُتھِتھ یدُم ہلکاٗری ،
اَزلَس اَبدس کُڈی نَم ژُپی
خابَن ہنٛزِ خلوٚکھ گوٚبجِ منٛزٕے ووٚپدُم چارسوٗکھ تاپُر بازرَ .

ہےٚ کیاہ کرِتھ
کٔرِژَن پیرن نشہٕ ژٕڈی ژٕڈی
یم کیٛنہہ ژٕنگی
سوٚمبرِتھ آسِم رَچھِ کرٕی کرٕی تھوٚوی مہتہٕ

تہٕ پٕتو ییٚیہِ کھوٚنکھُن لِتھ ناوِنہٕ
یہٕ کینژھا پیٚوٗس بوٚرُن شِکمَس
آٹھ پاٹھ
آم ڈام

صُبحَن ییٚلہِ مَحلکی شُری گرٕو منٛز دڑاے
شیٖر دُچھکھ نالہِ دولہٕ لرِ کاڈ کٕڈِتھ پیوٚمُت
شِکمَ زن اوُسُس اُچھَن مَنٛز پھوٚٹمُت
تہٕ پاپی آس درٕ وکان
فقط اوس سُے یوت سڑکہِ اَندس پیٚٹھ لوٚتِھ بِہِتھ
لیَسہٕ کاتُسہِ وُنیکتام ناوِے اوس کوٚرمُت
مےٚ دوٚپمکھ : یہِ اوس راتی راتس ٹشِوٛرارے کران
تہٕ ہہِ بُوزِوٕنا؟ ــــــ
شُربوٚ کٕڈ ووٕتھ
سُہ اوس کھوٚنکھُن زیٖٹھرِتھ پَنِنِسے لُٹگوڈَس ژٕپِلِن کران
گیٖرِ بٕجِس لوٚگمُت
ظاہر آسس ماکَن کوٚران

مے ۱۹۷۰ء



# منّے نَے زٕلو آسِہے دٕزمٕژ

یٖلہِ بمَ وٲلی شانٛش لوٚزٕرِتھ والیُن دڑاے
تہٕ محلہٕ والیو پھرٕبکھ ترٛاوِتھ پوٚرشُکر زورے بچیپے
منّے گیہِ وَدن باکھ وَٹھی ہرِس منز ؛
نہٕ پادٕ ٲکھ ژٕہ تِس
وۆنٛٹنہِ وٲلی سُند وٕنُن :
موہر کٔر خوداین تہندٕن دِلَن نہٕ تہندٕن کنَن
تہٕ اُچھَن ڈیٛنگکھ تھوٚپ ؛

نتےَ وارٕ وٕژھ رٔیہہ
ٹاکارٕ پاٹھٕن کَڈٕن ژٕھٹھ
تہٕ نِنہِ واپہٕ آے ژٔینٛزِ تہٕ ژٔرِ کوٚڈ ٹھاسہٕ

بمَ والین ہرگاہ خبر گرژھِہ تہٕ
سیاسَتھ ڈٕرراوَن زِ مجاہد
تہٕ محلہٕ وٲلی ہرگاہ وچھَن تہٕ
تِم دِن نمبلَن ژھانڈٕ زِ جَن ٹنگ ،
منّے نَے زٕلو آسِہے دٕزمٕژ

تاپری ڈسنہٕ وُتھم :
کھوڑٕ وَل !

ڈقیانوٗسَس گوٗو وکھ پھیٖرتھ
میانِس ہوٗنِس وُکھتھے پَدٕ پَدٕ ہسکاوان
گوپھہٕ نِہناوِن
نٔتہٕ اوس گوٚٹ
نٔتہٕ زٕلرِ زاج
نٔتہٕ شہمار ؛
زٔمین پرٕ آہٕٹ
نٔتہٕ کھٕتۍ کرٕ شرٕ
نٔتہٕ تٕنٕشٕ دانھ
نٔتہٕ میٖشرٕ نیٖل
کھِمہٕ کیاہ ؟
اُسمانہٕ تہٕ ما دوہ نٕ بٹنٕم خاب
ویپہٕ کٔتہٕ ؟
ڈُلپہٕ بےٚ شوٗرِس ؛
پٔپٕنٕے اَندریُم ٹٕنوٗ پچھےٚ مٔرٕ شراوان !

مے ۱۹۷۰ء



سوٗنچ کرٕہا تہٕ ہیگلَس دٕزٕم نال
قدم تُلٕہا تہٕ مارٕکسَس پھُٹٕم ٹٕیدی
دَپہٕ ہا موٗل تہٕ دوٚپہٕم غاصِب
ژھارٕہَن موج تہٕ کرٕہٕم رُسوا
رَچھہَن لوٗلرٕ تہٕ ییم نَم تہٕ دَند کتہٕ تھاوکھ
کیٚنہٕ ہا دود تہٕ ہینہٕ والیٚن اُچھ لجمٕژ تالوٗ؛
نےٚ کَس کرِ ووٚنی گرٕژاو
نِیٚستانے ییٚلہِ اَنٕد وَند دوٚد؟

بُم گاڑٕبن ووٚنی گرٕژھِ نہٕ زٕ تھیےٚ ٹھَنٕز ٹھَنز
ییٚمہِ محلکی لوٗکھ چھِ نارس منٕز نیٚندٕر ترٛاوِتھ
نہٕ حساب نہٕ عذابِ اَلیم
اَنٕد بَند کوچَس منٕز اَز کُن زوٚن روٗمی آس ٹھٕہرِتھ
اُچھن کَنَن ہُند شیٖشکیاہ للہٕ واں وٲنجہِ منٕز

مےٚ نےٚ زٕلو آسہےٚ دٕزہٕژ
بہٕ وَنہٕ ہکھ، حَرف پھِرِتھ وَنہٕ ہکھ
ٹمَن تہٕ نارَن ہنٕز دٕرژے ہاوِتھ وَنہٕ ہکھ:
ہے دَمدارو!
پچھمی دیشَس منٕز ہا بیوٚوِ تھَنہٕ نوٚو وَن موہنوٚد
تہٕ مشرقہٕ کیو دانا درویشو پرٕدوٚوِ نوٚو سفر
بُم گاٗنٹی نہٕ، چکہٕ چکھ بوٗزِو!

جون ۱۹۷۰ء

بۍ وَنہٕ کھ
تہٕ یۆدوَے تِمَن پُگیٖچ تہٕ کیٛہنہٕ پَرٕژھ آسِہے
قسم ہاوِتھ دِمہٕ کھ کرٕ کھ :
ہیا نارٕہا
سوٗرے ہا دۆدِ
سوٗرے ہا دۆدُم
کُنہٕ کانہہ چھُونا !

تبرٕکُک موٚت اوس غنیمتھ
کتابہٕ زاجیٖنمٕ پۆز نیٚہ ہنٛز لےَ بخشیٖنمٕ
کلامہٕ مُشراوِتھوُنمٕ پۆز
نٛہنٛز ناوِتھوٗنَس
گۍوٚنا دِتھوٗنَس
اَز گوٚو یتھ اَندٕہنٛد کوٚچِس منٛز رُومی روٗٹھ
لے آکوٗنُن[1] آسہٕ وَرٕژھ ہیٚتھ !
ہےَ بُنگہٕ ہوہَس منٛز چھُس باوہٕ رُح وولان :
"اَسہٕ چھوو دامہٕ سۆدُر، تہٕ موکلوو
خوٗہنٛر ! پٕرازَن چھےَ وُنہِ رَتہٕ ژٕہنہٕ لارٕہے"

---

[1] لے آکۆن وُچھو صفہٕ ۳۰۹

آنگن کوکر شرپیٹھ مرِس
تہٕ رُد جوے دوٚہہ سرٛو کرِتھ
دوریہ

سوٚدرٕ بکُ سال اوس پوٚرُے
پوٚز تُتھ چھترِ چھےٚ کانہہ پچھُنٛ
ژادرٕ کھیمژ اُتھرِ
تہٕ پیٹھ چھُ روٗد
وسان

جُلےَ ۱۹۷۰ء



# رۄد

پۆوان چھُ
یَنہٕ لوگُن تٔنہٕ چھُ پۆوان
اَکی ترٛاپہِ، ژھِدرۄس
نہ وُزمل نہ گگراے
فقط رۄد

کوہہ تینٲلِ چھِ ڈنگ دِتھ وُتھیمتۍ تَلپاتال
"سانہِ گرِ سارٕی مۆسم سالبرٕ"
(یِہٕے سۆدرٕ کورٕن ہنز اُسمانٕز وُچھ!)
" سانہِ گرِ کَنہٕ تاں بَنہٕ مہ سرجان"
(اۆبرَن آسکھ ووٚنمُت
دٕلو بُنٛزاتھ وِچھو)

نہَ وُزمل نہَ گگراے
شُرٕ تام شُرن ہنز موج
سارٕی پیٚیٚے دٕبنگہٕ

# زِہے توفیق

سو کَتھ تہٕ آیہ پہٕ بامَل
تہٕ چھوکھ دِلکُ چھُ تِتھےٚ پاٹھۍ اَس وَہراوِتھ
اَنِتھ دگ تہٕ بےٚ سوکھ ژھوپہٕ

دٕلوٕ زٕ برم ——
تہٕ ہَوا رِنگ وُچھتھ کھوٚتُس نچدُس
نوٗر ——
مُشک ہیمَ تہٕ لَگِم شاپھ
ہَوس ——
زِرَنگ تیخہٕ تہٕ تُلہٕ نٔر ؛
تہٕ اوس سونہٕ ہواوَن گُلالہٕ رَتہٕ روٗنگمُت
تہٕ ہارِی ہی تھر پرِتِل چھٹل سَرف زچھِتی
تہٕ ہرِدِ کونگہٕ تہٕ بوٚمبرٕ مرگس تہٕ گَتھ کراں وُچھمُت

مےٚ اوس یَنَہٕ ووٚجوٗدُک پھتُر تہٕ نب ہلہٕ وِتھ
پَننۍ شرُل تہٕ جوانی

# مُلاقاتھ

وِچھنہِ لوٚگُم وُلی وُہرِتھ
تمہِ ژٕہلہِ ژٕیٚلہِ مَنٛزٕ
کوٚرِتھ کوٚڈُنس
پَتھ برۄہنہ ہٕہوتھ
موٚرِہم اُچھ :
دَم پھُٹمِت سینٛۍ یَنٛجرِ تہٕ تتھی منٛز سوی گومُت جنگلُ !

"وَن موٚہنیوٗ کمۍ ناو کرٕ یوٗ وے"؟
تلپاتالہٕ دِتیُس ژٕرنگ کمۍ تاں؛
ژٕلُل نظرٕ پھِرنا آوِتھ تیٚوٕنُم ہیوٚر بوٚن سارِتھ
ہوٚکھمِتۍ کاوٕ دَچھل وُٹھ اٰسس رٕگہٕ رٕگہٕ پھُپھراں
کوٚسہٕ تاں وِیٚزٕ، پوٚزٕ مٕشتھ گمٕژ کتھ اٰسس یاد پیوان !

جنوری ۱۹۷۱ء



پِلپس پتہٕ اَزلہٕ اَبدَ کاٲیناتھ ژھنہٕ نیٚنگلتھ
پتہٕ موکلہٕ مٲبشر نتہٕ ہوا ، گاش سورِ ، گلہٕ قوۄتھے
نَ وُکھ نہ تُسُند یٚندرٕ
نہ ظوٗن نہٕ تَہٕندی نَم
اگر یہ کَتھ پَیہ بائٔ ......!

جنوری ۱۹۷۱ء



## اَکھ مطلَع

شوٗژر ژھارِنہٕ پھِرِستَن گارِنہٕ آے یٲارٕی
ؤچھ آدمی رتہٕ پٹھٕ اَوِتھ اَتھ دژاے یٲارٕی

۱۹۹۲ء



پَنٕنۍ بیاض
پَنٕنۍ ٹوٗپۍ
وَچھکۍ دوٗروُد، مَنکۍ عشق، نظر ہندۍ آفاق
پَنٕنۍ پہ سوٗرے عیال، اکھ تہٕ بیاکھ
لَیٚتہٕ تَل روٗٹمُت
تہٕ اَتہٕ اَند حسن ہُند چھُوتِھ دُعا موٗنگمُت :
شیٖن
ماگہٕ! سوزُم شیٖن
تہٕ پَنٕنہٕ ہُندرِ تہٕ سَنہٕ قبرٕ منز
ژٕ پنٕنہٕ رحمتہٕ اَسہٕ سارِنے بلور بناو!
نہ بولہٕ کیٚنٛہ، نہ بُڈٕ زیرٕ ژٕ، نہ کرٕ لیشہٕ وُڈٕر

سوٗ کیتھ تہٕ آیہٕ نہٕ بال
تہٕ ماگ ویٚنہٕ رہنہ لوٗگ ہوٚکھیہٕ تاپھ ذیہنَس منز
ہٕ چھس تہٕ چھُس بہٕ تہِتھے کٔنۍ
پَنٕنۍ ٹبرٕ رٕٹِتھ لَیٚتہٕ تل
تہٕ چھوکھ دِلک چھُہ تِھے یاٚگُی اَس وَہراوِتھ

---

لہ یہ لفظ چھُہ زاٚنِتھ مانِتھ مُشدّد گنڈِتہٕ آمُت۔

کھوژن ژھایہ پتہٕ ہاوس تیمبرِ اُچھن منز ہلہٕ وِتھ
مَلرٕ بٔژھِس کُن لاراں

لارآنی پوّت کھورِ ژلان

ریٚہیہٕ موٚنی کرِ ہے چھوٚت پونپُر
بَدوی رآچھ درَن ہندی دَزٕوِنی نیزٕ وُچھتھ مجلوٗنٕ مَتھ
ترٛاوِن کیتھہٕ!
پتہٕ کھیٚیم ما؟
پوّت ژٕلہٕ تتہٕ چھم پوّت سوزاں
کوٚ ژٕلہٕ؟
نظرن ہنز ترٛ زیٖٹھیس
ہیٖرِ بعہٕ کائیس بُبر کھٔتِم
دَندِ تارکھ
تشہٕ سوٚدرُک یُپ
تمُ خنجرٕ وُزمل
ترٛاوَن کوٚت
لآرِتھ روزَس
چآنٛڈ وٲلَن
زُلہٕ وُن رَتھ

مے ۱۹۷۱ء



# وٲحشی کَتھ

سَبز وَنَچ سوٗنہٕ ہٕری سیٖمنٕز
ہَرموکھ بالکُ اوبر گوبر ہیٚتھ
پَتھ وَنہٕ وُزھمُر ہرنٕن ہُند دوٗد ہیٚتھ گُجرآنٕ
وَہَہ وٕنٕی نیلہٕ بُٹھِس پیٹھ
وَسہٕ وٕنہٕ اکھتاہچ تھاہ موٗلہٕ وال
قلوپیٹرا
جَنگلی نارِس منز نَیہٕ نَیہٕ کرٕوٕن رِشنہٕ گنٛج
یاآغی دِودارِس تہرِس پیٹھ
وۄنوت عُقاب
گھمبیر اُچھو
پالنَس اُندٕ ٔکھی نَبہٕ ڈٕندِس ناں پھٕھلِتھ سانٛٹھِنَتس
سام ہیوان!

سَبزوَنَچ سوٗنہٕ ہٕری سیٖمنٕز
اُندوٗند فضہَس میقناطیس

تہٕ یہٕ نمٕیلیوٗمُت بھٕرٕکہٕ ہوٗت گرُ

ترٛژھ زِ پوٚدٕل موٚٹھ
وۄن بہٕ کیٚتھ دِمہٕ ہا
ناوکِس پرٕژھہٕ ہا
پھرٕستو تھٔوہٕم ژھکہٕ تاں ژاپھ
دٕے دوٚ براوِتھ

تہٕ اُدیٚلہٕ تاپھ تٔتو
اوٚندپوٚکھ اوس ژھرٕ ژھوکہٕ نیوٚمت
تہٕ وۄدٕنٕ پھٹے یہ اکھ اُچھوٚژلسلاے
تہٕ امہٕ کٕے اُچھوٚیت وول
کمہٕ تاں نامولوٗم اِتھ دٕژہٕ میوٗن یہ ہرِ گوگلےٚ گوٗران !
پھرٕستن پھٹہٕ نسا شرٕاکل دٔند !
میٚترٕ منہٕ کھٔسہٕ نسا نیرٕزٕلی نم !
ژھکہٕ ہوٚت تٔلہٕ ہا رٕتہٕ پھمٔوار
دِیہٕ موٚت دِمہٕ ہا وٕنہٕ وٕنہٕ گیٚتھ
رٕیھیٚہ یُمی پوٚش بناآنی کرِہے واندرُ اُم
سوٚدٕرہٕ ژھرٕکس تٕل لبہٕ ہٕن بیٚنیہٕ مے نیٚہ نیٚہ کرٕوٗن لفظ !

جُلے ۱۹۷۱ء



# میُل

نبرٕ آیِن منز وُتاوٕلی ووٕٹھ مےٚ لٲیِم
ہٕگہلی کھوگاش، گاشُس پیٚچ گیہٕ
تہٕ یتہٕ ژوٚک تلَ وُچھِم پرٕ برٕزلاں شہٕ کُن لفظ
کُنہٕ بے موکھتہٕ پھیرِس مَنہٕ للہٕ وُن
ریٚہہ، ٹُمی پوش تہٕ واندُر
ناوَس ناوَس سورُم پھوٚر

ژےٚ آسی دُنٛد تہٕ ناپاں
مےٚ آسِم نَم تہٕ نوکھَل
رُکھ تہٕ موٚکھ
گُھٹ تہٕ دِتی

گُھٹ گُھٹ دِواں کھُرش گُھٹ تہٕ بوٹھِ بیٹھِ لوٗر تا پھاہ دیُت
نازِ کافاہ کھُرش
خوٗب نینٛدراہ چھاو
پیٚنجہٕ تہٕ سَنگرِس پھوٚج وُنلَ

سوا بہ اکھ یُس مشُہ دِ ہندِس گاشُس تَل
ہتہ برٕ نرِ اسماں کُن تُھکھ
اَس دٕہرِتھ
دٕٹھی اوس گوٗمُت
مےٚ لوٗگ بێنۍ تُھرٕنگ تہٕ مٹرسہ مٔنزی سٕنیم پنٕجہ ہنزٕ رٕزٕ ،
آشینٕ وُچھم شونٛگِتھ
کرٕڈِس پٹھ ہشن .

اگست ۱۹۷۱ء



## تہ وتھ رٕوزٕ پکان

اکھ وٕری دٕزاو تہ بیاکھ آو تہ وتھ رٕوزٕ پکاں
بوٗنہٕ بیچارِ زٕزرٕ ژاو تہ وتھ رٕوز پکاں
شُشٕرِ پیٹھی اوس ژلاں داو وچھنٕ جاے گرٕژھس
شینٛچھ وناں موٗد بےٚ سوکھ کاو تہ وتھ رٕوزٕ پکاں

۱۹۹۵ء



# کرِیڈس پیٹھ شین

ٹھُرنگ دِتھ وۄتھُس اَنہٕ گٹہٕ ، اَجہٕ راژ
وٲنٛجہٕ وُٹھنہٕ ، رُم رُم دولیشُمُت
دارِ دَمہٕ کِس دُنیہِس کرٕم نظراہ :
اوٚبرٕ لنگن ٲسی کھچوان
تہٕ ہِپہٕ مونڈجن بوٗلی گمژ باندٕ!
میانہِ ہمسایہ لرِ وُترِکنہٕ دژایہ
بےٚ صدا پھُر کٔرِتھ جاناوَر ژھایاہ ہش ——
مےٚ پیوٚ و لوکچار ژتبَس
گوٗرِ باے آس وَناں :
خوفتہٕ ہتے یہِن وُچھ مےٚ زنارٕ وی کوتر
کینہٕ زنارٕ ہُلی
تہٕ پَتہٕ وۄژھ مٔتی کرژیکھ
منش دورٕہا نار !

آنگنس دیُتم وۄن
کٔلی ٲسِ سارٕی اکھ اکس بٔنیہِ ژہتی

ہَن ہَن گُجھُر
رُم رُم ڈُدی ہتی
نظر نظر اَندپند کوچَس منز ہُرتھ پیٹھُر
پنُفس پنُفس خوشر وپہ بےصوُرتھ وودنہ بہتھ
کیا ہتا ہتھ گوو اَمہ پرپزہ نوُوس
اَمہ مَند چھوُس
اَمہ مَنہ نوُوس
امہ مَنہ سووُس

جنوری ۱۹۷۲ء



## ترٚےٚ شار

حُسنک منٛے گوو اکھ برونٛت، لُچھ بتخانہ بناوِم
لولک پزر ژینان پننٛ افسانہ بناوِم

چھس مُشکہ سوٚدرہچ گرٛاے لوزُک کالے، مَہ وِچھ خاب
پمپوشہِ وُتھرن شوقہ ڈُھکی دامانہ بناوِم

پھہ دُیت منٛے کینژن واری دانن، لفظ کینہہ رٛسنز وِم
یم شار تمہٕ نٛے زاے، مینسا پانہ بناوِم

۱۹۶۴ء



# ترٛےٚ کور

ترٛیشوے اَتھ وَتہٕ پیٚٹھ سَماکھیم
گوڈنٮ۪چ
یٮ۪مبہٕ زن سونہٕرِ گاڈ
ہَن ہَن چَربہٕ ژانٛگہِ رٮ۪ہہ
رُم رُم اَزہٕ گَرٛٹہٕ کوچن ہندی تٔتی شہہ
نظر نظر پھریکہٕ ۂشرٛ آسمنٕز
نبَض نبَض یٔمبرزلہٕ کھاسن کوترٕ رَتھ

دۄیِم
اگر بٔتی اَستانٕچ
ہَن ہَن اَمرِ بتہٕ وانٛگنُک شرٛیہہ
رُم رُم سحرِچ بانگ
نظر نظر رُدِ دانہٕ چھُ کھوتمُت پریتھ وَتہِ یُپ
نبَض نبَض کوہہ تینٛتالبن کھَسہِ چھوٚت پونٕپُر

ترٛیٚیم تہٕ اُتھ وَتہٕ پیٚٹھ اَندکُن ہِش نظرِ گیٚم

بُتراٰژ ہنجہ کیوٗم
داوس ہندِ پوٗشک فونوٗس
بوزکھ ہے چھکھ .....

بوز میون فریاد

شرٟپ یمَن میانہِن راوِمژَن نظرَن منز
نہ ہاوُکھ ــــــ
یُتھ پرٟوِنہٕ وَتہٕ کتہٕ آگرُ،
یُتھ اُرٕ سٕر کرٟوِنہٕ جوٗیہ ٹکرٕ بوٗکُس وَتہٕ روو

ژٕ یینہٕ آکھ نہٕ تتہٕ
مےٚ چھےٚ شہُ رگہِ اندرٕ پکھٕ چانی قدرٕچ چراپھ وُزان
دلِہ ژٕ لِوٗنمُت آسی
لرٕکانہٕ مےٚ ییلہِ پچھٕٹ ماشہرٕ پھرٕیکہِ وِنی امہٕ رکُھ
یوٗنٕچ لوٗن وُزھم دوٗدِ ہٹرٕس
رامُس رِکھ ماُنڈم سیتایہ
یٚیتھی کھورِنہٕ اُمرِتہٕ شرٕبہٕ وتُم
تھی آم کان
اپڈُیسَس بیوٗم اَنہٕ گٕٹہٕ کوٗراں
کوٗراں

ےٚ وُچھو صفہٕ ۳۱۰

# صدا

"چون صدا اسیرم برون از کوچہ زنجیر نیست"
بیدل

ژٕ یُس ژھکھ تہٕ سہٕ
میون فرٕیاد بوز

ژٕ ےٚ ژھسےٚ وٕنان
یُس وُشنیر کہٕ گوڈنکہٕ دوٚہ بوٚ بروٗنہہ ۔
دوٚ تھمت اوس
تہٕ شٹھنیارکہٕ اُنتمی لرٕ پھرٕ پتہٕ تہٕ
نژان روزٕ

ژٕ یہٕ ژھکھ تہٕ تہٕ
میون فرٕیاد بوز

ژٕ ےٚ ژھسےٚ وٕنان
سوٚدرس اوٚبرٕ رنگ
آفتابس پوٚشوٚک

"بازر والیو خالی پیٚمژن مس مٔرن کوٗڈ تلہٕ سٹرکن پیٹھ ٹاس[1]"
یوٗزِلن تھاوکھ جرٕی جرٕی

سو یہ ہرٕی ہیجہ تہٕ کرِی مرٕی گاڈ
شوکیسن منز پنکھہٕ اُلہٕ راواں نیلانکی ہمپوش
بوٗچھ ہتی پاےٚغمبر نیہٕ وایت نشر کراں:
"رُستُم کھسہٕ رخشس
ظُلماتس پییہ تاپھ
اَتس ژٕلہٕ حارتھ
جب کھسہٕ ہیلس پتہٕ پتہٕ نیوٗر
سُگرِ مالہٕ گُلاٗلی ریٚہن منز ازل ابد کھوکھلاوِتھ نِ!"

ژٕرِس روٗپ پرٛاوکھ تہٕ سُہ
میون فرٛیاد بوز
گٔڈ یِچھہٕ کِتھہٕ کٔنہٕ گنڈ نرٛدس
توٗ پتہٕ کس ستی
توٗ پتہٕ مےٚ چھُ پانس موہٹمت
کوہہ دامنٕ آسی گرٛشرٕسی تیر
اکھ اُکسنٛدِس چانٛٹس کنٛ

---

[1] فروغِ فرخزاد

کوٗرِتھ

اَخرٕ پَننے دٕدسل خنجر
پَننی اَچھ رٕنہٕ
شیٚہلاوٗن

حاٗفظ ہند ہٹہٕ یٕرٔ پٔنیدٕ ہشزکرٕ کھ بوزٕن والیا !
میٚون فٕریاد بوز
پرٕنہ کِنہٕ اوسُم شیٚشتَل ژھاییُت راییِل وُن
اَن زٲنی منٛز ہُش مُش پاٹھِن نیوٗم ٹھٕلتھ
(روتلہِ چھُم تارکھ نَب وۄہواں)
بُتھہِ اَسم خلوکھ زُوِ پٔرِ دیِن ہندی
وٕنوٗنہ آو
تم کھیم ہمو تیٚز دِ سونچو سیٚکہٕ شاٹھَن پیٹھ
نیٚکہٕ نیٚکہٕ دِگہٕ دِگہٕ
(دوہلی ہوٗنی وٕنگان)

ہے ہنگامَن ہندِ ہنگامہ !
شہرٕ زٕ گوٚو دامنہٕ رٔسی بَت بالس
ڈٕلہٕ
روپہٕ ڈٕزوٗنہ چھیٚنچھِس ژٕرنہ بُس

چھٕنہٕ ہکان بازہ پھیرتھ؛
رۄد وولُن تہٕ ووٕنی کتھ ساسایس گرٕ تھو
کھور پیٚنڈٕن تاں وُن کدٕ کاڈ آفینہٕ تیٚہہ

ژنے چھُسے وُنان

ہے اہلیم کوٹاوِرو پیٚٹھی پھیہیہ پھیہیہ کرِ وِہہ نار!
ابوترابس ہیٚر بوہہ کایس وُٹھ گمناون واجنٕی میٚشری!
ہے کربلہٕ ہکہٕ چھور چھور کرِ وِہہ آبہ!
ہے چنگیزبس نکہٕ وارِن منز پھیرٕ کہٕ وِہہ واوا!

وِچھ

کنہٕ پیٚٹھ چھُس یتھ ژلہٕ وِہہ سیٚکہٕ پیٚٹھ
کُن زوٚن پوتجن ٹینگہٕ تلان!

مارچ ۱۹۷۲ء



ہے بۄنگہٕ وچھان!
پٔہلی چھِ شہر ژٕلتھ بَتہٕ یَڈ ہیتھ
دوٚپھ تہٕ دَبنگہٕ پیٚمتی

ژٕ الماس ژھکھ کنہٕ سوٚمبُل
میاٲنی حالاتھ وٕچھ
حَلقہٕ مُدراوِتھ اَنجیل پٔر پادٕریو
آگنن ہندی کھٕرزٕ گلی زٕبَر وَدنہٕ لگی
لول گاموٚ گٕنٹھو ہوٚسہٕ ڈوٚی ڈوٚی اوٚنکھ
شیرٕ ژاراہ کٔرتھ شہر چھوٚکھ
تہٕ بازٕری کَڈکھ روٗسی کُٹ
وانہٕ پیٚنجن چھےٚ ووٚنی ہوٗنی ژٕبہ راپہٕ ہاٲلے گمٕژ
نارِ کوٹن چھےٚ بجلی دَزان
کاٲنسہِ مارِو وَتھ؛
گاش ییٚلہِ پھٔٹہِ تہٕ میٚے زٕن پٕرژھن:
کُتی جہِ اٲس یہِ کٕمی ناش کوٚر
سٔڑکہِ پیٹھ،
کیاہ وَنکھ
میون قرآن وَنکھ:
یِم چھِ گٕلی، زٕری تہٕ اُنی، یٔس

# کتھِ منز کتھ

فِضا

اَنہِ گٹ کرٛیرِس منز ژھوپہٕ ہیتھ اکھ چھوٚت کَنہٕ وُٹھ

ہَوا

کاُٹھِس بیٚٹھ ریٚشمی رَزِ شرُکھ

وُڈٕر

مرٛزری کُنڈِس نیٖلیمٕژ زٕبو

صَدا

گرُِ سیٖمنہِ بوٚے

ہَوَس

سرُف لبواں ژوٚنٹِس وۄزجار

قدَم

دوٚنہِ ژٕلہِ پھمبہٕ لیشِ پھرٕیکہِ واں اُسمانٕ جھٕٹ

سَوال

رَتہٕ گرٛہکھ کیتھٕ وُہنا وِ گولاب ؟

جَواب

لوِ رُچھ پرٛیوِ اُلمایچ بیٖن

# آنہٕ وُچِھتھ

از وُچھُم گوڈنِچہِ لٹہِ آنہٕ
تیُتھ زِ دٕہ شۆہے وٕہ بوکورُن بُکہٕ
پَنجَن پیٹھٕ وُٹھۍ وُٹھۍ
نَکہٕ وآرۍ وُپھنآوۍ وُپھنآوۍ

پرِٕژھاں چھُم :
چھُہَم نا پرُزِٕناواں ؟
تُلاتڑاو یہِ ہۄنٛدرُ ینٛجرِیلہٕ —
گُلبن ہا تیُتھۍ ژھایہِ گنٛبر،
بَرکھٕ وُنہِ تہِ میشاں کراں !

کھاپٕرواہٕ آسی نار دَگاں
تہٕ پُھتہٕ وَنہٕ دٕہ شۆنی وٕہبن ریہہٕ گرزاں

آنہٕ ہیوم اَتھہٕ مَنٛز وُسی
تہٕ وُنِبس منز باسیوٚم
پھٕہلِن ہکھ دی دی کھوٚتمُت پھرٕکھ .

مے ۱۹۷۲ء



# دَولتی ہَست ....

تمہِ کھوندُس آسہ ہا بہ ہَنہٕ پھٕر وُچھمُت

ژُوٚژتس نکھ
سَڑکہِ ڈٔندِس پیٹھ
گرٛشنہٕ روٚس مرٛژہٕ
یِیہِ ہِیہِ وَساں :

ہٕرٛژہٕرے ؟ اُدٕسا !
کھٹہٕ کھٹہٕ اُسناہ ؛
گرٛاوے روٗزہٕرے !
ٹکہٕ واوِجہٕ پھُر ؛
سُہ چھُ ٹلہٕ راکھیُش !
سگریٹ دِہ

مےٚ اوس پھیرِ پھیرِ کُنَہ تہِ تہِ گرٛشھاں
پتہٕ گیمَ سو گوڈنچہِ لَٹہٕ نظرِ ——
تیٚہر پیٹھ

ازَل

کَنڈۍ تھَر پیٹھ مُشرِتھ پننہٕ ڈینج

ابَد

موت، مَشرَر، مَدہ ماتی مُشھلۍ گتھ

وِزِ چھےٚ زِ داوِچ گرٛاے ڈریکِس

وِزِ چھےٚ زِ پولادس ترٛ پوشہٕ ڈٕتھر پننہٕ ژھیتُن

برٛونٛہہ زمینہ تارکھ نب پھوٹ

وَتہ وَتہ ژھٹ کرٕ نِکھ: تنہٕ نایا ہو، تنہٕ نایا ہو

ہسۍ لِتس اُشۍ گنڈ، دَچھِ رونھس رَس

ٹنو کوٗر ہونہو، ککوٗد کاژِ پھلین دیت ژاپھ

'گرٕکہ وِنہٕ کولہِ منز پھرٕکہ وٗن ژونگاہ'

پاشرِ وِنی سوٚدرن گیہ لہر لہر یو قوٗت

کنہٕ درِ ہٹیس ہا کانہ ڈوچر گوو

دود اُنز بیاہ اکھ نیلہٕ سرٛ آکاشس منز یکھ وُچھ رارے نھبکہٕ واں

موکہٕ چارِچ وِز

راوِچ ریہہ تیٖہہ

اُزیک اُمُن، بمہٕ عارق

پگہک ناگہٕ شہل، بسہہ گرٕ بز، سوٚدرِچ بٹھی پرٛاٹے، شبنمہٕ پھرک

سوٚرے بلوتھ

کنہٕ منز لعل کڈان

اگست ۱۹۷۲ء

ہےَ، ہِم ژھوٚپہٕ دوٚپہٕ مُشکِل شہٕ تھوٚسی!
تہٕ یہٕ خودرہ زٕژ
ژَلوکھ پٲٹھۍ
وُٹھ ٔدراوان!

بوٗزُم:
"تمہٕ نَسا پوٚرہٕ جنازٕ تہٕ تَس بٔینہٕ!"
" پانَس کیٚنژھ آسہِ،
بَڈٕ ٹاٹھ!"

دوٚیِمکھ:
ہے بَس آیوَ ......!

جون ۱۹۷۳ء



گوڈس تاں
لَژھ !
مُرمُر لَژھ
ڈُپھر ڈُپھر لَژھ
یێنڈرِ دوٚسَن تہٕ چھُ کھسَن۔ ووھَان !

سِگریٹ داماہ چوم
تہٕ پرُژھمَس :
" ژٕ کیاہ آسکھ ؟ "

دوٚیمَن :
" مے ڈوٚل یێتہِ نے یاوُن ؛
یَس ما اوسُکھ، آلوَ کرٕکھ ،
ژٕ یێتہِ کَرَ اَسے مہَل زِ وِچھکھ "

سگریٹ داماہ چوم
تہٕ اکِہ دِہِ بہٕ نگرِ بہٕ ٔیلہٕ نوٚلسَ
بگلہٕ واں
بگلہٕ واں
اَندرِ وَچھس نکھ
ژھایہِ اُلِس ہیوٚ ——

تاپہٕ ٹیوٚکاہ بێیہٕ منز رٹنک
کاکَد وَرقو پیٹھ بوچھہٕ ہتۍ اَچھ ژہ دِتھ ژورُم
پتہٕ رُمہٕ رُمہٕ حِس وُزناوِتھ ژوٚمبُم
رنگا برنگی موکھتہٕ!

کُنڈی نوکھَن پیٹھ شوقہٕ وُتاٲلی پوٚپھیرٕ
تھاراں
پیٚرژاراں

لَنجہٕ پیٹھ لَب حوّاپہٕ ژٕیج رِیہہ
آس ہلیوٚس
آدم پھیرِ پٹہٕ موّت اَتھ پلہٕ ناواں
ہیرِ بوٚہ وُزلہٕ وُلیٚناہ روٚس کُٹ اکھ نشہٕ واژِم
گہلِس جنگلس جم جم نار۔

پلہٕ تلہٕ کوٚڈ نہٕ پوشَن کلہٕ
وَچھِ کوٚرن وپہٕ راواں
منز اَتھ جنگُل
واٲنِج ہاپتھ گوٚچھ
سِیکِرِس چھکرِتھ تارکھ ژٕن

# تورِ پھیرِتھ

دۄیمس رٕتہٕ چھنج ....

پوٚز

کھَنہِ[1] دَمہٕ سے پٮ۪ٹھ یو قوٚتی برٛیٚہن پھوٚر پوٚتجہٕ سُرُت

دۄیِم .....

پوٚز بوزنہٕ بروٚنہہ وُچھمَس

تارکھ بُبراے ہٕتہٕ

ٹُپ

ٹُپ

ٹُپ

سوٚم سوٚہتر نظر ہُدِ واٚجم سوٚدرس

دارِ ہٕتہٕ بُرگےٚ وُتھی ــــــ

اکوچہٕ گُلس نکھ رُدٕواٚنس منز ناو گڈٕم

ماجہِ وُشنہٕ اَتھہٕ، باٚیس روٚنہٕ ہوٚٹ، بیٚنہِ کاڑرِ اُچھ

کہنہٕ بٔبی ہمچھ گاٚری ہیٚتِم

رنگہٕ ہشرٕنن ژھوٚٹ ٹینٛڈی زاگےٚ

کلہٕ پوشِس مٕتھ

---

[1] گھنہٕ : کھاٚنہٕ، کان

وُزملہِ شرٛاکھ سَینیہِ تہٕ
سورُے نافہِ پھٕھتھ نیوٚہَم

وَکھ بالَس وَچھِ اُندٕری ڈٕریاو
اَنہِ گٕرٕ منز تلوار پھرٕہکاں

رٲژٕ پُدٕس تَل پارٕدی آگرُ
تاپرٕ وُڈٕر کھٕسِتھ پھرٕچہِ سَرفن سَتہٕ وَے زٕلوٕ اَکھتابُس کُن
زُہنہِ گاشُس کوٚر مٔنے تہٕ ہتہٕ مونٛڈجوٚ
یِکہٕ وَٹہٕ تھدِ فرٛیاد
گُمبُز
گُمبُز
گُمبُز.....

ووٚتو ووٚتو
پیچ پیچ
پانو
اَلْقَارِعَةُ ۙ مَا الْقَارِعَةُ ۚ
وَمَآ اَدْرٰىكَ مَا الْقَارِعَةُ ؕ

لٲلہِ زُلف ہِلہِ آہتی وَلنہٕ
مُجلوٗن مُتی ہٕندِ ژھینہِ مَتہٕ پارِتھ
بوٗلُٹھ ووتھراں لَرِژھ
ٹی وی بازِری دوہلی لَشہٕ کِج زآلِتھ پھیراں ٹیوٗٹھ یوٗنانٕی
صَبحَن وۄنگھ یہ چھُ ہونیوٗمُت

ڈٕل دَہہِ، کولہٕ بُٹھِ، سوٚدرٕ کھوٗنَن منز
شیہٕلتہٕ شورلویس
بٲیِس روتلہِ ترٲیِش لُجِم
پُرتہٕ چِیٚن نہ زانِہہ
نَیہ نَیہ ہِندی آلوٗ کوٗرِتھ گام
رِتمہ کازِرِ اُچھ کمہِ بُتھِ ژھارکھ

تَمہِ دوہہ دِگرن باگی مےٚ وُنی دِتی
پرٲبِتھ وآرانَس
نہ چھُ موٗلے گُرِ پیٹھ لُہتہٕ والاں
نہ چھےٚ موجی ژانگِس تھی یندرَس
سَتہٕ سأسی صَدَم باوَاں
رنگابرنگی موکھتَس کھُرُژ پُلہِ مانٕز
تہٕ کاکَد ڈٕدی

# زٕ نظمہٕ

۱

جعگلس کٕڈ نارن اندٕ وَند ژھٔٹھ
تیٚرن دٔز وس ، نیٚہ گوو سوٚر
اُجھلی پہلس نہٕ چھُ شاہ سوراں
نہٕ ہیوٗتن اوٚنگجن ترٲش

۲

دُنیاہ توپھ گٔلس بیٚٹھ تھوُکھ کوتٕر ٹھوٚل
او، پوز کأشِری شأعرِ سازندٕر چھِ گیوان
سون وطن تُندٕ بون وَطن
مَنٛشِس سُمیکہٕ گردشہٕ گری کینہٕ دٕنٛد پدٕ ہو
پتھ گوو تھٕنٛد اگر فرماش چھُ
بٕرٕتہٕ یمہٕ ژھٔلیٚ
باغِ نشاطکی اوٕلی گُل ہتھ ناز کراں ۔

جنوری ۱۹۷۵ء



دَو با دَو
مُتی چھِ دَواں
ہے بَنگہ وَحشتہ مُتی ہتھہ نٕز
چھگہِ چھگہِ پوشیرَ
چانٕی بال تہ ژینے اَتھِ دَوٕنی تہ ژے ہیرِبون پھمبہ پھیتی
ژشا ژَ
نہ چھے کُنہ وُزمَل نہ چھُ زاپناہ
مُتی دَوِ گٕہلو گردِ غُبار !)
تہ
ٹپ
ٹپ
ٹپ
وُچھ کوٚنہ اَندی نکھی کو سہی وُپھرائے زِ
پھٹہ منٛز کوتر دڑائے
نہ چھ کُلی نہ کوہ ہے، نہ زمیں نہ ہوا، نہ چھُ کانہہ نہ دوٚنڈ۔

او کتوبر ۱۹۷۸ء



# تعارُف

کیاہ وُنہِ تہِ سَمکھےَ نا؟ ——

برِژھہ برٛزِوُن خنجر!
چھوکہِ لدَ سیمنہِ ہشرٛ ٹکہِ زاگےَ
وَن تورگَن رٕیٖہیہٕ وُٹھ چوکھ
زَلہِ وُنہِ رَتہِ رٕوٗحسَ بَیہِ اَرِ پیکھتھ
سَتھ زمین تہِ نوَ اَسماں تھپہِ تھوسہِ یکرِس لاراں
لَیہِ آیسَ وٕسِتھ ، دارِبوٚ دِہ ژاس
ہیٚرِ ژاٖنگی ژھیوٚسِ
بوٚہِ زِتٕہِ موٚلیسَ
ژٕدی گاٖمٕرِ وَتہِ کھنجہِ منٛد یٕدی آکھ!

برٛیٚڈی مُشکَن
اٗنگبجنَ ہندی ڈیٚگر تامَتھ ہاٗوِس
پھٹیٚ طوطہِ تہِ وِسکی چوُن

# یَتھ شہرس منٛز

حیَا ولِوٚت اَکھتابہٕ حض کھَساں یَتھ شہرس منٛز
مَندچھ مَندچھ حض چھےٚ وِتھ وُساں یَتھ شہرس منٛز
نہٕ حض، نہٕ اَپزیور کانہہ، نہٕ بُزدل، نےٚ بَدخاہ
ہِیےٚ مےٚ سَمکھِم تِمےٚ بَساں یَتھ شہرس منٛز

جنوری ۱۹۷۵ء



# دزامُن

تم آسو کُلبن دِل کھیتھ موکلیمتی
تہٕ بہٕ اوسُس اُژنہٕ تلہٕ سڑکہِ پیٹھ
ٹیکسی ہگرن ہندِس اُژھبن مؤسمس
دزامُن کران

نہٕ پرُژھ تمہٕ پے
نہٕ توگ میٚے بوزُن
سڑکہِ ہُمہٕ پاسہٕ ہیٚے گرد وُڑھ
پدٕر نِچھا کاٹنہٕ
کیٚہ پیٹھ گیہٕ وُستھ ؟

مے ۱۹۷۶ء



ییٚمہ پھیٚہیہٕ پھیٚہیہٕ خنجر نینگلود،
ییٚمہ ہسنز ——
کُنہِ وزِ
کانٹھا
ہَنگہٕ مَنگہٕ
أندرَے بوزان
——ہاہشہٕ رارَے
(باوہٕ باس زِہشکمَس منٛز چھُم لِوٕنکُ زُوٕ پھیٖر وٕٹی گوٚمُت)
یا اَسَ کھَنگالہٕ
(بُتھِ پیٚٹھی دَزِوِنہٕ رَتہٕ کولہِ ژٕشنَم
کھورتَل
تاپرسبکھ)

جنوری ۱۹۷۵ء



# رِیشہِ!

سوّدُرک پےٗ سینسَ وُزِنووُتھ
گوٗپھِ گَٹِہ ووٗپدووُتھ نوّن گاشُ
آدَیِہ اُنیتُم آگرُ چھووُتھ
ذُرِ آسِتھ زَلہٗوُتھ آکاشُ

ڑھایِرشی لوُ نِنزِرک اَکھتاباہ
شش گُلی ولہٗگلَنِہ شوّد اِلہام
کَشیپہٗ مَرِس ھَمدآنی ہواواہ
شَیوٗ منتَس ڈےٗ گوٗواسلام

کوّر کوّر کال اکاہٗیچ ہانکُل
اُند بَرِ روّس اُندِوند ذُری یاوِ
نوٗقطکُ ووٗبسُن وانگُ وُل
واکھُک وآرِث دَر شُرک زاو

# اِلہام

دَنٛدَس وُٚژھے ذٕگہٕ ہَر
ژٲلکھ کوٚت ؟

پھِر ہکہٕ وُن پاآز
وُنَل وٕلِتھ ہہ اُچھ تیٚنٛتالی
تَچھہٕ تَچھ منز منز اژوُن ہٮ۪ن
بٕرٕژھ بٕرٕژھٕ کَرٕوُن وَچھہٕ وٕوٚتھ کاکُد
پَل پٕژٲٹھِتھ پھوٚجہٕ شمشیر
کیٚمی کوٚر تُلہٕ ہٮ۪نہٕ ڈیٚرس چرٛپھ چرٛپھ
چرٛپھ

یِتھ کِنٛز سوٚنتس لَر وُشنیہٕ تہٕ
ہٕرَنٛچہٕ کِنٛتجہٕ بےٚحکمَن ژاییَ

اَوٚری
خَلوَکھ کوٗٹھہٕ منز
ٹٕرٛ ٹٕرٛی ٹھ، ٹٕرٛ ٹٕرٛی ٹھ ———

یوز
کَرکھ کیاہ ؟

مے ۱۹۷۶ء

# آوِلُن

ٹھُھڈی ٹھونکر کھبتھ وُپھُن نوزُن تہٕ
ژاں ژاں وۄتھ وُچھِہسے ہُدرِ دتھ تہٕ
گہہٕ گٹہٕ مۄسمہٕ اُرژھین زنگن ہُند ژھر پھران تہٕ
پھُپھرِل بُرگ بُرگ پھولراواں پھولراواں وۄتلیاوتہٕ
دۄل وُمہراواں وُمہراواں رژرناوِن نکھ پھٹی گاٹھ تہٕ
دۄراں دۄراں ژھایو مٕنزٕ اسمانہٕ وُچھُن
شہابِ ثاقب!

— نہٕ پتھ نہٕ برونہہ —

اگست ۱۹۷۶ء



رٟیشہِ ! اَسہِ ژٕیٚے نٕشہِ لٕب آگاہی
کأشِرزٕبہٕ عرٕبی قُرآن
چانی بڑانٛدٕچ لٕرٕڑھ بڈشاہی
ژٕے نٕلہٕ ناگس نیٚوٗل اَسمان

رٟیشہِ ! ژٕے سوٚرمیٚتُل ساننٕ سارٕن
ژٕے اَسہِ آنالگ پاتال
ژٕے چھلہٕ چھانگرِ وَرقن ترٛوٗپی پَن
بُہِ ژٕسی تِس قومَس خط وخال

اگست ۱۹۷۶ء



نہ چھُہ زُیتوٗنک کانہہ جاناوار
نہٕ چھےٚ ہُلہِ کانہہ شمشیرٕ پرٕزلاں
ییٚتہِ کٔس دِمہٕ آلوٚ؟
یا طیش؟
مےٚ تہِ ناو سکندر بہٕ تہِ دارا
یا بُتھ زوٚس ہوا شوٗنگتھ

جنوری ۱۹۷۷ء



# ہَوا

تِم سأری جنگ اَڈ کھَشہٕ ترٛاوِتھ
بَنہٕ بَنہٕ پیٛٹھ چھَلہٕ پھَلہٕ گومُت کَلہٕ
شانٛدس پیٛٹھ سوٚمبرووُم، تہٕ وُچھُم :
طرفاتھ دٕناں لرِزِتھ پھیٚکی
گرِہُند ٹٕپ ٹٕپ گرٕ وَچھہٕ سے ژٕکسارِ وَسان
پاتالکُ سُرف لبواں عَرشَس
بُڈہوٗتِس اچھ منز موصُم یُمبرزَل پھوٚجمژ ؛

یُس پُل شانٛد اوسُم تَتھ کھوٚت پوٚس
یُس دیُت وَلگتُن تہٕ آوِہِس منز ہیوٚتُم نرٕژُن
نرٕژاں نرٕژاں ژٕکسارِ وۄتھُس
وَساں وَساں وۄتُس بیٚیہِ تھُتھ عرساتس منز
ییٚتہِ آوازن ہندی لاشہٕ پیٚلی
ژھایَن ہندِ سیٚمبہِ تلی غمآب گرٕژھاں ؛

# سوٚنتھ

تھُپ کرِتھ کاکُد ٹُلن پٔنجرس تہٕ
وُشتُ اَتھہ ہٮ۪ندرِس ڈٕکس پھرواں ووٚتھمُ :
وُنہٕ تہٕ چھیہٕ شِشہٕ تھوٚسی اُچھن آکاش کیٚمی کرٕ یٖہتیار ہیتھ ؟
ہرٕ ژٕرٕ کَنٕڈ ! ہوٚمیون ہٕہہ ،
زمرُودی پھہٕ ــــــ
لولہٕ وَنہٕ وہشلوو وَچھہٕ تیمبرٕ لو ووٚجوٗد
مُتی چھہٕ درٕسہٕ واں واوہٕ ہنکَل
ژانگو رٕیٖہٕیہٕ نُں شاعرس رٕتھ سُندی جہٕ بوٚلہٕ
بالہٕ پٔلہٕ مٔنٔڑی کاہجن ہُندرس ژُشتھ پوشُر اکایَ تاپہٕ چھوٚ ژٕنتھ چھوری گیتھ
وولہٕ گتہٕ ہنٔز گاڈٕ وُزہٕلی وُڈٕری تھرٕ بیٖٹھی ہرٕیہٕ زرٕژٕ ہنٔز نوٚاُدرٕ تارکھ پھُلےَ
وَتہٕ بیٖٹھکی یٔدی پوشہٕ کوترٕ گرٕاپہٕ ہُند وُہوٗن گگو
نبَ ، ہوا ، بُتراتھ
سُنہٕ سوٚدرٕچ کُنی سبزارٕ وہپدیمٔژ رٕہچ خوشبوہٕ ژھٹھ
اُچھ ، قلَم ، کاکُد ، حرُف ، گُنٔژ ، فضا
شَش جہنٔھ باواں اُچھوٚ کھورٕ بو
وُکھ چھُ یور آمُت !

جنوری ۱۹۷۷ء



## ژٕتھۍ کُھٹِس مَنٛز

یٔیتہِ مے یِم دوہ
أَسی گاٗمتۍ

وٕتھرِلِن مَنز
تہٕر لٔلواں
وُچھمے دِگرَن باگی
ژھوٚپ دوٚپ
ہِرِدیہ زٕژٕ اَکھ
بَرَنہِ پھُتہٕ کُنُ
سٕیمٹُس پیٹھ
بُوٗزہٕ پھٕٹکی
کھرٛژی گٔمتۍ پھٕٹتۍ
گاشہِ راٚوِتھ
سٕنڈلہٕ کانٹَنُ
گردِ گٔڈ کرٛنٛز
زوٗنہٕ ناواں

جنوری ۱۹۷۷ء



# پھیُر

ساری وٲنٛشہِ ہۆنٛدُر ژولُن
قبرِ وَسان تہٕ ترٛۄوہٕ شِینَن ......
بی سونٛچاں سونٛچاں ترٲوِم لَر
بیدِ شُیچ آف کوٚرُم
ٹِچِمُ
ٹِچِن
ٹِچِمُ
ٹِچِن
اَنِہٕ گٹٕ ژھوپہِ منز
کُنہٕ زٕ نٕ
سِراُنہٕ پُٹھ کُھج ٹٕلی
پانٕے پَہٕ نِین پاشِرِیَن ہُند سَرگمَ بوزاں
ٹِچِمُ
ٹِچِن
ٹِچِمُ
یَشہِ پیٹھٕ آیہِ ؤستِھ بِشہٕ تھرِس
مےٚ کوٚر کاگرِ پھیُر

فروری ۱۹۷۷ء

# خاب حقیقتھ

مُشکِ ہیوٗن تھٕترٕل کھوٚنکھُن
بُتھٕ لَبہِ پیٚٹھٕ پھُپھرٲوِتھ، بِلکُل
چانِٹھ نَکھہٕ سیٚزرٲوِتھ
وُتھہٕ والَن ہنٛدی سُرٕگَنڈی
دَنٛدٕ زٕژ
زیٚوٕ ہٕشٕر رَنٛتہٕ برٕہیٚہ
ہِشِشری اچھَن منٛز ژھٕبتہٕ کرٕیٕ نَم تہٕ
وَہرووٗن اَس ....

"ہا کھیوٗلُس ہا ...."

مگر بٕہ ہے چھُس پَنُنی گرِ!
ییٚمہِ لیفہِ چھُنَس گُمہٕ ٹھرِ کوٚرمُت،
یہِ چھُہ میوٗنے کُٹھ،
کنکریٖٹُک تالَو، سیٖخو دارٕ
پلاسٹِکُک سُے پھوٚلمُت گَملہٕ، تہٕ تھٕنٛنی نَکھہٕ
سٹیٖلُک فریمَس منٛز سُے میوٗن
اَسہٕ وُن فوٹو!

فروری ۱۹۷۷ء



ژیٚتہٕ مےٚ چھےٚ یتھ ہرساوِ زوٗس منز
کیٚتژٕ مرنڈایہِ تہٕ کاتیاہ کھلباٲن ژھینتہٕ
گاسہ تُلِس بیٹھ شاہری ژھایہِ نوٗینٕ پوٚٹیٚچ اُچھ مُژراوان
شانشَل زِنی موٚنڈ لیَہِ یتھ مولہٕ وان آکاش آرُت

سوٚے لاوا گرزِ بکھ میانہِ وجوٗدس
بُتراژَل تہٕ چانہِ ظوٗہوٗرک
گرٛدِ پیوٚمُت یُس مُسوٗدِ تُلتھن
اَتھ رٕکھہِ ہاوان مُبہم مُبہم
یۄسہ کانہہ تازٕ کتاباہ مُژرِم
حرفن حرفن وُٹھ کرٛیتہِ نیمتی

یمہٕ شیشہِ لبہٕ منزٕ چھُ ڈلُک
اَنہٕ ہنوٗمُت دُہر
چانی قداور ژھاے منگان
دُچھہِ منزٕ وٕلتی گمژ کوٚہہ تیغ[٢]
میانہِ وٕچھ ہوٚہہ راے مُنگاں

دوٚپہے! میوٗن مرُن چھُے میٚے کُن مُدے گنڈِتھ

---

لہٕ پتہٕ ٢ شیکسپیئرنہٕ "دٕ ٹیمپیسٹ" ڈرامہکی اہم کردار ٣ کوٚہہ تیغ: کوہِ تالہِ دٕندر

# نیوٗل غزل

نہٕ مےٚ چھُنہٕ کانہہ برٛم
سوٚدرُ موٚنٛدُتھ پٔتہٕ مےٚ بوگ زٕہر
ہوٗٹیٚجہِ منٛز چھُس چھاوِاں لاثنیٖ جنٛگلی نار

ژھایٔرٕ ہیرِ کھسان وُچھ دوٚشوٕ ے
بُتھِ بٔنٛد شیٚشٕتٕرٕ پنٛجرٕ بٔرٕس اُچھ لاگِتھ
تِتھ مجبوٗر آزاد ژٕہٕس منٛز:
پاژٕ پکھو پیٚٹھی
نائے[۱] ہٕلکی ڈُلہٕ گرِنھ پٕنی شار

نہٕ مےٚ چھُنہٕ کانہہ برٛم
اَنہٕ گٹ ہیرِ وَسان جِسہٕ تِنبلیمتی پٔدٕ بُٹھس وُتھ:
وُتھٕ ژٕہہٕ منٛزٕ مِصرِچہِ مُلکانہٕ وَچھی بُچھ سٔرفو

---

۱ نائے: اکھ توارِکی تہٕ اِنتہاییٖ تھوٚدتہٕ کرُوٗٹھ قلہٕ یتھ منٛز مشہوٗر فارسی شاعر مسعوٗد سعد سلمان ہیٚتھے ۂہن ۱۲ وٕرِیَن ہُرمُرٕ قاد تھوٚونہٕ آو۔ قصیدہٕ "نای" چھُے اَہٕنٛز اکھ اہم نظم یتھ منٛز سُہ بیٚنیوٗ کتھو علاوٕ یتہٕ وَنان چھُ زِ تٔتھ رَس آسنہٕ سببہٕ ہیوٚک تٔمۍ ہٕہن وٕرِیَن جانا وارِن ہُندِ پٔشتےٚ لیوت وُچھتھ۔

خابَن میٖانٛہن گوبِھ وُشنیر
تَن چانٛیٚ آکاشچ دوٚدٕ کول
شُنٛیاہ میانٛن سونٛچن سِر
اَزلہٕ اَروٚپیٚٹر[1] چانٛیٚ خَمیٖر
میٖانہِ نصیبُک اَند لۄپار
کالہٕ کھوٚن[2] ہندی بوٚچھ موکَل
زوٚنہِ ستارن اَکھتالُن اَفلاکَن عرشَس
پھوٚ درپھوٚ !

دوٚپیمےَ ! اَنکھ بَکھ
میانہِ قبیلکی ژھیوٚی متی زرتُشتٕ آتشکدٕ آسی ژیٖیے، بَس ژیٖیے
بٔرنکہٕ پرٛاران !

وُڈھ کمُلاو، مےٚ اوسُے گوتم بُدھ موٗمُت
چانی باوٕژ روٚٹُم سُہ اَندریُم گٔنٛکھ تہٕ دُتمُس تتہٕ نے چاکھ[3]
چانٛہن سَرفن کیُٛت چھُم ہیوٚتمُت
لَلہٕ دوٚدٕ کرٕنڈ
ریہلہِ بیٹھن کیاہ تُلٕ تُلٕ ژھاوکھ
دوٚتھ پلہٕ ناوُم پیٚنہٕ نو شیہلبو شوٗژ اَتھو

---

[1] اروٚپیٹر : CHAOS [2] کالہٕ کھوٚ : BLACK HOLES [3] لَلہٕ واکھہٕ منٛز

اُچھ پچھے زِھایہٕ ہٲلِس سُنٛزناگ چھِ پاتالَس کَن دِتھ بوزان :

پرٛانِمن سمیَن پرٛانِمن زٕمنَ
دامہٕ شرِوِنی، نجٕدکی آلوَ، تلوارٕ صَدا

ہُمی ڈَل دٕہر وُچھِ سارٕی رَنگ
ٹٕکسی درٛاپہٕ تہٕ آیہٕ ژسکارٕی
وُنی نوٚزٕ گردِ تہٕ وُنی شوٚنگ واو
دارِ تہٕ بَرٕ روٚس اَسوٚم سَراے
گُگبَز گُگبَز منٕز راوان

گٔنی، کُل، کوتُر ـــ میثون سَفر
چھونے گُمہٕ پھُرک تارَکھ نَب[1]
چانہِ تہٕ کَتھِ کَتھِ ٹوٗرٕی چیٛکھ
میانہِ تہٕ زَگہِ زَگہِ وُزملہٕ سیٚنٛد
پاپرٕ سیٚکھ، خٕمکُ یاوُن
ہٲٹ روٗ تہٕ بھٹٕنی، زُنہٕ گاشہِ جوٚنوٗن
چانِن نکیٚنَ وٚیتھِ ہنز گرٛاے
میانِن تُہٕ تلن واوِلی گَتھ
چانِمن زُلفَن پیٛتھ وَنہٕ پئے

---

[1] یِمہٕ چھِنہٕ تشبیہہ بلکہ سفرکی واقاتھ

# مظلوٗم مسخٕر

یَتھ زگِس منز
ییٚتہٕ پرٛتھ انساں
لل، حبہٕ خوتنٕ
یُزید، یہوٗدا
پرٛتھ کانٛہہ ژُلہٕ وٕنہٕ ییٚکرٕ پیٚٹھ
ژُراں؛
تہٕ ژُراں ژُراں
مظلوٗم آسِتھ مسخٕر باساں
ییٚتہٕ پرٛتھ چیزس اکھ اُچھ
اَساں
تہٕ بیاکھ وَدان
ییٚتہٕ افلاطوٗن باساں
چارٕن ہُند درویش
ییٚتہٕ زُرتُشتس نارس آب وُزاں؛
اُتھی زگِس منز

پنُن یہِ زٔہر مندُن
وچھ یِتھ میانِس ہرٕ گوگلس
چانُو اَمرِتہٕ نظرٕ لیُوکھ
وہترٕ نیوٗل غزل

جُلَے ۱۹۷۸ء



# تِمہٕ اَچھ

تِمہٕ اَچھ : وُشنہِ بہارٕچ یاٗغی کوتر جوٗریا
بَڈٕ ڈٔلی پھُر پھُر وُڈٕو کراں شرٕپ گہلس وِرِوارَس ؛
تِمہٕ اَچھ : ژھوٚپ دوٚپ دوہ لوٗسُن کیٛتُت کٔژنی شرُی اَکی
بٔرِنجہٕ گُلِس تَل ژٔنِس جہبَس دِژ نظرٕ وٕلِتھ اکھ ناہچ دٕارِتھ ۔

جنوری ۱۹۷۹ء



# اَنٛدبوٚر

دوٗری دَرشنٕ ڈراما اوس ـــــ

دوٚشوٚے لوٚبِہٕ مُرٕ موٗسیقی
دوٚشوٚے حُسنٕکُ یاوِ طلوطُم
کُہ کہِ اَسُن

وُبِھ وُٹھی یاہوٗ
اَتھ بیٚٹھ پوٚک اَتھ
تھِر پھوٚلی تارکھ
نَکھ پیٚچ کُنٕ شیٖچھ
گرٕ بکھ کھُرٕ سوٚدرس
ڈُٹھوِے ڈُٹھوِے وُزلِہ مُدرا

اَتھی منزٕ ہنگہٕ منگہٕ کیا ہتامُہ گوو
پرٛوگرامَس بُتھِ آیہ رُکاوَٹھ ـــــ

یَنہٕ آسی وارٕہ کالَس ہاواں
چھاپی فوٹوٗ کھنڈراتَن ہندی
کھنٛڈی پھٹی بانَن ہنزٕ کنٛدٕ کارٕی

نفرٕژ ہُند تیزاب ژٕہُن ،
الماس درٕہ کُن ،
سُمرٕن رٕژھرٕنۍ تسٕبی زالنۍ ،
آنگن وارٕن عرب عجم کَنڈۍ زال گنڈنۍ ،
کرِہٕنِس کوتاہی تہٕ پرٕتھٕنِس بالادٔستی ؛
شابَس ! پَننے رَتھ چھِنجِہ ٹُلۍ ٹُلۍ ہوٚنۍ ہسکاوُکھ .

مارچ ۱۹۸۰ء



## ژُمصرٲے

سَبق سَر عَقلِہ ہُند عشقُک مُژرٕ بَن
تیوٚ لگَل چشمَو ژٕہِکھ پرٕبرٕنی دِلُک طوٗر
زمیٖن کُنۍ وُزۍ نہٕ گرٕہکھ وولرس ، رٕنبہٕ آرس
چھِ بارٕنۍ بوٗعلی سینا تہٕ منصوٗر

۱۹۵۸ء



# نَجاتھ

گُنبدٕ وول اکھ غولام گردش
یُتھ مٔنز
شِچھ وٕنہٕ ژھایہِ تہٕ ولگن ہار کوٚہستان
سوٚدرٕس صحراوچ اَیے تھٲوِتھ
ژھوپہٕ ہشر رُوتلٕ بوٚنہٕ لنگن ییٹھ سوٚنچن ہندی تلواسہٕ پھٹاکھ

گُنبدٕ وول اکھ غولام گردش
قدم تہٕ بُڈ کِبل ژانگِین ہُند گہہ
نظر تہٕ ریٚہہیہ برٚیہیہ مٔنز بی پونپری گتھ
گُمانہٕ گہلو تہٕ کرٚیہہٕ کنہٕ منز تُھلر چھےٚ ٹھاسان پان شیٚشس
بےٚ بوٚش قوج آو لام ترٲوِتھ
کُلبو کنٹو ووٚد، مگر ژوہ پاسے
گُنبزٕ وُزییمَ تہٕ آوِلنہٕ نوٚرژ

غولام گردش کھسان وَسان شہہ
نہٕ پنجرٕ گُنہٕ حُسنہٕ رَوکنُک ووٚتھ
نہٕ عشقہٕ بَرنے وُزان ہانکل

اَتھوَ کھورَو رٕسی دوٕناَتی پانڈَو
پَتہٕ آو خبرٕ ہُند بوٗڈ بُلیٹِن
ایرانُک جَنگ
پولینڈُک دَم
گولانُک جُت
یوٗ این او کرٕ بُھ
موٗصمی شُرٕ سُند ماجہٕ ہندِس پھُرٕ سے تَل راوُن

اگست ۸۰



# ییّر دوٚپُنم .....

آگاہ موکلیوس نہٕ
اوٚند پوٚکھ دوٕ تلیوس اَنگَس اَنگَس مَنٛز :

آلَو تہٕ آواز ژھیتہٕ گُمرٕ
دَچھِ پوٚنپِرِس راٛسی گرٛشھ وِہِ جوٕیہِ ہُندظون کرٛتھ ہنیومُت
یَکھَن کُجَرٕ
ژھایَن بانٕرٕ
اَسمان پانٕے یَینہٕ نَس سوٗرس زاٛلی دِواں
تہٕ واوس موٚس ژامُت تہٕ اَنٛھوٗ مَنٛزٕ
رَنگہٕ چھُتی چھانٛچھِ پوٚتی تیٛری نیٛری ژَلاں
تہٕ بےٚ صدا راواں ۔

کوٚت سَن گےٚ تِم ہاوسناکھ !
پرٛتھ مُرِ پرٛتھ لَنجہِ اوسُم زوٚل
دوٕنٛی روٗزٕم یَس اکھ نٕزرٕ تھٕرس
( نوروزٕچ اُچھ موٚرَن

نہ نیبر آواز لہر وہ تھ وِنی
نہ اندر آگر چھ تلہ یدِ لو بون
گٹس اندر گوٹ نژان بینہ پر
سحر تہ دُپہر، مندیُن تہ رونُل
یُدرِس پیوان پوٗد، کُرِس پھسان کوٗر

غولام گردش گٹس سٔمکھ گوٹ
چھنَن چھنا چھن، چھنَن چھنا چھن
بے بول سازت، اُروُپ مُدرا
نہ واکھ معنے، نہ وژنہ مطلب
چھنَن چھنا چھن، چھنَن چھنا چھن

پتھ وُسنھ گوٗے تہ سرونگ دزاٰیی
ووجود پزووُتھ عدم، وو دے چھے!
سُہ اُڈکھشی تزوومُت نژن گوٗر
کیاٰزی، کھنہ مُنز شونگتھ، یہ سوکھ سوو لال بزہ ہے؟
سُہ قدِی کتہ مو کھہے؟
اُگر تُے
بے پزھ یہ زیٔس آرِسہس یُدبن تل!

ستمبر ۱۹۸۰ء

۱ گھنز: کھاٰنز: کان

# ترٚوپرِتھ کوٗٹھ

ٹیپہٕ پٔشس لٔج ٹٕپہ رارٕے!
داوٕن ناگہ لوٚکھرٕ تۄجۍ نیٚندرِ تہٕ
اَنہٕ گٹ کھراشوٗ منٛز دُیت سوٚنہٕ ہٕری گاڈوٗ لرِ پھیٚر——
یاوٕنہٕ میانے کِرٕ منٛز پٹے! کمیوٗ وانے رنگنے آکھ؟

وِرِتھ لوٚ بیٚیہ وۄشلُن ہیوٗ تہم
وۄلہٕ باسہٕ تُرتہٕ! وۄلہٕ تُل پرانٛہِن زخمن کراٰل——
اُسمانٛی آمژ ککایا

کِنہٕ
کرٕنیہہ زمینہٕ پھٹتھ دراٰمژ رنگہ پھولایا!
نب اوس وۄتھ
ہوا سوکھہ بوٗل
سمندر نیوٗل!
سوٚنچ بٕنیٚے بامن تہٕ جسم پھٕہلیٚے خوشبوے
کِنہٕ پھوٚٹ گمہٕ تہٕ گمُن ژھٕٹ ریٚہہ

سونٛتُک کاڈ
(گرٛینشمُک پیٛپٔے مُشک تہٕ رنٛگ)
سمیٖن سمیٖن ہنز واُرٕتھ ۔

اَد ژرٛول تاپھ ؟
اَد ہیوٚت اَنہٕ گٹہٕ وونُن زال ؟
مےٚ کھسہٕ نہٕ ؤل کاُف
ہوٚمیس منزٕ یوسہٕ سِکھ آس سوٚ چھےٚ پھٕلہٕ پھٕلہٕ وُزٕھمُنہٕ
شاملہٕ ژھالیو کرٕ پھِسراے
نہٕ میانٔی یہٕ کُنہٕ اَچھ گاش ، یہٕ موصُم زٕژھ
باساں چھُم یتہٕ لبہٕ کانہہ ہتھ
وِچھ کاُژاہ پرِیتھ ، کاُژاہ شوٗہلہٕ ، کاُژاہ ساُدروار !

اَنہٕ گوٚٹ غاےٚب گوس تہٕ وونٔی کُس تُلہٕ پُرسان ؟
نظرٕ نہٕ اوٚند پوٚکھ
اوٚنگجہٕ نہٕ تیلُن
مُحیطہٕ رٕوس مرکز

نومبر ۱۹۸۰ء



# ژٕنۍ وَرٕۍ پٕہ کھُنٕۍ

میانہِ ووجوُدُک وُہوُن سٕنگِستان پٕژٕ آٹھ کیٛتھ کٕنۍ
لولُک سبز سٕرٕژُل دِوٕدار کھَسان
ژٕۍ وِچھتھ ہیٛکَکھ
ژٕنۍ وَرٕۍ پٕہ کھُنٕۍ ،

اَتھ دِوٕدارس کیٛتھ کٕنۍ لَنجہِ لَنجہِ
سوٗدَرو کھٕژَمَژ بولہِ وُپھان
ژٕۍ وُنِتھ ہیٛکَکھ
ژٕنۍ وَرٕۍ پٕہ کھُنٕۍ

یِمہٕ رَنگہٕ بولہِ چھێ کیٛتھ کٕنۍ شہَہ بَدلاوِتھ
تَلپاتال وَسان
ژٕۍ سٕنِتھ ہیٛکَکھ
ژٕنۍ وَرٕۍ پٕہ کھُنٕۍ

یِم پاتال چھِ کیٛتھ کٕنۍ میانٕن رٕوٕتلی چیشمَن منز
پیٛٹھ مَنزٕ نکی اَکھتابہٕ ژٕہال

وُچھِ دِژ ووٚٹھ تہٕ نژُن ووٚلسو ؛
پَتہٕ آس اَندٕ وَند تِمبرِ پھُلے
پَتہٕ اوس ہیٚرِ لوٚن لوٚہوٚت زوٗل
پَتہٕ آس سأنی اکھ رُدٕ پھِرکہِ دٕرامٕژ تاپرِ لوٗلی !

اَز تہٕ چھِ سوٚرٕ ملی کوٚہہ تالَن پیٹھ چھَنہٕ وٗلی اوٚبرٕ لمبکھ موٚہلکھ
اَز تہٕ چھِ ٹلپاتاہکی ہادساکھ قبیلہٕ کھَمان ؛
'بیٚیہِ کَر لگِہ ترٕژھ سوٚنٕہ دِوَے !'
اَز تہٕ چھُ بیتھ سونٕہلی شہرس منز ترٕڈیٚرٕتھ کوٗٹھرِ سُے وأراگ ؛
'بیٚلہِ چھُم یاوُن زٕ تَس ہیوٚاں
تیٚلہِ چھُم لِواں دیوانگی'

مارچ ۱۹۸۱ء



# شایِد کاوَن ہُند شور

بَس چُھ فقط کاوَن ہُند شور
بلکُل تمَی اَندٕ یٲرٕ سُہ بےٚ شوٗنک لوٚکچار، سوٚ وُپھَل جوٲنی ــــــ
ہٲم!

ؤنی کہِن چھُس شایِد تُھتھ کٕڈِس پیٹھ
یِیمہِ کِس شیٚیشرٕ جنگلَس تھَرِ دِتھ بارہا
گرٕ لیشمہٕ کال شیٚہلووُم
خبر سوٚ وۄتھ چھا ؤنی کہِن تہِ وَسان؟
اَتہِ گوٚٹ چھُ نیٚتھ زِ اَتہِ گوٚٹے یُوت چھُ لبنہٕ یِوان
بیٚیہِ چھُ کاوَن ہُند شور
ہُران، ہُنان
نہ کاوِ نہٕ ہٕشِر توشتھ
نَہ ژٔرِ ہُند پھرٕ بکھ
بَس چھُ فقط شور
شایِد کاوَن ہُند
شایِد تمَی اَندٕ یِیمہِ اَندٕ گرٕ دوراں دڑاییٚ

ژٕپے لٔبِتھ ہیٚکھ
ژٕےٚ وٕرٕنٛے نہٕ کُھٹُنٛے ،

مَنٛدٕنٛکی یِم اَکھتابہٕ چھِ کِتھہٕ کٕنٛز میانہِ خابَن منٛز

ہُوٚسوٚ مہِرٕ سوٚمہِرٕ راوان
ژٕپے سٕنٛرِتھ ہیٚکٕکھ
ژٕےٚ وٕرٕنٛے نہٕ کُھٹُنٛے

ستمبر ۱



# ہُتے

اُنتہٕ اَندٕ زیٖٹھاں ہُناں زَلہٕ وُن سَراب
آ، اگرٕ سُے دامہٕ چھُتھ زنہٕ ہے یہٕ اوٚشس!
وقت بَس اکھ بے صَدا ٹھُہٕنو
مرکزس شرٕوٕ پٕمُت محیط
میاَنْ کرٕنکھ ژھیپہٕ ہے تہٕ ویٚنہٕ ہے کتھ اَندس؟

"لا" بہٕ دَپہٕ ہا پوٚز دِپَن وائِس چھےٚ اُچھ
"آ" بہٕ پَرٕہا پوٚز اُچھُر پَرناوِ کُس؟

سونتہٕ ووہٕ ہندی آنتہٕ بامَن
گرٕدیٚشمہٕ گرٕنگہٕ ہنز مُرٕش پھُلےٚ
ہَردٕ رُسی جارُک خمُار
ماگہٕ ژھَٹہٕ ہنز شِشرٕ گُنڈ

یَتھ کُلِس موٚلَن چھُ اَنہٕ گوٚٹ پھہَ دِواں
یَتھ کُلِس تیٚہرگ نہٕ واتُن آسماں

سفید جبہٕ، کاژرٕ وُٹھ

یِیتہٕ زامُت اوُس تتھ گرُس
لُہُرک بُرزٕلیش تہٕ سنگل سوپرییٚ
ہمسفر یُس ستی تجُوم
سُہ چھُم بیٚتہٕ اَندٕ ووزجہٕ کملہٕ تلَ
بَیاپسی ہُندٕ نتیجہٕ بوزنہٕ ترٛوومُت
تہٕ پانہٕ چھُس یِیمہٕ بےٚ گاش شہرکہٕ بےٚ باش کُدلہٕ پیٚٹھٕ
پٔدی تلُان
دٕچھنہٕ کھووری، کِنہٕ پُوری پچھمہٕ ؟
تہٕ وستھ آولنو بجایہٕ چھُم کاوَن ہُند شور
دٲیرٕ ژھوٚڑاوان ۔

دسمبر ۱۹۸۱ء



# سِہہ تہٕ سوٚدُر

دٔہ د ژاٲرِس پیٹھ
ہٕر تیزان
یادِن ژوٗرِس پھاٲسی
یا گرژھِ ژوٗر بٕجیتھ
ناموٗسِم وَکھ، کوٚت نیرَکھ؟
بیٚہہ ییٚتی تھے
میٚے نزدیکھ

اَڈراتَن ییلہِ داٲر اٲس دِتھ
دَرواز تہٕ بُند
کاوِ کرٕہُن وُچھ وار یُس تینٛتالہو پیٚٹھ

زیٹھُم زیٹھ سَڑکھ
یُدی آکھُن زہَر وُزان ــــــ
ساٲنی تہٕ موج
سون تہٕ مول

یَتھ کُلِس تَل یُٚس تہٕ شِہلِس بیوٗٹھ، شوٚنگ
یَتھ کُلِس پیٚٹھ ییٚمہٕ تہٕ ہٕکھ کوٚڈ واشِس، روو
یَتھ کُلِس اَندۍ ہٕکھی کرٕہُن واوِلی صَدا
یَتھ کُلِس ہیوٚر بوٚن کُنی رَتہٕ کول وُہاں

موٚکھتہٕ ژارُن یازِ موٗسیقی لۍنہٕ :
زوٗن کھیٚنہٕ بالَس کھَسُن یا کوٚہِ قافَس دِنہٕ لیوٚنہٕ

پرٕووُے کیہنہ بَس ہِمے اُش پھیرِ کیہنہ
بووُے کیہنہ بَس ہِہے اکھ کرٕ ہٕکھ تہٕ بَس.

دسمبر ۱۹۸۱ء



بیٛہہ ییٛتی تھے
میٛے نزدیکھ
دۄد ژاُرِس پیٹھ
ہُر تیزان

جنوری ۱۹۸۳ء



زِیٚتہٕ یِتہٕ وُتھرٕو مٕنزٕ ریٚہہ ڈٲشتھ
میٚ تہٕ دِرٕشمی یٔدی آکھٕن لوٚٹھ
قافلہٕ وُپھلیو وُنَلٕ، غُبار
کُنہِ کُنہِ میٚتہِ پھوٚج گرٕ یٔڈرن وُزٕمَل
کُنہِ کُنہِ چانی وٕشٕنہِ میانِن کھُزٕرٕ کُلین تُلٕ دِل

ناموٚسم وَکھ، کوٚت نیرکھ؟
ہہسَ چھےٚ یال وُرٕان
سوٚدُر چھُ راتھ کھمَان
تامتھ بیٚہہ یٚیتھ تھےٚ
میٚنے نزدیکھ

یٚیتھی وٲلِیا کُلی دَدرِ دِمَو ووٚن
پوٚشٕ کلَسَ پیٹھ چھےٚ نہٕ دَراں
دُرراواں گرٕشھ
اُش پھیرِن چھےٚ اُسُن پھولاں
پھوٚلہٕ راواں گرٕشھ
حبشی جاناوار چھِ سٕندی جہِ یٔدل اَزٕ چھاواں شیٖن
اکھ اکھ اکھ

ییٚمہٕ ژھنگہٕ لوٗس
گامَس رۄدنہٕ زادوہ یادٕ
شہرن تِرٕوو جنازٕ اَڈوٕتہٕ
ہورٕ چھےٚ تمبلیمژ لبٕسہٕ دوراں
یورٕ چھےٚ وولیمژ وٕتہٕ ووراں
کیلنڈرس ژٕلۍ ورقہٕ ورق رنگ
روڈٕ پھلِہ ونیوٗ پانٕس ستِہٕن سورٕے اونٛد پوکھ ڈلہٕ واں ڈلہٕ واں
اَڈٕ گاٹجر کُٹھِ وُزملہٕ زاجکھ
نیٚہ نیٚہ یَسکٕی لکٕی اَنہٕ گٹٕ ژاپٕ

بزونتھ نہٕ، بےٚ چھُس
روڈٕ پھولاہ یا وٕنتس راہی
میانِہٕن ہنگن پیٚٹھ یہٕ چھُ چونےٚ یاوُن سوٗری
وٕ چھکھےٚ چانِہٕن چشمن منٛز تہٕ چھِ وٕنتہٕ گاٹمتی یِم میانی خاب؛
یتھ بےٚ سایہٕ وُڈٕر پیٚٹھ سمیچھکھ، جانےٚ گوو
ییٚتہٕ نہٕ چھُ داری کانہہ بُلبُل
نہٕ چھُ برٕنی کرٕ ایچ
نہٕ چھےٚ گرٕچی کل، نہٕ چھُ سوٚدرک ظوٗن
نہٕ چھےٚ ناوٕ گوٚب، نہٕ چھُ آمہٕ پنٕک حسرتھ؛
دوٕلہٕ ییٚتھ ہندرِس واوس منٛز۔ از وٕ چھ مرٕزٕتھ؛
کونسِہ کوٚٹھر چھاوو شین!

فروری ۱۹۸۳ء

# سَفر

اَکہِ اَڈِ گاشِرِ کُھٹہِ مۆنٛزٕ
مأنٛتھرِ پھرِ کہٕ وُن بیٚیہِ کہٕ کُھٹیٖنٛک اَڈِ ووٚتھ درواز
وُچھہِ وُچھہِ وِچھُنک مَتھ بڑادیوٗو
سۄہہ زیٚوِ پھشہ پھشہ رَتھ میٖٹھیوو ؛
کُلہِ پیتہٕ کُلہِ پیتہٕ کُلٕ جنگلُ
گہلِس مۆنٛزٕ ڈوٚل ژھاینٛ ووٚن

میٚیتہِ چھووٕ دہ
ژیٚیتہٕ لوٗسے کھتیٖھ
روڈِ پھلِبن رٕژُ گرٛاے ہتہٕ وُتھی
ڈُلہٕ واں
ڈُلہٕ واں

صُبحہ چکہٕ چکھ
شامُک مٔرٕشھ میچھر
بیأمِس پھہہٕ
ینٛدرِس تپے
ہُمہِ تھنگہِ پٔرِ ژٕزلیوٗ

ہرگاہ مُشک تگی ہیوٚن
رِشتہٕ گنج چھُوِ تھے تُلہٕ تیوٚ نگلُن ہتر۔ برٛیہہ ژانِکھ ؟

دُرٛزمرٛ بُرٛزمرٛ وآنٛج ژاٗرِشتھ
ییٚلہٕ رِتہٕ سوٚ مُدٛمرٛ چرٛاپے مُشکنہٕ آیمُ،
دوٚ پنمُ:
ہرگاہ زیٚوِ ہند کانہہ کوٚنڈ زخمُس ژوٚک تُل وآتِھ
نِسترٕ لاگی
اَلماسک تیٛہ ناوِے امرِتہٕ مُشِک ژھٹی ؟

اَنٛدٕ ییتہٕ یِسُ اَنٛدآو سُہ ژھُنٛڈِتھ
ییٚلہِ رِتہٕ مےٚ اَنٛدرٕوٚس لبُن تَگاں چھُم،
اتی دَپاں چھُم:
ہوٚ پھیٚرِ! زرٛ ییٚلہِ تنَ منَ پھولہٕ راوی
اَدٕ زانکھ
ویٚنرٛمن سپَدی ناممکن.

اُنٛذوٚرَتہٕ نٛزکتھ کٛنٛز یرٛآتھ وہ ییداں شمشیر
شاٗرک معنہِ تہٕ آرٛک مبُہم مرکز پھٹہلان

# خَراج

ٻواں ٻواں گوٚو پرٕچھ دوٚہ شام
پرٕچھ دوٚہَ شامَن دوٚپنَم :
ہرگاہ اَچھ مُرشِراوَکھ
قافہِ یٲری بوزَکھ پٕرِیَن ہُند وَنہٕ وُن
آ، سازُک پَردَے آوازَن ہُند دیدار ۔

شیہلِچ مسوَل
تبٕزُک دُپہرٕ
وُٚتھر وُٚتھر پرٕژنووُم ، پوٚز
کُنہِ ییٚلہِ نظرِ گیُم نہٕ سُہ خوشبوے ،
دوٚپنَم :
ہرگاہ کَن وُٚتھی نھاوَکھ
سوٚدرٕ ژٔلِس تَل سارَکھ سوہہرٕ گاڈَن ہُند وَردَن ۔

شیتَل زُلفوٚ مٔنزٕ یِم پھرٕہِکہٕ ہِتی اَوٚنگجَن ہندی ٹینڈی
توٚناوِتھ
ییٚلہِ نہٕ زَگَن مَنٛز تمہٕ رَتہٕ گولہِ ہنٛز کرِبکھے مےٚ لوٗزِم ،
دوٚپنَم :

# سون گام

یہٕ سون گام چھُ گامہِ زٕبرٕ، شہرٕ مہٕ وٕنیوٗس
یہِ دِیہہٕ دٕرمہٕ چھُ رطبُ اللساںٕ ہوکھٕ مہٕ ٹلیوٗس

ییتیٖنٛج کُکل تہِ چھٔے یاد دوستو وناں، بوٗزِو
گٔنٛج تہِ سأنی قوراتہٕ پٔراں، ہنا سوٗنچِو

وییٛتھے چھُ پوٗنی پوِتّر تہٕ سیٖنہٕ کوٗنہٕ چھلوٗ
دٕرٛژار ناگہٕ ہُراں لبمب دٕماغہٕ کیاز ڈٕلوٗ

چھُ ہرٕنہٕ سیمنہٕ وُچھتھے ہیٚچھاں دُوٗن دورکُن
ستتُٕ اگر کھیٚنہِ بمہٕ سٕنی ڈٕیو رِزق ووتُس

بہٕ ازٕ تہِ ژارٕ گنڈاں ڈُش، ژٕکوٗنہٕ چھُکھ لاراں
ییٚتے چھُ ازٕ تہِ وساں دٕیارٕ ورشُن اسمانٔے

پانژن دٕریاوٕن ہُند آب چھُ آخر آبے
مُلکھ سمکھ مُلکھس تہٕ سمتھ لگی آوہنس
نوٚٹ دڑاو اوم تہٕ وچھ وَہہٕ وۄنی
وقت تہٕ ٹھۄنٛو ونلیومُت تِہ

اُڑھن

اُبہن

شۄنی جہٕژن بسم کران ؛

روتلہ پھۄنہ پادرِ سہہ ہنز. گرٛزہ بوٗزتھ ییلہ
گرِہنز. وانج
ہسہٕ وِلسراوتھ
مژرٕ تُلی ،

تیٚلہ دٕلو باغس برٛگرشہ ووٚتھ
ہسہٕ بوٚز پانس وزِ
ہسہٕ بالاپے
رٕتہٕ سرٛ پھولہ پمپوش
تیٚلہ دٕلو بوزِو خوشبویہٕ ہنز آواز اُچھو
موٚت کرِگرِ بہتھے معراج ـــــــ

آلو گوو کتہٕ تام :
پنجھیہٕ نتھ نیٚز لٔگ ؟
شمس فقیرن پرژو خراج !

اکتوبر ۱۹۸۳ء

یہِ سون گام چھُ آزاد، بُکھ ییٚتکی آکاشس
مےٚ دیُت نہٕ زَنہٕہ تہٕ قرض کانسہٕ، گرٕزہ ژٕہُل براش

مےٚ ووٹ ترٕوونہٕ، مِلکٕ زِٹھہے وُچھاں اِسم
بُیانہٕ زُز بُجہٕ ہُند گووٕ نَشرٕ، پھوٚیُے نا دِل

یہِ گرٕ لیسی بوے ژٕٹاں حاجتےَ چھُ گامس کوٕل
یہِ پھیرِ وول پکاں توٚسہٕ بدلہٕ چھُس رٕفلے

کھوٚاں چوٚاں تہٕ اَسی اَسی، زٕبواں مرٕاں تہٕ اَسی
رِگنداں دروکاں تہٕ اَسی اَسی، اَساں وٕداں تہٕ اَسی

ییٚتی مےٚ باغ اَزِتھ وُچھِ شوٗس شکھتھ میلِتھ
ییٚتی ژٕ کوٗ ٹھٕر ترٕوٚ پرِتھ بُلوٗ فِلم چھاوٕاں

جنگلُ اگر یہِ لیٚتر کھٕرٕ تہٕ وِزی ڈٕروٚ دِتی کمپ
اُچھِن اگر ژٕنے وٚوٚتھے دٕہ یہِ زول مےٚ ڈیٖزِل

شوٗنگن کُٹھی مےٚ چھُ ٹی وی دِواں گلوٗبُس گتھ
ژٕنے تیٖہلِہ یارٕ بلےٚ شیٚچھ وٕنان بی بی سی

کتھن چھ بوڈ اویزاں ، پرو تہٕ ماے برو
اکھن چھنے لاے پھٹاں کٔس ، فوضول کیاز سنو

گرٕکی چھ شُری تہٕ نصیحتھ کرٕنٕوٕکھ سون سیدن
پٔنُن چھُ قوم ، ژُووٕت آورِتھ ڈیٚیوٕکھ گرٕبزن

یہٕ رٕحِم ، کاک ، تھووُنا بوٚندوٗق ہٕنٛزہ وودِنی؟
یہٕ نکھٕہن ، بوے چھُ ، فلحال چھاوتن دِلہٕ تاپھ

ژٕ پٔننہٕ آشنہٕ باوکھ تہٕ بس ، اصالتھ چاےٚ
مےٚ ستہٕ وعدٕ اپُرٕ گوٚے ، بہٕ زانہٕ مجبوٗری

پرٕی بسیر ژٕ اوٚنہکھ اُچھیٹھ ہمسایوٕ
یمن مےٚ مال کماوٕلوٕ تِم آسی پردیسی

مےٚ کوٚر قناتھ تہٕ مُلکس ہُران گوو باپار
روٚٹُھتھ ژےٚ چندہٕ تہٕ فوجن بٔنن توٚپنہٕ سِلح

قوٗراں تہٕ بوزٕ مگر کوٗر چھُم کڈٕنی بازر
ختم تہٕ لاگہٕ اگر چرٕسہٕ پھیر پھرٕووٗژ یتیم

پہاڑ سأنی چھِ پرٛاچین، مزاز سون قدیم
ریشِتُت چھُ سأنی رِوایتھ، تہٕ زٕکاتہٕ سون عظیم

یہِ جلسہٕ گہہ چھُ، تہٕ وِچھ گأمی گام آو شمتھ
دِنار پونٛشہِ، یہِ کیاہ چھُکھ بےٚ معنہٕ شار پران

بہتھ کٔشیر اَندر چھُکھ وَنان امریکہٕ
قدیم آیہِ پھِرن نألی چھےٚ، جدید مہٕ بَن

مارچ ۱۹۸۵ء



خلیجہ بام پھٹن، بس کرایہ کوت کھارو
مزایل جرمنہ لاگن، نشاطہ ناو رٹو

یہ پییر وار چھے ییتہ ششَ جھٔر منگاں چھے نیاز
وو ڈھاں مٔتہ آب یتھے چلی مہ رنگ ٹلاں کانہہ بب

ییتکی بزرگ تہ شہہ اُصول وبرشہ ناواں
ییتکی جوان تہ کتھ ضمیر موله ناواں

دماغہ ترٛکی زِ یدِس پوٚد چھ شانکہ گگرس بٔرور
بیانہ شوٚدی زِ قسم کھیتھ ونان سوٚزلہ سُرف

کروکھ پرٛتھ تہ دین چارٕ یتھ منٛدی یرٛتھی واتی
کڈوکھ نوٚن تہ چھپن لولہ نامہ اخبارن

ہوٚجوم ییتہ زٕ تھے پرٛ زنتگ ضوٚرورتھ یوٚ
جماژ یمہ پہ کھٹے بوٚلی اندٕ وند لولاں

اُسی اعتقاد رچھاں، سری یہ کھوٚت تہ کرٕ پوٚزا
توہے نیٹھس چھ دزاں ژونگ تہٕ شُو رہبر

اۆندپۆکھ اُچھن اَندر سۆبراۄتھ
پننی ہونجہٕ ہُند گمہٕ سرٛیہہٕ مولہٕ ۄتھ
زیۆٚرِ ہُند ڈُسُل کوٚنڈ نَگناۄتھ
پاتےَ پَتہٕ نوٚ زَسمَو پانَس کرٛوٚزٕ وآلِتھ
آہار کوٚرُن.

حمدُ زِ یَتھ نابۆدس مشرٕ تہٕ چھُ بۆدبسانٛ ؛
یَرٕ چھُنہٕ کانٛسہٕ پہوان !

جُلےَ ۱۹۸۵ء



# حمدُ

اَچھ یِیلہِ مُژرِن
اَندۍ نِکھ ڈیُوٹھُن
بھیٚیہیٚہ بھیٚیہیٚہ کرُون اَندرُوس صحرا
ساس نہٕ پُچھ ہُد دُری ییٚمس گۍ
بے منزِل، لاتعلق بُسرِل واوس منز
پَننی پریشٲنی سوٚمبراں

رنگہٕ رازس[1] پیٚوو آسُن رنگہٕ رنگہٕ ازماوُن
زیٚوِ ہنز داوِ تہٕ کوٚنڈ ودہ تلیوس
شُکیٚچہِ ژھایہِ تہٕ رَیہِ زالیٚ

"کاش کہِ وُنلے ٹھوٚر کرِہے
کاش کہِ پوٚنٹیٚچہِ ہنز پرژزِن
کاش کہِ کرژیلے کانہہ لرِ بھیٚشُر!"

رنگہٕ رازس پیٚوو آسُن ناسُن ازماوُن

---

[1] رنگہٕ راز: CHAMELEON. گِرگِٹ

واٰنسہِ پڑاریوٗسَے
میون بیاکُل دُبدُباہ زانہہ بوٗزتھا؟ —
اُوٚ مےٚ ژٕہنٕم بارہا برٕبوٗکہٕ آمٕژ چاٰنی مُژ ہوٕمہٕ راے — پوٚز —
وونی ژےٚ یٔلہِ موہلتھ دِتےٚ
(میاٰنی وَتہٕ پٔدی مابٕکھ)
پڑاراں یٔہ پڑارے
گرٕدِ آبکہِ گٔتہٕ گرٔزِھتھ سود ژاکہٕ واٰر۔

وُچھِ وُشُن گُفتار شوٗنگ
ییٚندرِ وُٹھ کُمجار پھوٚل۔

جُلٲے ۱۹۸۷ء



# ہے زٕبرَوَن بالہٕ تھٔنگہٕ!

وٲنٛسہٕ پرٛاریوسَے
ژٕ ژھوپہٕ پھُٹرکھ
مےٚ ووٚپدٕم گاش
ہے زٕبرَوَن بالہٕ تھٔنگہٕ!
چانہٕ نٕلہٕ وُڈٕ وٚچھِ وُزِتھ پھولِہ میٲنۍ ارٕوٕپیٚیرٕ ازلہٕ گرٕنٛز
لرِتھ گمٕژ یمہٕ میانہٕ اَچھ ہوٚہوٚسوٚدُر نیٚنگلِتھ یُرٕن سوکھ ساٚوِ یمپوٚشس ہلمَ
کوٚنٛتٕلُنہٕ وُزِ واکھہٕ سرگم
میٲنہٕ وٚچھِ ووتھِ وُژنہٕ مُدرا
باغٕہ برٕ گرٕژھِ ووٚتھ
یٕمبرزلہٕ
پوٚزَن شرٛیٚتھ گرٕژھِ بوٚمبرٕ گیٚتھ
نظرٕ میٚلُن، پرٛاگاش کول!

ہے زٕبرَوَن بالہٕ تھٔنگہٕ!
ژٕ پےٚ تہٕ آدَن بوج میٲنۍ
بےٚ تہٕ وَسہٕ منٛز چوٚن سٕرٛیٚہہ

آہنگِ آرائش کوڑُم
پاہہ اَز پنہ نو اُچھوموٗ لہ وَوِ پنن بے نیب ذاتھ!

وٗہی مگر ڈٕکہ دوٗد نصیب —
میٖون گوٗٹ ہہہ لوٗگسہ کنہ
اُتھی دژایہ اندرم کھے پھٹتھ؟

اوٗر ہندٕر کو چھہ ژھٕہرے
یوٗر اُچھ بے نوٗر سٕرو
ہے سکندر ہے خضر!
شوقِ دیدارو، وولو!

دسمبر ۱۹۸۷ء



# ہمسوس

قہرٕہٕژ راتھ سٕرِتھ
زٔہرٕوُدی آکھ پھٕہِتھ
کرٛیٖہنہِ وٲرٲپہٕ ووٚزُل رَنھ ژٲشِتھ
صَدمہٕ وَر بال پُٹِتھ
کرٛوٗھٹ وَکھ زیُٔوھٹ لُٔبِتھ
لٲنٛزسنگ کھاٲنٛز کھٕنٛتِھ
نوٗپہٕ سٕری گمُہٕ تیلِٕنمُ بوٚڈومِ تہٕ موچھِ منز آم سُے
یَس ناوِ مے پولاد کوٚر

سوز رٕوٗحک
آب رُوٗیک
اَہ تہٕ وَہ ہِلوِتھ سوٗبٕڈ دَولتھ پٮ۪م
دست وِدِل مصروفِ یک روٗشنگری
پوٚختہٕ پولادس بَنیم آیینہٕ پرٛوٚن !

آڈنٛکُ بادَم پھوٚلُم

کرِی وۄ حمدُ تے پرِی وۄ ثنا
گاش آو، گوو گٹہٕ کار فنا

وونۍ ہے ڈێپز تہٕ أسی آزاد
بخشٕس سائٕنس زِندا باد

از گوو ثابِتھ أسی چھِ بیدار
عٕلمٕن کھوٚت ازسون وِقار

وقتس منٕنہٕ شُروٚپ سون مِزاج
کٔنہِ اَسہِ کھٔنۍ کھٔنۍ تھوو خَراج

رٕتھ کھوٚت کاشُر ذوقِ نظر
ہونرِ وٕرٕے رٕنٕزنٲو ہونر

مہجورَن پرٛٲن مۄکھتہٕ سوٚدُر
خاص نمبَر چھاپِتھ باگُر

یِمی کوٚر تِمی کوٚر وعدٕ وفا
ساتھ سٔمبوتے دٕراو مُدا

# گٔنز کتھ

ہے بابو کتھ بوٗزِو سا
بانبرٕ کیاہ چھُو رٕوٗزِو سا

بٔتہٕ چھُس آمُت سائے یور
مجلس موکلہٕ تہٕ ترٛاوو دور

تکہٕ سا بوٗزِو کیاہ چھُ وَنان
لاوڈ سپیکرٕ موکھتہٕ چھکان

چھُو نسا توٗت تقریرٕ وَیان
میٲنی گٔنز کتھ ہتھاوِو دیٛان

مہجوٗرُن مقبرٕ شوٗرُکھ
قرضہٕ تواریخس ہوٗرُکھ

یِمہٕ کٔر تمۍ کٔر سٕنز باوتھ
موٗلہٕ وۄکھ مہجوٗرٕنۍ وَسمتھ

اَکھ کوٚڈ لولہٕ کلامَس پَن
بیٚیہٕ ژوٚٹ سونتہٕ پیامَس کھَن

تارِژِ توٗلٕ اَکھ حُسنِ خیال
دِجہِ کوٚڈ بیٚیہٕ جذباتی زُلال

اَکھ تُل جُبلی وَطنُک ساز
بیٚیہٕ روٚچھ یکجہتی ہُندِ کاز

اَکھ دوٚپ سُہ ہَسا لچھہِ مٔنز اکھ
سانِہ توٚمۍ آرِیُجُک پارَکھ

کیٚنژَو پٔرۍ اقبالنٕ خط
کیٚنژَو تھیٚچ ٹیگورنٕ کتھ

یِیا سَتھ داتوِ کوٚرُ تسلیم
حضرتِ مہجوٗر آسۍ عظیم

سرکارَن کوٚر ساسَن ڈاس
بوٚندبَس بھتوٗن خاصُل خاص

خاصہٕ وُزیرن مِنتھٕ تھاوٕ
پانَے تمہٕ کٔنۍ ووہ کھلَس تراوٕ

عامَس خام وَناں گمُراہ
خاص عالِم چھِ کراں وہ واہ

جُلسہٕ سُپُد، تقریر کرِکھ
وَسہٕ وِہ ویتھٕ تصویر مرِکھ

موٗسیقی ہنٛز محفِل لٔج
ہمسوٗسَن گِٹھ گانگل ژٔج

اَکھ سُند آوٕ بیٚیہِ سُند ساز
کوہ اَلہٕ راواں ییم دُمباز

شہرُک گامُک شاعر آے
کُتھ کُتھ اِلہامچ بُبراے

صاحبِ صدرَس کھوّت اِشنیاں
دوّہنِس لَرِژھ مَسہ کَرِیم لعَل

وَنُنے چھُے کیہنہ ژھوّٹ ژھوّٹ وَکن
زیچھَر راوی وَنہُنک فَن

تِمؠ گُستاخن بے اَدبَن
وارِ نکھسَ تُل اَتھِ واجِن[1]

باوَرِ کیا ہتاں اوس وَناں
مُتہٕ کَتھِ ماگاہٕ ٹلی چھِ سَناں

مےٚ چھُ وُنہِ یاد سُہ تِمؠ سُند ناد
رَتہٕ پھُٹہٕ چشمن ہُند فریاد

ہے یارو! ہے فنکارو!
ژبتہٕ وَنہٕ کہو ژَندَن دارو!

---

[1] اَتھِ واجِنے پِٹھ ہجوٗر صاٗبنِس مقبرس پیٹھ مذکوٗرِ جلسہٕ مُنعقد۔

موخصر ژورکھ چھوٚت کیٚو پڑوٚن
یَں پہ وُزاں گوو تمُ تی ووٚن

پوشَں توؤدِ پہ موکھتَس ڈیر
عرشَس کھاُجکھ ہوَہچ ہیر

اُوِلی نوکتہ پہ زاُوِج سام
نازِ مُشاعرہ، تازہ کلام

بوزَن واُلی کراں وَہ واہ
سٹھےٚ رُت، سُبحانَ اللہ

پوہر طیبَس پیٹھ محفِل اُس
فرِشتہ سَپیداں نازِل اُس

اُتھی منزِ کُستاں پھتہ پھیۋراہ
وہ تھپہ وُتھتھ گوو بے شوراہ

گوڈِ کیاہتاں اَڈِ پھوٚٹ ووُرُن
یَتہ زن دوٚدمُت کرِ موُرُن

تُہۍ ساری عالِم فاضِل
بٔہ پٔتہٕ اکھ وٕرٕتہٕ گٔتھ، ژھوٗٹھ، گاسِل

پۆز دوہَے اَکِہ میٚتہِ رِسرباوِیوٗن
کاشِری پاٹھِن ورژھناوِیوٗن:
"بُلبُلَن دوٚپ گُلَس حُسن چھےٚ پوٚر
کیٛاہ وَنےٚ زٕلو چھےٚ ہٕنسےٚ چھےٚ قوٚصوٗر

بے زبان ییٚتہِ چھنہٕ زِندٕ روزان
مارِمتہِ وارٕ وٕرٕتہِ لاگ میون پانٕ"

حضرتھ توہہِ جرٕ جرِ الہام
پوٗشن توہہِ سرکاری اِکرام

بٔنہٕ چھُس شاعر نہٕ منگان داد
مےٚ حض پیو ہنگہٕ منگہٕ نُندرِیوٗش یاد

پَتھنےٚ وٕنہٕ کیہنہ بٔنہٕ کُتھ پرٛوت
رٕیش سُند کاف چھُ مِصرےٚ یوت:
"پٔترن نٔگ تےٚ موٗلَن دروٗت"
مہجوٗرَن مرتبہٕ کوٚت ووت!

جون ۱۹۸۸ء

رۆچھوا ہجورتس وۄپہ ژار
کفنٕے باسیٖوا دَستار

ہیٚنہٕ سُہ بچور آو زالسَ منٛز
گامکُ شہٕری بنجالسَ منٛز

پیٖرل ترٛاوِتھ شار وَنیٖن
عام مُکنَ اَسرار وَنیٖن

پارٕسی زیٚوِ بدرۆد وُنِتھ
اُردۆ وَنہٕ نسَ وان وُٹھِتھ

کأشِر کیٚتھ تعظیٖم رَچھون
کأشرِ بنٛکُ نۆو باس دِژون

کیٚتھ وأتِتھ کاشُر گوہٕ ماتھ
کیٚتھ منٛز نٔھاواں کیٚتھ ہنز باتھ

حضرتھ! تہٕ چھو زانَن وأتی
توہہٕ وُچھی وُچھو کھُنٛز رگستَ چأتی

# وَنہٕ وُن

سونٛتَن سَنٛز کوٚر سوٚمبُل زاے   پھولٕنٛکی دوہ پوٚت پھیٖرتھ آے
مہرِیٚنہٕ موکھ کَڈ موج کٲشیٖر   وَنہٕ وال ساری کاشِری ڈراے:
"پُزٕرِچ اَڈھکلَ، سِبزٕرِچ لَے   یَتھ رَیٚش وارِ نہٕ گاشَس ژھاے
حُسنہٕ کِنۍ چھِنہٕ اَسی موٚمتاز   ہوٚنرٕو ڈُسی تہٕ سہٕٹھاہ نٕنۍ ڈراے
کاڈٕن ژُکی دی دی ہیٚرٕش کام   زانَن واَلی اَسی ماہِنہٕ آے
نظرِن دوٚپ طرفاتھ ژھنڈِو   سونٛچن کٔرۍ مِسمار کلاے
پُزٕھی پوٚزاے تہٕ وانٛگ وُزٕھ   بَر روٚس تھوٚ صحراوی سَراے
لاری اَسی رٔودی نہٕ کُنہِ دَرمَس   وَتہٕ گَتھ وٚیتھِ کمہٕ گاٹھِچ ماے
ویدٕ وۄتٕر وُچھ پاٹھَس بیٹھ   کٔلۍ مہِ کَنَن گوو کُر گٕنگراے
پرٛاچیِن کالَن ہِندی پُزٕھِ دُر   دَشہِ گُنڈۍ گُنڈۍ باپارس ڈراے
ہوٚسَن سانہِن مُرمُری پھشر   خابَن سانہِن سوہ نہٕ سَنٛز کاے
وَکھ یِیٚلہِ بدلیو رَخ بدلوو   داوَس دوٚن ووتھ ناوٕژ واے
کول نۍ گر بِگنہِ تہٕ لہَر وُچھن   ژھوپہٕ ووناں ظُلماتَس ژھاے
باغنچہِ یُمبرزٕلہِ وُچھی گٕراکھ   بوٚمبرو بٕنٛزرِتھ ژھنۍ گِنٛگراے
اَہنچہِ کھیَہ کوٚر ناو قلاَے   کاژوی موکھ پزٕرلاوِتھ ڈراے
پٔزِرَس اَپزٕ وُون، ژھل بَل ہوو   یِتھ تِتھ کوٚر برونہہ پکنگ پاے

# هوالباقی

شبنمس بُتھ وُچھنہِ آے
تمبر نرشُناہ کوٚر تہٕ دژاے
ناسنکُ باسَن عمل
رنگ ژھُٹاں نیراں سونزَل
قطرٕ سوٚدرچہِ گژایہِ نیوٚ
سِریہ شامچہِ ژھایہِ نیوٚ
مُشک واوس سٟتی میوٚل
تیٚ ووزُل باقٕے نہ نیوٚل
بے صدٲیی ہُند صَدا
لاَ تہٕ اِلاَّ جابجا
موٚد "نا" دُنیاہ ژھنڈِتھ
زاو "آ" شُنیاہ گژھِتھ
اَزلہِ اَبدُک اِنضمام
اکھ سفر یُس ناتمام
رٲہین ووٚن رٲہیس
اٰنہٕ ہاو اَنُس تہٕ بس

# زَنَہِ اکھ نظم

'ہیولیٰ برقِ خرمَن کا ہے خونِ گرم دہقاں کا'

غالبؔ

۱

لیوٗکھمُت چھُن :

یێتہِ چھُ بدلے دُنیاہ باساں ——

نہ تم کوٚہہ کھڑٕ نہ پھٕرکہٕ وٚنی آر ؛

پرٛیتھ اَندٕ سکھ ،

پرٛتھ دوٚہہ تاپھ .

لوٗکھ گیێشامی نَنہٕ رآیِں قدٕ ،

سفید زیٹھی پاڑٕھو شرعی شلوار ہی لاگاں

عربی بولاں ؛

بسہٕ پرٛاراں ہے گوکھ مَنٛز

سٕڑکہٕ ڈٕندیٖن وٕہراوِکھ ژادرٕ لوٗگکھ کھٕنٛز رٕس .

سٕڑکہٕ گرٕتھ ژٕرِتھ ،

جایہٕ تہٕ عالی شان ؛

بنگہٕ وٕ باغن سون وۄپدٲس    رنگہٕ وٕلی شوقن وزٕتھ سہرا ے
درشنہٕ دہ کھوٚت پیٹھو پیٹھی    اَستانَن الموط بنیا ے
بوقچن گوٚنڈ ییہٕ سوٚز تھ ہیوٚک    گرٕژھی آے ٹھاکس گنڈرَو دِژا ے
اَنہٕ گچھِ راژن سرحد ژھنڈی    ژھاین پیٚیہ سمکھاوُنی ژھا ے
دیٚارٕ ہلم چھیکی کوٚر دیدار    سفرٕ سکلُ سوٚر چیٚیہ گنگا ے
قدرتُ سون چھُ سبزا سبز    سادَن سانٕہن گیرٕ کی گرٕا ے
عالِم سمکھیٚنے علمن کھاٚری    کونچھ سیا سَتھ دانن آ ے
یِی کُن تی کُن پھوکھ دی دی    اَسہٕ کرٕ برکتھ پاپہٕ خوٚدا ے
دوہلِ اگر گے گوہن گیر    شامَن سجدٕ دُنیُش موکلیا ے
دہی کٕتھ کُس پرٕووتی گلریز    بڈٕ رٕومن منز یوکسر ژا ے
کٔہ سوکھ پرٕود تہٕ سُنٚنے کتھ    مٔنہٕ رنزٕوَن موکھ پٔنیٚنی تہٕ تھا ے
ییٚنہٕ خاوٕ ییہٕ ہے تی کوچھ منز    بختہٕ بڈٕہن بانَن بُبرا ے
سائی دیگ اجمیرٕ گریکان    درگہَہ سائی بسہٕ کنوا ے
یم سَتھ بنگلہٕ تہٕ ہٕتھ باغاتھ    تٔو دلہٕ کوٹھ تہٕ بمبیہٕ سرا ے
دٔپھ بس الغاٚیے یاٚری    نتہٕ کتہٕ راتو راتھ یم زا ے
فضلِ عوٚدایس شاملِ حال    لنہٕ وِہن لورٕن گب تش دِژا ے"!
راہی صاٚبن ویٚنہٕ وُن یوٚز    دوٚپنکھ گرٕژھی تو دوٚر بلا ے!

ہیٚر بونہٕ ہیٚرٕ ہس پیلوٚن سام!
پرٕژھتھ وکھ "چھسہٕ کانہہ آدمی ترٕا ے؟"

ڈیرو ڈیر کتابہٕ
اباجی گوڑٕھ ییٚتہٕ آسُن !
وَیسے پرٛیتھ دوہہٕ صُبحٕے گردش، شامَن وِیڈیو،
ہمسایہٕ چھِ مَشرِقہٕ مغرِبہٕ طرفاتو آہتی
تِم اَسہٕ سالہٕری آسی تِمَن پرٛژھی،
بوزنے چھُنہٕ یِواں آو کپاڑی دوہ دڑاو کپاڑی،
اَسی چھِ بلکُل وارٕے سوکھہٕ ساں
ادترٕ کھوٗل بینک اکاونٹ تہٕ۔

فِکر گرِژھ نہٕ کُنہٕ تِسیچ ہیٚنز،
بہٕ چھُس تِہنٛز ڈکھہٕ لوٗر،
اَسہٕ گرِژھ تِہُنٛد دوہ یہٕ خارہٕ پوشُن۔

**۲**

ڈُستی چِھٹھ،
بَمبیہٕ وٲتھ پوسٹ گمُژ ـــــ

ہیٚے مُبارکھ مے چھُے
لیوٚکھمُت چھُن :
طاٗلی زاو نِکہٕ،

واو ووٚنھان تہٕ ژھوٚہٕ ژھیٚنٛڈ لِفافہٕ
پرٛیتھ دوٚہہٕ پوٚت دِگرَن اَسمانَس کاو زٕژان .

چیز چھِ مُشکلٕنے میلان ،
پوٚز زٕلہٕ ملہٕ روٚس —
تیٚل زیتوٗن ڈرٛیسڈکوکر مسلہٕ ہیتھ ،
دوٚد پٕزی یاٚٹھن دوٚد ،
تہٕ ژامَن
وَرَق وَرَق ہنٛجی کھیٚنہٕ کرٕ .

اَسی چھِ دوٚشوَے بلکُل اَرِزوٗ ،
دوٚشوٕنی پٕنٛنہٕ پٕنٛنہٕ ڈِوٹی ؛
ہاسپِٹَل سون ہاوُن لایق ،
میاَنِس کاڈیالوجی وارٕڈَس
رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ پیشَنٛٹ —
کارَن کیتھ اَڈی زَنہٕ جہازٕ وُچھان
اَڈی بلکُل خَرواَلی ؛
نوٚش چھےٚ بیٚنہٕ تہٕ کتابَن مَنٛز ہیتہٕ آمٕژ
لایبرَری چھِس زَن کرِ اَسمانَس تہٕ پلوَ ،
دِیان : جدید انگریزی ، اَطالی ، فرانسیسی اَدبُک پیٚٹھ

اُزی کی آیہِ ، پلیز !
وُیسے چھُ بلکُل کیئوٹ
(ترٗکُ ہے ترٗک ) ،
زن کرِ وُنی کتھ ،
وٗن گوو اُسَن وقتہٕ چھُس اَچھن منٛز سمان اوٚش ہیوٚ ،
خبرٕ یہٕ کیاہ ؟
( واآژھ کوٚت تاں ،
دوٚپہے اُز زن تھوٗ مکھ دالس کُنڈی مُہر اُنہٕ تے ؟ )

۳

ٹیلفون اوُن کوٚر مُت ــ
مےٚ سٟتؠ کرِ ہا کتھ
زٕ چھُہس موج تہٕ چون آلو اوُس بوزن
بیٚنہٕ پرٕ زٕ ہا خاَر پاٹھ ،

سوٚدز اپارِ لیبیا
کوٚہن ڈلتھ کٔشیر
خبر وٗل زلہٕ سہٕ نمبر ؟

کوٚر آہے دفترٕ ،

ازٕ چھُس اِتھیُم دوہ
( بوز ژودٲہ یا پنٕداہ دوہ ) ،
ژٕرسنگ ہومہٕ ژٕٹکھ زٕرے راۆژ ،
یێلہٕ ہرگاہ بزٕنزٕرس گرژھہٕ بجلی
شٕن طرفٕن پھٕٹہٕ لاے ؛
( دۆپمٕ تمبہٕ لاں کتھ پیٹھ ژھکھ ؟
زیٚو تٕل آسی زٕ پلٕرہٕن تھاواں ) ؛
اُسہٕ چھُو ازٕکل سورُے موٚٹھمُت ــــ
صُبحُک گردِش ، شامُک ویڈیو ؛
( ہمسایٕن چھُکھ راتھے سال کرُن پیومُت ) .

دٕپان چھُ :
ہینکُس پیٹھ گرژھہ گرژھن تہٕ
ترزیُم قسط کڈُن
فکرٕ نسا گرژھہ کُنہٕ تہٕسِیح ہێنٕنی .
لیوکھمُت چھُن :
مُفصل چِٹھی واتہٕ جلدے
اُکہٕ ماسی نکہٕ سٕند فوٹو وچھزیو ،
بوبے وٕنہٕ کُس ہیو باسیس ؛
تہٕ سوٚزی زٕ بو لٕبس ناو زٕ ژور

ییٚتہٕ چھُ بازر حدرۄس دژہ گاں،
پۆز چیز چھِ میلان دِکہٕ دُژسہٕ رۄس ـــ
کورِیَن رٮ۪ڈی میڈ     فرٛنچ پُرفیومز
جاپانٔی     پرتھ کانہہ چیز؛
(تلٔے ہُنہ اِنہیلرٕ دِکھ یۆرِی)؛

دِپاں:
کینہہ دوہ برٛۄنہہ اوٗس نیوٗیارک گومُت
(اُمریکاہے)،
کراں چھُس     وۄٹھ ژھانٹھ،
واپس پھیرتھ ما روزٕو تتہٕ رٕبہٕ جِہلس منٛز،

بیٚنیہٕ چھُن لیٛوکھمُت:
(دۄپیٚمُے ہے! کیاہ کھٔرہٕ یہٕ ژٔے نیٚندرٕ؟)؛

میانٔی تہٕ چھُن چھُے زٕٹمڑ؛

لیٛوکھمُت چھُن:
اُسی چھِ     کالہٕ پگاہ     تہُنز کتھ     کران آسان،
تہُندگرٕ تہٕ     کانہہ پرٕواے برٛمن،
اُسی چھِ     تہُندی موکھ یور آمتی

ژٕے آشاوَن گُل میوٚٹھ کرٕنٕچ مجبوٗری،
یہٕ اَکِس اَدبی محفلِہ منٛز زاوِلیٚن کھالاں ـــ
"کاشُرشار تہٕ ٹوٚپہ باوتھ"؛
گنٛزٕیَن ہنٛد موہنیٚو سمکھُم :
یہٕ چھُن آیوٚ سو دوراں دوراں،
یٔنبرٕ بٔرس اوس قُلُف
تہٕ اَندرٕ آنگنٕہ ہوٗنِس وولیٚوٗمُت آلو.

۴

عید کاڑ وٕچھ ؛
یمِ گےٚ فوٹوٗ ـــ
نوٚش چھےٚ کار چلاواں،
یہٕ چھُنکہٕ ڈاکٹر صاب ہے،
شاید یۄنٕہِ نِکہٕ لائس باعث منٛز دوٚپناواں،
(یہٕ گوٚژھ ہنا یوٚڈ بین تہٕ رُژھ کھنٛڈ صاف آسُن !)؛
(اَنٛکھ گرٕژھ بدلاوُن،
ہیڈوٕ نیرٕ کانہہ نہٕ کانہہ زانیٚ نِچوٕ سُنٛد).

لیوٚکھمُت چھُن :
بینکس اوس اَکھ ڈرٛیفٹ دِیاں مِس پلیس گوٚمُت
قسط وانتو جلدے؛

ناٲلؠ پوٚتاپٕس مٔنزٕ پٔن کرٕ نیٚہناوِتھ آمٕتۍ
بۄرآو ہنگہٕ منگہٕ ٹنگہٕ نیرِتھ
ژُبھٕ نیرٕن وٲٔس ہۄنٛس گٔیہ ٹرکہٕ تٕل ژٕرٕٹ
عربؠ اوسا بولان کینٛہہ کاشُر
ۄنی ہوی اوس دِوان
سارِۄے ووٚنہٕ ہٮ۪س شام تان واتو ضۄرۄر
بۄلٹس ژرٕٹن دٔندوٚ ستٕن پھیتہٕ
تہٕ برٲندٕ ہبٕر دِتُن ڈارِتھ
اکِس یارس آسس لارِتھ سوٚنہٕ زرژٕ ہیٚشہٕ مٔلہٕ کاژٕ
مےٚ کرٕ یوٚمس شانشان شانشلٕنے آلوٗ آلوٗ
سُہ اوس کچھِ وٕلناوِتھ باغہٕ سہٕ مٔنزٕ س ، نہٕ وورٕے
کرٕ ہٕن پوٚژھ ہیوٗ لاگِتھ وۄنٹ ہیوٗ وودنی
مٔکانہٕ ووگہٕ مٔنزٕ ی کھوٚتمُت ہےٚ مٔنگہٕ ہٕشنہٕ تھوٚس
وِچھان !

ہےٚ افسوس !

مارچ ۱۹۸۹ء



(یِتھ لوگُن بیٚیہِ شین)
(دوٚپیٚے مٔنز یُم یور ما آیوو؟)

## 5

تارِچھےٚ:
اُسہِ کوٚر بیٚیہِ دوٚن وٕرِیَن پیٹھ کونٹریکٹ
(یِتھ نےٚ چھُنہٕ کانٛہہ گراز ناہرے)،
(میٚنتہِ زَن گَمژ وُٹھی)!

لیوٚکھمُت چھُن:
اکھ رُت گرُپ فوٹو کلر!
تُہنز گرِٛہٹھہ نہٕ کانٛہہ فِکر
(آہا، خودایہ کَر ساسِہل،
ہیٚے! میٚز تیل آسہِ ووتمُت ووٚنی!)

## ٦

خابَس مَنٛز وُچھُم ——
سِیکہِ صحراوٕ مَنٛز شُترمورغ دَواں
اُچھن مَنٛز ہَمہٕ وٕنی سوٚدرٕ ہٕ اَنہارے
مُستقِل مَنٛز داو لوٚسمُت

ساتھ سہ دوٚن قدمن ہُند، یعنے
فرشہِ پکاں پیٹھی عرشس اوٚسُس

نارٕ ژٕکھری گتھ منمتھ اَستھ
کوٚم بہ کراں گتھ واوس اوٚسُس

واقہٕ اَلاو پتہ پوٚت ژ ہتھ تیوٚ نگلُ
ژانگہِ دٕزاں رٕتھ راتس اوٚسُس

باوِ قلم کیاہ کاکد ورقس
تاوِ ٹیٹھِن ما پانس اوٚسُس

ستمبر ۱۹۸۹ء



# پۆت ژٕتھ

شوقہٕ سَینومُت شارِس اوسُس
زاگہٕ بِہتھ مُنٛز جنگلَس اوسُس

کوچہٕ گُلِس پھۆج جَستہٕ ژٕہنٛز کُج
شَب زندہٕ شَبنَم دَردس اوسُس

سونٛرتہٕ ہوا پۆک سَرکہٕ ڈٕندِس کُنٛ
ژھلیہٕ پھبُنٛ دامانَس اوسُس

صُبحِ اَزَل ٹٲٹھ نظرِ اکھ
شامِ اَبَد کش زُلفَس اوسُس

ژھاے پتہٕ ژھۆپ کول سَرو کلُبوتُلہٕ
گرٕاے پتہٕ نیہہٕ گۆٹ ودلَس اوسُس

ٹُوری پھۆلِس کیاہ بولاں بولاں
شَفقہٕ شفق کیاہ نالَس اوسُس

ہَر سو، وُہوٕتی وبتھ بازٕری مُنٛز
نظرٕ بہٕ، وُچھ وُچھ اُفقَس اوسُس

اَما پھِرِ بِکھ ماکھوتُس ،
ہیوٗر ژھال ، یون ووٚڈھ ؛
چھُ بۄنہٕ وُن کاٗر پھیرِتھ ،
اوٚبرٕ ڈوٗل چھُس ؛
یِکھَن ہُنٛز تیِر چھوٕ نَس ،
ژھٔڈ زٕ پُل ژاج ؛
چھُ بۄنہٕ وُن توٚنٛتہٕ مُنٛز آوازِ ووٚپدِس کوٚنڈ ،
سیاہ سوٚدرس نہٕ تارکھ ژٕژ نہٕ طرفاتھ ؛
مگر جاناورس چھُنہٕ وار بیٚہنَس
زِ ساٗدر وار سحرُک موکُل پٕری گیٚش !

یہ ناموٗلوٗم اوٚند پوٚکھ
بےنِشاں وٕکھ
وَمَا اَدْرَاکَ گُنْبزٕ مُنٛزٕ
اُرٕ ووٚپیٚری آوِلنٕ کوٚر رقصِ اوٚنجُم
نہٕ تصرف در
نہٕ جنی یا تھے
عجب بے جسم جوٗہرِ عرشہٕ ووٚتھمُت
یہ واوُل شَب
یہ مُنٛزُلؔ[1] شب

---

[1] مُنٛزُل : یُس نازِل سپُدمُت آسہِ ۔

# موٗلِ شب

فِضا واوُل
سِمے روتُل
مگر جاناورس چھُنہٕ وار بیہنَس
زِکتہٕ تامتھ بِہہس پڑاران چھُس تیٖج ییٖج

ہواوس منٛز۔ سُہ کیتھ پدٕ آکھ درِ ہے؟
گِرِٹھ سفرس غنیمتھ باندِگامتی شہہ

لہر جوشُل جوٚلونس آوِنُ تھُری تن
مُشک آوارٕ پیدِتھ بے نشاں بنِتھ تن
مگر جاناوٕرس چھُنہٕ وار بیہنَس
زِ واوُل بدوضع ڈیوٹھُن
زِ روتُل بے اماں باسیوٗس
زِپنٛنے رتھ رگن منٛز شعلہٕ ورٕ بیدُس

# خودایا!

کَتھِ زَن آسہِ پٔنہٕ وار، کَرٕو کیاہ
وِتھرٕہنہٕ وٲنٛج بار، کَرٕو کیاہ

پھولہٕ ہینہٕ چھا یَختیار گُلاَس
لَگہٕ وُن چھُس بولہٕ نار، کَرٕو کیاہ

تھٔر پیٹھ وُتھی پٔر کاٲلی گولابَس
وودِ چھُس خُنہٕ دَستار، کَرٕو کیاہ

بوٚ پھیٚرِ سونٛتہٕ ہَواوِ چھِ شیٚہلاں
مَتہِ! وُہی تَن اَسہِ نار، کَرٕو کیاہ

سِرٕ ساوی اَجدَر عٔشقہٕ سَرایَن
چھِنہٕ دیٖدٕ تہٕ دیٖدار کَرٕو کیاہ

ہوچھِ مُرِژ کولہٕ پھٕٹ لُکھ، وَن کَس
بوچھِ بوچھِ ژوپ اَسہِ گار، کَرٕو کیاہ

موٗلُ شب!
ژٕہس اکھ ساس ریتھ شوٗبس
نٕلکھ بے حرف باوتھ کرنہٕ دڑامتی:

زِینہٕ با دَم پھٕٹِس صُبحس وٕں بے کوٗستوٗروٗن وٕہولو،
زٕکینٕہہ نٔے توتہٕ پننی شوقہٕ شق وأنج
گولاب وگُلستاں چھاولو!

وُچھل جاناورا! لگہٕ یا
کوٗتوٗ گوہَم؟
کوٗتوٗ وٕتکھُ
زٕبتہٕ ہا ہیرٕلون وٕہٕنی شعُلہٕ وٕر کوٗر تھس
زمیٖنتہٕ کیتھہٕ وار ییہٕ بیٚہنس
وُچھو وُچھلیا ____
سَلامتھ صُبحدم تامتھ!

جنوری ۱۹۹۰ء

گِیہِ زَن مُلکچہ ساآلمیٖشر موٗکھ
مُجہِ ہِنز لٔر مِسمار، کرٕو کیاہ

وُچھَن اَے جشنِ بہارچہ ویٖہوٗژ
کَلہِ پھُچھَن پھوار، کرٕو کیاہ

اَسہِ تے مَلکَن کھور چھٕلنی پییٚ
مٔرِ کھوٚت آدِمی مار، کرٕو کیاہ

کرٕہن موٗنی زٕہر دوٚکھہ باوَتھ
میٖشر شٔرٕنیٖچ مٕہکی یار، کرٕو کیاہ

سَتہِ ہو صُرژَن وَنہِ ہو معنے
خفہ ما گٔژھِہ کانٕہہ یار، کرٕو کیاہ

کنہِ تَل پھوٚس اتھ وَعدہ بندُت گوٚو
نَنہِ کَتھِہ بَلی انکار کرٕو کیاہ

سَبزہ سَمکھِہہ کانٕہہ نہ گژھو کوٚت
زُہنہ ڈٔب گیہِ مِسمار، کرٕو کیاہ

کرِنھ تُلی شرٗ اکھ چھےٰ سوٗرِ گوسائِن
پرِ بھیکھ یسحرِ پُھکار، کرو کیاه

کنِہ موٗرٗژ بلداں دوٗدِ موصُم
یچھِ پوٗتِن بچھِ وار، کرو کیاه

ینِنہِ تہِ ژھایہِ چھُ شاہکِہ روزُن
لرِپھیٗرُ دِیہ شہمار، کرو کیاه

چھُپہٗ سُہ مُحافِظ امَن و امانُک
رٹِہ بودَن وٹِہ دیار، کرو کیاه

یئِلہِ راچھی کرِ لوٗکھٹ اَثاثُس
گرِلُش دِیہ نشرِ نار، کرو کیاه

کُھٹِ ژرٗنِل پھسرایہِ کرَن پھرٗٹھ
برٗ اَثرِ کرتجِہ دار، کرو کیاه

گنڈِ زَن بکتَر رازٗ اہمسا
کرِزَن گُکِلہِ شکار، کرو کیاه

# نعتِ نبیؐ

(اگر قبول اُفتد، ثوابم نذرِ حقانی کنم)

غمَن مَنز گیر اوُس
لاشہِ پنچِن تَل بے توڑھ نچیر اوُس
کرِس نِشہ کوُر جُدا زنجیر اوُس

پوشس آس باغوانَن لار کرُمژ
پیوُمُت از آسماں بر خاک تارِک
پشیماں ژِنی، زِرتن باقے نہ وُشنیر
سبز سونتس کرِ ہنی شِنہ بھتوسی رِڈیمژ
ہزارس شش جہاتک ہو متیومُت
ویپرزی وآناکھ ییکِرس مَنز گلاس آہمنیومُت بخت
نہ پدی آکھے، نہ چرِی گش وُچھ
نہ کانہہ واوُل نہ آبکُ بُل

ظلوما کیاہ، جھولا کیاہ
بہ نادانی سجاوُم تیر تاجس
تاج اَویزاں گوم
ڈسی پیوم

نہ پھٹے وۆبی ژاکہِ نظر وَنہٕ گاراں
نہ چھُ بولاں مُدہٕ وار، کرو کیاہ

کرَن اَے قلمَس کوٗچہِ، دِمو کرٕکھ
بھرَن اَے ہٕٹہِ تلوار، کرو کیاہ

کھلہٕ فِضھک وُبھہٕ وار خودایا!
زِندہٕ زوٗ کھوٚت زنگار، کرو کیاہ

جنوری ۱۹۹۵ء



بۓ کیاہ وَنہٕ ہا، بۓ کس وَنہٕ ہا
بۓ اوسُس آمہٕ تاوِے، آمہٕ تاوِے، آمہٕ تاوِے یوت
سُہ ناکُنہٕ کوندِ مُشرٕ کانہہ باپٕہ اوڑاومُے
______
زِ اَتھٕ منز اَندرٕ کتھہ تاں آمہٕ تاوُس
بےٚ توقع بےخبر پاٹھٕن
عجب ترٛشہٕ تٕمبرٕ ہش زایم
بہ نیلیشومُت شٹھوُمُت پلَ
سوہرٛشہٕ تمبر ترٛشَن نازِل
پلَس ووٚتھ دِہ، دِہس وٕزٕھ رنگ، رنگو تٕۂ رہِہ، ذرٕو ژھٹ بریٚہ
تہٕ پل پھوٚٹ
نداگوو: یَارَسُوْلَ اللّٰہ ﷺ!

بےٚ سُتھ چشمَن عطا دُرایہ کوشٕر
نوٚموٗدار آسمانَس پیٹھ عجب گاہا، اُوچھ گاشا
منٛے دیُت اَش پھیرِوے مُنزٕ ووٚن تہٕ ڈیوٚٹھم
ڈلوُ تارک تہٕ تھٕکھ نٕکھ نٕکھ
ڈلوٗ اکھا بہ تھٕکھ زُھر اوٚبرٕہِش ٹھوٚر
نوٚموٗدار آسمانَس پیٹھ اُوچھ نوٗراہ، عجب جلواہ!
خوداوٗندی! خوداوٗندی! خوداوٗندی!

مےٚ وَتھرِیےٚ کُھٹٕ تہٕ نَحقے
مےٚ سگوِیےٚ گُل تہٕ اٰکِھتھ
پرٕزٲرِس پوہتلی خالِسَ پَنٕش وٕستھ آمُت
تہٕ بسَ ٹھاہ ٹھاہ اَسُن . بَرپا گُمانن ہُند

وَتےَ وٕسی وٕسی گیٚم ، ژانگِن ووٚنے روُم
زمیٖن تا آسماں
پَتھ برونہہ ، دٕچھُن کھوٚور
دَیاں اوُسس زِ اَنٛد کانٛہہ دأیرس لبہٕ ہا
ہَبا مَنٛز نوقطہٕ روٚس کُس وانگ وَڑہٕ ہا ؟
سُہ اوس شٕنیاہ تہٕ تَتھ شٕنیاہس اَندر
موٗژبو میأنِس ووٚجوٗدس کُن تہٕ کیوٗل
ژھوٚر تہٕ چھوٚن
شٕنُز !
کرٕہُن ٹیوٚک ، بےٚ جَہتھ شٕنُز

عمٕن مَنٛز گیر
کرِٕس نِشہِ کوٚر جُدا زنجیر
بےٚ توٗژھ نخچیر

سعادتمند یارو میون بوُزِو
گرِد اَمہٕ کاروانٕچ سورمہٕ شیرِو
سفر دَرپیش یُس اکھ وادیٔ دِل
تمامی زادِرہ تعشوقِ کامِل
یمبرزَل آیہ شبنم ہینتھ، چھلوِ زلو
جگر دارو! گلاس روے وۄشلو
اگر بہرِ وۄنہٕ نوو کانہہ نعت پرنس
اَدب گاہس اندر وَچھ چاک کرنس
دُلو تیلہٕ راہیس اَندیٔ اَندیٔ گنڈِو ڈری
مَتِس چھُو سوزِ حقانیؔ گوُمُت سٔری
دُزن دِل طبلہٕ، رۄحن ہندیٔ گرٕ یزِن ساز
دُزن پونپُر تہٕ پرٕ یزِن عالمِ راز
سوُخن پرُورِ خودا، جبرئیل دَمساز
چھوِ یہ کل، تخیُّل مستِ پرواز
کرِو نعتِ نبیؐ از شوق آغاز
مکان ولامکاں یپدن ہم آواز:
"گو وجہاں تازہ برخسارِ رسولِ عربیؐ
روٗٹ گلوٗ مُشک زگفتارِ رسولِ عربیؐ[۱]"

فروری ۱۹۹۶ء

---

[۱] مرحوم عزیزاللہ حقانی سُند مطلع۔

ہَواوَس پیو جمبَر، سو کھ بوٚل فِضا گوو
کُجا تم شیِنہٕ تھوٚیسی، توبہ!
کُجا وُچھ شرکِ نہٕ پوشن ہُند یہِ ورشُن!

صُبح پھوٚل بُلبُلو کَر بزم بَرپا
وُزِنی نٚے زمزَمَس صحرا بہ صحرا
ہَوا ڈوٚل، مُشکہٕ ہَری گوو صحنِ بطحا
مُدینَس سوندِیہ آوے دارِ بَروا
دُعاے نوٗحؑ و ابراہیمؑ و موسیٰؑ
مَلکھ لگی نژنہِ، حوٗرو دوٚپ: "خودایا!
خودایِن پانہٕ دَس تُلمُت دوٚرُودَس
گُپھتھ گنج ڈالی بازارِ نوٚمُودَس
صَعوٚدکی مُضمَر اتھ آیتہِ دوٚرُودَس
ازل مِضراب زن ابدی سوٚرُودَس
یمُو طالع وَرُو وٚن دیُت شوٚہُودَس
ہٕژی سَپدِیوکھ سوٚن خاکی وُجودَس
ہُہ گوو حسانؔ، یہ گوو سعدیؔ، یہِ جامیؔ
پتے نادِم ہَس پِس محمود گامیؔ
"الا یا خیمگی خیمہ فرو ہِل"[1]
شُدند اہلِ تمنا سوے منزِل

---

[1] منوچہری دامغانی سُندِ مصرع



عشقہٕ ایٚحساس گٔنٛنو حُسنہٕ خیالس، اللہ!
سونٛتہٕ پٲراو دَزَن داغ گُلالس، اللہ!

ہَوسہٕ توٚنت سوٗری پیٚد راتھ تغوٗفُل ڈٔلشِتھ
وولہٕ موٚت شعلہٕ زِ وٲری آیہ پھٔر ژالس، اللہ!

لٲلہِ شیٚہلاو سوٚرِ اَچھ تہٕ وُمیتھ گوٚو مٔجلوٗن
لفظہٕ بُنگ زِ وُزبوٚ جود خیالس، اللہ!

مُتی تہٕ اَلتریشہِ کَنڈٕن خوٗنہٕ ٹیٚچوٗ گُل پٲراں
یِم عجب معنہٕ تہٕ مُمکن چھِ محالس، اللہ!

شامہٕ ژھایَن چھِ رنٛگن پاے تہٕ رتھ ڈیٚت سرِیَن
تارہٕ کوٗ وُچھنہٕ، پھولاں مالہٕ پھٔے بالس، اللہ!

ژٕ رٔچھکھ وعدہٕ؟ خودایا، مےٚ ثمَن بل راوِم!
داہمَن تلمہٕ تہٕ بَرکالی چھِ نالس، اللہ!

نیرِ کَس مالہِ یہٕ شٔر زُلفہٕ گٔنبر وَر دَر وَر
وُنی یٚمبرزل دِیہٕ کَتھ بوٚمبرٕ وصالس اللہ!

مارچ ۱۹۵۸ء





یا گژھہ رچھنہ سۆدرس زوِک خاب تہٕ ہاوس
یا پزی نہٕ وُں پشرُن یہ پنُن زوہر قہٕ داوس

ژھنج چھنہٕ کانہہ وتھ، یہ شہرنےٚ تہٕ ہہٕ جنگلُ
کانہہ نےٚ تہٕ پنُن پان مےٚ لاگان چھُ داوس

حاصل چھےٚ کُنی کتھ ژٕ کرُس معنہٕ یہ کرہٕس
یا لول تہٕ رتنژول نتےٚ دِے تہٕ اماوس

سنگ کیازِ کوٗرتھ دِل ژےٚ؟ منتاٚ! نیزی میاہ ہاد
کنڈی دُپھ تہٕ سۆمبُلی آیہ لُکن سونتہٕ ہواوس

میخانہٕ سپُد صدر نشیں راتھ ملنگاہ
لۆگ نغمہٕ تہٕ نےٚ زار نوٚیےٚ نار الاوس

بۆڈ معجزٕ گوٚو نیندرِ تُلُن لول ضمیرک
قودرتھ چھےٚ اگر حسُن پھولُن ہاوِ عداوس

شاید چھُنہٕ کیہنہ وُول وناں از تہٕ یہ راہی
تمی ہندی چھِ لفظ، سأنی چھ ہمسوس تہٕ ہاوس

دسمبر ۱۹۵۸ء





گمانہٕ ترٛاوِنۍ تٔمہ دَیاں چھ مَست بَنُن
سہٕ کَس ہٕ توگ نہٕ مُیتھ تیُتھ شراب واپہٕ اَنُن

دِلَس چھ کُنڈۍ رَتہٕ بوچھ، لول اگر ہٕ رَنٛز ناوِکھ
نہٕ چون زُوٕ تہِ کھسُن سو چھ نہٕ میون شار وَنُن

چھُ اَز تہِ حدِ نظر میون سُے بے سونچ شباہ
دِلُک عذاب بناوُن سہٕ دِلقرار پَنُن

سہَل کتھاہ چھ ہٕ انسانہٕ سُند ضمیر پرُن
یہ گووُ گُلالہٕ دُچھتھ ہیٚر بون الاو بَنُن

نہٕ دوُر ہیتھ چھے زٕٹاں کٕٹ، نہٕ برو نٕہٕ ٹیکتھ مازان
یہ زندگی چھے دَرَل مٔژ، مَتیا! وَرَن چھ سَنُن

نبر ژٕرے یوٚبتھ مقاماہ چھ تیُتھ تہِ عشقَس منٛز
وَفا یَژھاں چھ ہوَس گوٚژھہٕ نابکار نَنُن

اگر ہٕ از تہِ ڈٕکَس دِژہ ژٕلِس غزل بوٚزتھ
فریب چانٛی سو دوہ پکو ل تماشہِ میون کھنُن

نومبر ۱۹۵۸ء





دِل نِواں نیؤ تمُ بہارَن بیئے تہِ کیہنہ
رَنگ رَٹاں روٹ ئیمِ گُلالَن بیئے تہِ کیہنہ

وَکھ بے مُروَتھ، ساقیا! بَر تھوی زِ ووتھ
ڈُدسہ دِل ما یور واتنَ بیئے تہِ کیہنہ

نُج جو لوتنَ کار، کا ہِٹس قَدَ ژھو ٹو
پوشہِ مُتی ما نار پُدرَن بیئے تہِ کیہنہ

آدمَن خُدَ ژوٹ تہِ! اِنانا بَنہو
کاش تھُنزی ترٗایہ پکھُن بیئے تہِ کیہنہ

شِشُر مُنزی دِودار ڈِلو ٹھُم سَتھ گیم
مَدچھِ والاں واہ ہلَن بیئے تہِ کیہنہ

مو کھتہِ لفظن مَعنہِ مَس کھاسن بُبر
زانہِ ہِلو کھ ما امارن بیئے تہِ کیہنہ

باآندی وائچ برٗیڈی شرونی گوبہِ ئج
راہِییَں ما ہانشرھ لاگن بیئے تہِ کیہنہ

دسمبر ۱۹۵۹ء





یتھ شایہ وُچھکھ شیشنک ہاوس چھ سنگستانس
ممکن چھُ تتی سمکھی آلو دِزِ انسانس

گیتاہہ قرآں پڑی پڑی سونتھ یی نہ ضمیرس تس
خوشبوے کُنی پوشیچ ییمی یژھنہ ملنی پانس

بیئے کیاہ چھ مُداحسنک، بیئے کیاہ چھ ندا عشقُک
التریشہ مئے صحراوس، مژ راتھ ژئے مینخانس

وارانہ وُچھتھ آدم وولساوِ نہ لوگ واولی
حاراں چھ ملکھ کتھ منز وار آونہ انسانس

تم وحشتہ زد ہرنئے انہار، متو کوژ رم
کُس جوش شکارس پھوُر زسی ووُن نہ بیابانس

تعجب چھُنہ ژے مولوکھ شرمیانہ دلک آخر
ییلہِ واو متی پھری پھری اتھ زُلفِ پریشانس

اپریل ۱۹۵۹ء

مےٚ ترٚ گیہٕ اُچھ وُز شیٚنہِ باہَس مِشرٕ
ژٕ ترٚ کَس دِکھ کرٚ یِکھ "ہوشا، ہوشا!"

پَننہٕ ضمیرُک لیکھہٕ زٕ ازَل رُت
کنٛڈی دُپھِ! کھوٚنہٕ کھوٚنہٕ ژھیٚزِن پوشا

لَسنُک مرنُک حال ازماوُن
پھِہہِ پیٹھِ باتھا، ژھوٚپہٕ ہیتھ گوشا

راہی سمکھُم غزلاہ بوزُم
زونُم نارس پھولہِ پمپوشا

دسمبر ۱۹۵۹ء





چُھنہ ماںگے پوٚہوٚت پوشا
عشقُک حاصل جگرُک جوشا

اَندیٚ ہکھو موٚسم کُمہلو ، میٹھو
میٚنے اوٚش ہندریا، کیوٚہو بُےروشا؟

وقتہ ویتھ ما ٹھُہرم، پرٚارم
گا ٹھَس گا ٹھَس نہٕ غو لغوشا

پوٚریکُ ناپُن پچھُمک زوتنُ
دوشوے کھاراں فِضہس بوشا

حرفنَ معنے ڈلہوُن عکسا
چھُہ یَس کھوٗرکھ نَنہٕ تردوشا

چُھنکوٗ سرحد پھُہلیے ، زیٹھیے
یامتہ عشقس اَتھِ آو گوشا۔



حُسنُ جلوٕ ہواں، نظر پھانپھلاواں
عٔشق داغ تھاواں، کٔنِن دِل بناواں

دِلَس یَسنہٕ پھوٗر کانہہ خودا وٕنِدٕ حُسنک
سُہ مسکیٖن چھُ مَنٛدٕچھِتھ خودا یاد پاواں

یہِ دُنِیاہ مُبارک یٖتی پھانپھلیو دِل
سُہ انساں موٗدُر یُس یہِ دل تمبلاواں

مَتیو زندگیہِ ہُند یہِ دم چھُے غنیمَتھ
منٔے وُچھ سونٛتہٕ کالی گُلَن رنگ راواں

خبر کٔمی چھٔے زُلفن ہٕلی گٔراے دِژھِمژ
ہَوا نافہٕ ہیتھ ژٔول اُڈی پیٚری ترٛاواں

پٔرِستان یٔنِدرازی درباہ تمبلَن
چھُ راہی کٔمِتام کیاہتام باواں

اکتوبر ۱۹۶۱ء





دِلہٕ میانہٕ! بےٚ سوکھ روز مگر گرٕی زٕ بنہٕ تنگ دل
شمہو! ژےٚ ہُری سوز، اگر شولہٕ یہٕ محفِل

وَنہٕ ہےٚ بہ کَتھاہ یُتھنہٕ ڈلی کھور یرادس
ییٚنہٕ قافلہٕ کانہہ گردِ وَرٕے مانڈِنہٕ مٔنزل

زٕنہٕ برونہہ نہٕ ژےٚ کانہہ شوق، مٔرتھ میأنی زبان بند
زٕندہٕ پانہٕ چھُ جانانہٕ یہٕ سٕہلاب تہٕ ساحِل

وَتہٕ ڈوٚل سُہ عشق ییٚمہٕ نہٕ سنگتھ سرٕ وقدٕچ کانچھ
چھُنہٕ ربوٗ سُہ حُسن سو نہٕ ہوائیٚ نہٕ وُپھاں دِل

زِندگی چھِنہٕ شُری ہال گِندٕنی یِکھ تہٕ کَڈکھ ٹھِل
یہٕ چھےٚ پھانسی تہٕ منصور لگےٚ، قیس تہٕ محمِل

یہٕ چھُ لولہٕ زگتھ ییٚتہٕ چھِ مےٚ تمِ وَرتہٕ وِہتٕری مہتہٕ
چمہٕ خمہٕ سُہ مدُن آو تہٕ غمناکھ سُپُد دِل

بشنہٕ قبرٕ اندر اُچھ مےٚ بُرزٕہم ووٚنی سو یُمبرزَل
ژھوپہٕ، راہمیِہ! آ، چانٕی یہٕ گنگرٕاے تہٕ قاتِل

جنوری ۱۹۶۰ء



تیمبرٕ چھےٚ جوانی تہٕ ژیٖہا شوقہٕ نرژُن گوٚڑھ
داماپہٕ ڈناں راتھ چھےٚ، جاناہٕ! کُتھَن واتھ

کرِتھ ژےٚ رُفاقتھ تہٕ مےٚ لُب پوشہٕ وَنٕچ وَتھ
ژوٚکھ تہٕ مےٚ درپیش چھُ صحراو تہٕ وَہراتھ

ژھوہ مارِ یکُن چون وُچھتھ جنگلہٕ رَشِہج کول
پوٚت ژھایہٕ پتھے رٕلوٚش مَتہٕ "اَے کاش بہٕ گوٚو نماتھ!"

نومبر ۱۹۶۱ء





یٔژ کاٗلۍ مدنوارٕ سمٕہو از یہِ شٕہُل ساتھ
تھوٚ شِکوٕ ٹسکایاتھ غنیمتھ چھُ ملاقاتھ

تارکھ چھِ نبسَ پیٹھ تہٕ چھو یمژ چھےٚ نظر چاٗنۍ
دُنیاہ منٛے اگر موٚٹھ تہٕ مشٕم مایہ مُژھج راتھ

روٗشتھ منٛے ژبیٚنۍ خاب، دِلچ زان مشٕیٖم
ازآکھ تہٕ پوٚز بوز ہٕم ازٕ منٛے پٕنٕنۍ ذاتھ

لوس ژےٚ کڑٕتھ گل تہٕ حُسن لوٚب منٛے حیاتک
گیشُد ناہ ژٕےٚ کوٚرُتھ یارٕ، منٛے وُچھی بارٕ کراماتھ

بخت اوس گُلاسَ تہٕ پھولتھ آو روٚچھن داغ
افسوس سہٕ گُل یسَ نہٕ مُلےٚ دژاو زنٛگ ساتھ

دژہ تژاو گیواں شینہٕ کُلن پیٹھ تہٕ چھِ بُلبُل
مُدراو نظر، روٗشٕہٕتیو! از چھُ ملاقاتھ



نہ دژاو نژتہٕ ہوَس کانہہ نہ ژوٚل غبار، وہلو
ژےٚ روٚس ییٚہُس تہٕ وُٚن نیرٚیا یتھے بہار، وہلو

''وُنٲوٕلی چھُنہٕ لوس'' پوٚزٕ ُرے وَنیو تھ ، مگر
ُوٕمبر تہٕ ماپچھےٚ کرٲن کاںسہٕ انتظار، وہلو

سہٕ اوس معجزٕ چانی غمُک دِلَس سٕریٚیہہ پوٚش
اَساں اَساں نہٕ پوشَن موٚژاں چھُ خار، وہلو

اَمار میون تہٕ خلوکھ وَتھا وٕچھاں پھرِ پھرِ
خیال چون وُٕپھاں شوقہٕ ہوٚت سوار، وہلو

مَتیو! کیاَرِ سہٕ لوٕہُٕر نظر گیٔی آوٕر
مےٚ ووٚتھ گُلالہٕ دِلس سونہٕ واوٕ نار، وہلو

روٚٹھُتھ ملالہٕ مےٚ کوٚر تھ تہٕ مَعنہٕ پاں نیٲرِک
ژھوٚٹُم حُباب ژٕتھوٚ وہٕنی تھ اعتبار، وہلو

صَبر کریوو یِمی اَزتاں سہٕ دل تہٕ خوٚدرہ گوو
مےٚ نو وُٕں رٕوٚدہٕ پانَس پیٹھ اَختیار، وہلو

لَیاہ ُتلنہٕ تہٕ دِہکی حاَرشاتھ حالہٕ اہنٕز
مِزازٕ چانہٕ وُٕں راٰہی وَناں چھُ شار، وہلو

مارچ ۱۹۶۳ء





حُسن ڈیشِتھ پِیُد لولُک تہٕ فآیِل
عقل آیِس یِتھےٚ دیوانہٕ گوٚو دِل

چھُ توقع روشناوان بالہٕ یارس
مےٚ ووتلان آوِ ہِلنسےٚ مَنز چھُ ساحِل

یِزَن یوٚت یوٚت اَنِتھ پھور لوٚ ہٕ مییٚ کیٚہنہ
نتےٚ تمیٚ ہنز نظر سِیزآیہٕ مآیِل

وَژَن کےٚ ہِش نَزَن وِیشہٕ ہیوٚ تہٕ لب لب
نہٕ ووٚنی کانہہ دوس ویوٚدنےٚ کانہہ سَمَن وِل

چھِ خودرَو پوش، تہندےٚ ماگ شِراوُن
صُبحٕ یُس پھِہہ دِوان سُے شام قآتِل

جوٚ نُس مَنز وُمبر کڈ لولہٕ والیو
نتےٚ بوزَو کَڈن دَم اوس مُشکِل

خوشی گوٚو دِل غزل کھنڈ رآہِین بوٚز
چھےٚ ووٚنی لوٗلی سَماں یِژھ لولہٕ محفِل

اگست ۱۹۶۲ء



سُہ خوش قدم پیہِ شوقس زُلاٰلی موج ووتھن
فروغ دِلکہِ غُبارُک لوٚبُم سَرابَس مَنٛز

طلُوٗع گرٛھاں چھےٚ پتوٗ لولہٕ کِس ضمیرس مَنٛز
سو زوٗن وٗنی چھُ ہوٚس یتھ دِواں نقابس مَنٛز

ہَراں چھےٚ سونتہٕ یمبرزل، دِلو! تماشاہ وچھ
گبھواں چھُ ہَردٕ بوٚمبُر، ووتھ ترٛشہٕ اضطرابس مَنٛز

قفس اَندر چھہِ تمےٚ ووکھہِ دلو ترٛشاں ووٗلیاہ
گبھوان پرٛدٕ ہٕتی یم مُلکھ چھہِ خابس مَنٛز

غزل ہَبا چھُ وٗں راہی کمےٚ یہَس بوزاں
وٗں گوو اگر گیوٚ کانہہ نوکتہٕ داں حُبابس مَنٛز

اپریل ۱۹۶۳ء





سہ کیاہ گوٚیوٚ وےمنٛے تہٕ تس میثل مُتس شبابس مشز
چیٚیوم مس تہٕ بہاراہ وُچھوم خابس مشز

سُہ روے تہٕ شعلہٕ گو لابُک، نظر تہٕ سروٕ شُہُل
وُزان کوہٕ چھُ شبنمُ یتھ آفتابس مشز

تسُند خیال چھُ تمیلاں دِلس اندر — یتھ کنہٕ
بےسوکھ بوٚمبُر گرزھِ بند اُڈ پھوٚلس گولابس مشز

دوٚپُن چھُ چانہٕ شوعوٗرُک چمن ہنا ہنر رس
ؤلس کُس وُنِس وولہٕ یتھ وَن ژےکیٚت چھُ خابس مشز

ہراش چھِسنہٕ اگر خوٗں تہٕ چھُس اُچھو ہاراں
یہٕ رایہٕ تہنزٕ منٛے کوٗرُت چھُ زوٗل آبس مشز

فداؔ فرشتہٕ سنزٕ تتھ وُریہٕ نظر بنِن
یہٕ پرِیتھ شمارٕ یوٚمُت دِل اوٚنُن حسابس مشز

یاراہ نٕحی چھُ دارِ دَمَس پیٹھ یہِ بلی بجُر
پرٕبتھ موٗسمَس چھِپےٚ بُولِ اٰہنٕز سورگہٕ ڈالی ، ناز

ہرٕدُک یہِ تاپھ ، سوتہٕ مُدن ستی، ڈَل ہشکارٕ
سائَس ہا دزاو ، لولہٕ حقیقتھ بٕنتھ ، مجاز

یَخلاص پرٕزون پیوٚس زٕتس ، ٹاٹھی برٕنہٕ آس
تمہٕ سنگدِلن بھیرِ بیہِ بلی راہینٕ بیاض

جُلَے ۱۹۶۶ء





یُس پوش وارِ پھوٚل سُہ ہُرل تےٚ نظر نوٚاز
یُس کوٚنڈ سٕنیثو دیدٕ ہوٚرن سُے جِگر طرٲز

بیوٚن بیوٚن مِزاژ پٔرژھی چھِ سٕمتھ، واتنیار رچھ
پرٔتھ تارِ پھوٚر چھُ سوزٕ وُہان بوز شوقٕ ساز

کُنڈی تھٔر تہٕ زٔل پٔری چھےٚ نٔنان زوٗنٕ راژٕ منز
لوٗس اَندر بنان چھُ دِلُک زخم جان نواز

گرِ تےٚ تگی عظیم اَجنتا چھُ سنگِ راہ
توفیق اگر بنی نہٕ تٔژن ڈال چھےٚ نماز

بُتر آژ پھیوٚر رنگ رٕویس کربلا وُچھتھ
دٔچھ نگی پیٚہ زاو ماجہِ گوٚبرُ آسمان نواز

یُس دوٗر ہیتھ مےٚ خارٕ تھوان تس رٕویس گولاب
یُس وعدٕ دِتھ ژٕ شوقٕ اَنان تس وُمبر دراز

دوتا دِوتا میاآنی ژھاے
راکھیُس راکھیُس میٔے زُو ژاو

رُوکن وٕتھرِتھ واندر بوٚل
جنگلُ پرزاآٹھ ریٚش پاٗراو

کیٚتھ بائہ نزرُت کُس با بوٚڈھ
اُڑِگرِٹہ مٔتزہ پرِگامژ ناو

نٕرتکی ! نٕتھ نٕز گٕتھ دیرہٕس
رٕاہی موٚت چھےٚ تیونگل کھاو

جون ۱۹۶۷ء





اَزٕچ گرٕاو اَبدٕچ شٲے ترٕاو
یِیٖ اَتھِ بُرٕژٕ کھنڈ بۄمبراو

شہرٕچ مُرٕژ وَتھ کھٕش پَتھ وَن
پرٕژھِ میانہِ یتھٕ کٔنٛز شک بۄیہِ ژاو

اُچھ مُرٕژرَنہٕ لۄٚج خابَن اُچھ
کم سونٛتلٕ وَچھ ڈٕدِر صحراو

نظراہ— اَندٕ نِکھٕ ووٕرٕیچ گرٕ بِکھ
سونچاہ— ہِشنہٕ مُنٛزٕ کُن زۄن کاو

تیٚلِ اوس تارکھ تھُرنکُ شوق
وونٛ چھُس سونٛچاں پانٕس ناو

پرٕنِتھ کانٛہہ پرٕژھ ہۄچھ وُڈرَن نیٖج
پرٕنِتھ کانٛہہ ظون سرفاہ وولیاو

مَنہٕ ما شوقچ پیٹھ بُتراتھ
ہمسوسو روٗٹ تلپاتال

انگ انگ وُچھمس سیمنہٕ جیچھ
کٔتھ کٔتھ وٕنی نم لوہ تے شال

وَکھ خابو ژٕہی اَنہٕری وَچھ
وَکھ وائلنجہٕ ہانٹھیے اِشکال

شہرچہٕ ملہٕ ژٕھٹ صُبحٕ باکھ
ژٕھٹ ٹینڈرس پن وَٹھ چھم مال

راہی ووہ تھ دفتر گوٚے ژیر
وَتہٕ شیٚرو ووٚنی کتھ خطہٕ خال

جُلے ۱۹۶۷ء





تارَکھ وٕسی پیٚیہِ لَژھ گٔے لال
دِلہٕ! یَتھ گٔرٕ مٔشرٕژِے کیٚہنہٕ زال

بالَس تھٔر دِتھ تھیٚوکمَس لول
دوٚپنَم: "ژِشتہٕ پھِرِکہٕ کوناہ کال؟"

راتھ آیس ژٲنگس زٕلو گُلریز
ازٕ ژٕ تایس کٔژُ کوہہ تال

مُنٕژی بازری پوٚک ژھوٚپ صحراو
کَس با گُدرلو کمۍ سُند حال

فی پیوٕ میٚنہ تہٕ میشانٕن سوخنَن
کُن روزُن چھا کَم جنجال

میٚنہ وُچھلو دِل میٚنہ تھٕچ یَکھ
بٔے ووٚتھ اَسماں، بٔے بٔند زال



دِل چھُ پرٛانِین کھتَن سَناں بعضے
سینہٕ مٔنٛزِ نارٕ کوٚل اَناں بعضے

خابہٕ ہسے مَنٛز. چھُ دٕہ وٕ وتھاں خابَن
بَدگُمٲنی چھنٕے ترٕٹھ گَناں بعضے

وَن تہٕ وَن سُے اَپُز وَنَن سأری
پوٚز چھُ زھوٚپ ہِرٕ تہٕ ہِر نَناں بعضے

بَند تہٕ یاٗندو یَندی وَنِکٕ واٗندَر
شہرٕ آدم چھِ تُسٔ وَناں بعضے

نَم چھِ زیٹھاں تہٕ زَم گرٛشاں رُسوا
پانہٕ! پَلوَن چھِ یَن تناں بعضے

دُنیٖہک داستاں دوٚہے لوٗزُتھ
آس گُدرَن یَنہٕ وَناں بعضے



کرٕ یِشہے اُمارے کانہہ، ٹوٹھِ ہے عَذابے کانہہ
کاش یتھ سِٹھی وقتس پریرِ لہے سَرابے کانہہ
دِلچہ یتھ بےٚ پرٕژھ بُسی تہٕ باگہِ کُس گٲشُت آو
لوٚس یُس وسے تارٕک گھوٚت تہٕ آفتابے کانہہ
یا سہٕ خوش فکر متدیُن چارسوے وٚنوٗ یِرِ یوٚ
یا یہ بدگمان روٗزِل برٛونٹھ پوٚکنہٕ خابے کانہہ
یتھ نوٚینہٕ شہرس منٛز بوزِ کُس وٕنہِ عشقس اہ
وایہ ہے رِکاڑے زانہہ، چھاپہِ ہے کتابے کانہہ
زندگی گذارنی، سوے، تس پرٛژھِلی ضمیرس ستی
لیوٚب ھُوٚبے کوٚرُس نہٕ زَن اوسنہٕ حِسابے کانہہ
تو قہک تنازے ژوٗٹ دلبَرو تہٕ پرٛوٗ دُکھ سوکھ
نےٚ تھراں وُن گرٛاوے کانہہ ہنے گرٛاں جوابے کانہہ
دوٚرِ سے تہٕ بری ٹیک سنگ، کوٚرِ سے تہٕ والنجہِ کیوٚم
یتھ زمینہٕ زانہہ ازتاں پھولنہٕ تیُتھ گولابے کانہہ
اُسی نہٕ مجلساہ کرہو کانٛسہ ہُند غزل پرٛہو
لارِلد زمانُن ما ھوٚو تیُتھ حسابے کانہہ

فروری ۱۹۶۸ء

گٲشُت، گنٛدٕ ہنز تہٕ گاشچ بلہٕ وٕن ۔



دِل چھُ پژانِہن کھتَن سناں بعضے
سینہٕ مَنٛز ناڑکول اَناں بعضے

خابہٕ ہسے مَنٛز چھُ دِہ وِوتھاں خابَن
بدگمانی چھےٚ رژھ گَناں بعضے

وَن تہٕ وَن سےٚ اَیِز وَنَن سارِی
یوٚز چھُ ژھوٚپ سرتہٕ سرنَناں بعضے

بَد تہٕ یاندُو یِندی وَنکی وانٛدر
شہر آدم چھِ تسٕی وَناں بعضے

نَم چھِ زیٹھاں تہٕ ژَم گرٹھاں رُسوا
یانہٕ! یِلوَن چھِ یَن تناں بعضے

دُنی یہِک داستاں دوٚہے لوٚزُتھ
آس گُدرُن یَنُن وَناں بعضے



کرِ یِشہے اُمارِے کانہہ، ڈوٹھِ ہے غذابِ کانہہ
کاش یِتھ سیٚکلِ وقتس پرہزِ ہے سرابِ کانہہ

دِلچہ یِتھ بےٚ پرٛتھ بٕسی تہِ باگہِ کٕس گٕٹاشُت[1] آو
نٔس یُس وسے تارِک کھوٚت تہٕ آفتابِ کانہہ

یا سُہ خوش فِکر متدیُن چارسوے وٕنوٗ پٕرٕ یوٚ
یا یہ بدگُماں روٗنُل برٛونٹھ پوٚکہٕ خابِ کانہہ

یِتھ نوٗیہٕ شہرس منٛز بوزِ کُس وٕں عشقس اَہ
وایہِ ہے رِکاڈے زانہہ، چھاپہِ ہے کتابِ کانہہ

زندگی گُذارنٕی، سوے، تس پرٛزِہلِ ضمیرس ستۍ
لیوٚب ٹھوٚب کوٗرُس نہٕ زٕن اوسہٕ حِسابِ کانہہ

توٚتھک تناز ژوٚٹ دلبرو تہٕ پرٛووُکھ سوکھ
نہ تھرٛاں وٕں گرٛاوِے کانہہ ہنے گرٛاں جوابِ کانہہ

دوٗرِ سے نہٕ سِری ٹیک سنگ، کوٗرِ سے نہٕ وٲلنجہِ کیوٚم
یِتھ زمینہٕ زانہہ اَزتاں پھولہٕ تیٚتھ گولابِ کانہہ

اُسی نہٕ مجلساہ کرہوٚ کانٕسہ ہُند غزل پرٕہوٚ
لارِلد زمانَن ما تھوو تیٚتھ حِسابِ کانہہ

فروری ۱۹۶۸ء

[1] گٕٹاشُت، گٕٹہٕ ہنز تہٕ گاشچ ملہ وٕن۔



اَنہ زَن کانشرھا ژےٚ ہاوی کیاہ کرٕکھ
پانہٕ مأرِس واتہٕ ناوی کیاہ کرٕکھ

رٕتھ ووتھرٕ پرٕاژَن تہٕ وُٹھ کُمجار کرٕ
نَخہٕ ہےٚ کانہہ پرٕزناوی کیاہ کرٕکھ

دوستَن اَلمأسی موکھ ڈٕلیشتھ ژٕجکھ
دُشمنَن کانہہ سینہٕ باوی کیاہ کرٕکھ

اَنہٕ ڈٕبہٕ پھرٕ مژ چھےٚ گانگل اَتہٕ مہ ہیہٕ
کانہہ عکس کھنگالہٕ ترٕاوی کیاہ کرٕکھ

نستہٕ شورٕتھ رٕونگ تہٕ شہروٕ ہیوت گیوٗن
وَچھٕ تَلکُ وَن وولہٕ ناوی کیاہ کرٕکھ

گِچھ کُٹھو لیچھہٕ ناوی سندی ارمان ہأری
واتہٕ پینڈٕ نےٚ جاے ترٕاوی کیاہ کرٕکھ

گرٕلیشمہٕ ژٕنجہٕ مَنز لاپتاہ وَتہٕ گلی دٕدرٕ
شراچھ دِتھ کُنڈٕ نےٚ بناوی کیاہ کرٕکھ

یا وُسکھ پاتاں نَنگہٕ نرٕشُناہ کرٕو
نتہٕ ٹلی ٹلہٕ پوٗرٕ راوی کیاہ کرٕکھ

اپریل ۱۹۷۱ء



یُتھٕ مَنٛز مارٕ کَس کُنٛبر ماربٕم
آپٕہ چھُس برٛونٛٹھ کُن اَناں بعضے

کَم برٛہلہِ سِر بےٚسوکھ وَچھِس دوٚبرِم
اَتھ اَنٛدس کوٚنہٕ چھُکھ کھَناں بعضے

لوٚب ہیتھ چھُس بُزاں یَیتھٕ ہَن ہَن
مَنٛز اَرِتھ چھُس غزٕل وَناں بعضے

راہیس سِتی کام چھَم گامہٕ
بُلبُلے چھَم سَتُت بَناں بعضے

فروری ۱۹۷۰ء



مُتۍ وَدَن وانَن اَسَن پأتھر گِنداں
کَتھ جَبرِکھ لفظُت تہٕ کَتھ معنے گرَکھ؟

وَتہٕ پٔدرِس پیٹھ وَتہٕ پۆداہ پیٹھ وَتہٕ پٔدرِس
مُنزٕ بِلہٕ مَتہٕ! اَسہٕ ءِستۍ ما ہِکٹاہ گرَکھ

وَس وَچھِس مَنزٕ آرِکرٕوُن غمٕ بُچھی
وۄن ڈٔکِس دِکھ خأر پاٹھکۍ خط پرَکھ

شارِکیاہ سَمجِکھ تہٕ کُس عالَم سَرَکھ
اوٗن گوٕ مۆحسوٗس ہرگاہ زَن گرَکھ

۱۹۷۱ء





پھول زِ پھوٚلِتھے میاٲنؠ کُنڈِ ژھپٹ کتھ سَرکھ
مَرگہٕ مَنٛز یکھ مُتھنہٕ ہنگَس پپٹھ ہَرکھ

لولہٕ برٛانٛشرَل زوٗنہٕ ڈٲبہٕ چھٹٕ ژھایہٕ کُنڈِ
دِلہٕ! وٕنؠ کیاہ کھاسِن تہٕ کیاہ ٹارِن بَرکھ؟

یٚیٚجر پُھٹنُک وَرِتہٕ شَر باوَے کِتھٕنہٕ
ہوٕ ہٮ۪تِیاٰ! یاگوو اٚنِس تاپَس دَرکھ

عالمُک اِشاتھ چوٗن آینہٕ دِل
اٚینُک اِشاتھ کتھ اَنٛس گرکھ؟

وورسہٕ گرٛیکہٕ مَنٛز ژھبنہٕ گوٚمُت چھکھ سوٗدشُراہ
یاگرٛھی لَتہٕ کرٛم تہٕ یا پھرٛٹہٕ پھرٛٹہٕ مَرکھ

آینہٕ خانَس مَنٛز گمُشچھے اُچھ وُزَے
کٔنؠ کسوٗ لایکھ متیا! مٕتؠ کَس کَرکھ؟

شہر ژچھن ہٹپہ یاہوٗ کوترٕ
گامہ سجاوٕن فوٗجی بارٕکھ

گرٕ ہکہٕ وِہنہٕ کوٚلہٕ منٛز پھرٕ ہکہٕ وٕن ژوٗنگاہ
اکھ وونٛمے ہینہٕ بٔلی لارٕکھ

ییٚتھی اکھ لوٗکٕن مےٚ سوٗن سٕر پھکھ
گامہ تہٕ شوٗرٕزد شہرُک پارٕکھ

روتلہٕ پھوٚر زیٖو تاپرٕ صحرا
دوٚہلہٕ چھہٕ وآرنج کوٚراں تارٕکھ

مٕنہٕ منٛز اٚنہٕ گٔٹ وٕحشی وٕن چھی
کمہٕ وٕزملہٕ کٔس دِتہٕ ووتھ ژھارٕکھ ؟

مےٚ تہٕ لنکے وٕچھہٕ راوٕن وولیوٚے
ژہتہٕ کوٚہ رٕکھ پیٹھ سیٚتیا ہتارٕکھ

مٔتی آبس منٛز ہیرٕ گےٚ مٔتی تاں
مٔتی کتھہٕ راہیٚہ ییٚنہٕ گٔنڈی ژارٕکھ

فروری ۱۹۷۲ء





کَتھ پٔنٛجہِ دِکھ وُنی، کوٚسہٕ وَتھ گارَکھ
یَس ہٕنہٕ یُنیٚ لَس کَمہِ ڈُیگہٕ پرٛارَکھ؟

داوِرنگی تمہٕ وِجہٕ ووٚلیٖمَ
پھلِہ پھلِہ گےٚ کوہ چھلِہ چھلِہ تارَکھ

اَنگہٕ اَنگہٕ برٛکہ شوٗرِش ژٕینتھ
دوٚیہَم: گاٹلہِ! آخر ہارَکھ

مَنہِ وُتھی تَن برٛیٚہہ تنہِ گنٛڈی تَن رٕیٚہہ
راتھ اَکاریٖژ، اَنہِ! کیٛشاہ سارَکھ؟

اوٚمےٚ یِنہٕ پیٚچکاہ ہیتھ دژاکھا
خاَر، فِضا چھےٚ یِلہٕ یوٚت کھارَکھ

دوٚیمَس یِنہٕ ووٚنی اَڈوَتہِ ژٕلہٕ ہَم
دوٚیمَن ژٕےٚ یِنہٕ تَھکھ دِتھ مارَکھ



نارٕ بالَس کھَنگرٕ ترٛساں ہوی آسی
کرٛنٛز قبرن اَندر اَساں ہوی آسی

یُپ ہُراں اوس پاوِ ہیوٚر پوواہ
مُکھ لبَن تالہٕ وَن کھسَاں ہوی آسی

اَزٕ چھِ پھیراں غُبار بے منٛزِل
راتھ جایَن اندر بسَاں ہوی آسی

لولہٕ باوَتھ کرَاں کرِاں ژٕیوٚ مُکھ
والہٕ واشَن اَندر پھسَاں ہوی آسی

واوٕ بُھتی پھُٹ اُشانٛت پنہٕ پوٛشرٕ
شش جہاتَن کَنہٕ ردسَاں ہوی آسی

گاہٕ کولہٕ تھیوٚک زِ یارٕبَل جیلیٚ
شہٕرٕ وٕیتھِ وُچھ ہنرٕ وَساں ہوی آسی

موٚہٕ سمے تیٛتھ زِ تاپھ روٗد پیٚتے
شینہٕ گنج پیٛتھ وَنے ژٕساں ہوی آسی

۱۹۷۷ء





زَبان تہِ دڑایہِ بےٚ وَفہے کتھَن تہِ پھوٚر مَژر آخر
ہواوَس اوس نہٕ کانہہ اَنگ پھُرکُم بٕلی زَہَر آخر
بہٕ آولنٕ گہتہِ ژٕھرکوچھ ژٕ بُبر لوشہِ تغوفُل
وُن گوو یہِ کوٚل تہِ اُچھو مٕنزٕ ژٕلان نظر نظر آخر

نہٕ مٕتی کرہٕکن کنہِ وَرٕشُن ، نہٕ خیمہٕ راچھ رٕتج رٕہیہٕ
بسآوی خانہٕ بدوشو سوٕکلی موکلی شہر آخر

وَنیوٚ نکھے وَزٕھو اُچھوے ژٕمو یہِ کرتجہٕ شیہلتھ
پُھکن وُن خاب تہٕ پانے بٕرٕزن پنٕنی قبر آخر

نظر پھرکھ تہٕ وُچھکھ ، پانہٕ سونتہٕ واو ہتنٕدلُومُت
ژٕھُہا پھوجکھ زَہرخند تہٕ پیٚیے ہٕرتھ ہرٕژ آخر

چھو کَل یہِ ژٕھُہہ پیبےٚ پٕژھ وَن ، نہٕ واوٕ شہیہ نہٕ وُزمُن کرِو
اَنٕو اُچھو چھُ مٕنےٚ ہرنٕس شبُس کرُن سحَر آخر

نہٕ کانہہ وُتھر زِرٕ ژھٕلمٕ رنگ ، نہٕ کانہہ لُنٕڈے زٕچھوٕلم چھُو
کراں کمَن چھےٚ سو وُزمَل عنایتچ نظر آخر

بٕزمُل ہوا اَتھٕ لایُت ، متٕن تہِ ہانکلہٕ شہہ بند
مٕنےٚ بٕرٕہی تہٕ وَنَن بٕٹھ کھیل کتھَن حصر آخر؟

مے ۱۹۷۵ء



یِم وَتہٕ پٔدی کوّت مِشرٕ وَتہٕ ہَنگہٕ مَنگہٕ غاٗب گژھان
اٗنی سارِٕن مامعنے مٔتی سُند خاب ۔ سپُد؟

ہیر پٹھکُ اکھ گرِ ہُند ٹِپ ٹِپ میون وجوٗد
کمٔتان پٔدرٔ وی پاٗوی تہٕ پرٕ یتھ گرِ آب سپُد

خیاٗمن تہٕ چھُ وۆنمُت چھُتھ گژھِ مُشراوُن
اوسُے ماتیٚلہِ کیہنہ ایُس ووٗنی نایاب سپُد

ماٗرِے یٚلہِ آس آدِج سوّدرس لٔج مَنہٕ گرٕ یکھ
نَکھ پٔچ ہَو ہیچ گرٕاے تہٕ تُھتی مضراب سپُد

اَنگہٕ اَنگہٕ چھیم لاواوُزی کنتھ ہندی بال ترٕسان
ژھراکہِ پُھکرٕ مےٚ سنگریزس سَنگلاب[1] سپُد

۱۹۷۷ء



---

۱ سنگلاب : سنگ + گولاب
سہٕ گولاب یُس لعلِ بدخشانس ترٕاش ہیتھ گرِنہٕ یِیہِ؛
سہٕ گولاب یُس سنگ زمین پرٕ آٹِھتھ پھولِہ ۔



فی پیٹھ ییٚتھ بالَس ڈوٚکھ دیُت تھٕی آب سپُد
وٚیہہ کھیتھ ییٚتھ سوٚدرَس ووٚڈھ ژھنٛ پایاب سپُد

ژھایہٕ ژھوپہٕ ژھوپہٕ تال بَرلوٚ ییٚمہٕ شبنمہٕ وَچھ
تسی مَنہٕ ژھٕنٛجہٕ مُدَے ـ موٚت کُس اَفتاب سپُد

بالہٕ یَلوٚ پیٚٹھی آیہٕ مَلکھ ووٚتھ ژھالہٕ تلُاں
کٔڈلہٕ ھٹھٹس سمکھبوٕ تہٕ گرٛوکھل گِرداب سپُد

یاوَن گرٛیکہٕ منٛز. میٚنہٕ لوکُ شاہنامہٕ لیٚچھو
تھَر تہٕ پتوٕ سےٚ رُستُم تےٚ سوٚہراب سپُد

چارِ سوٕیس پیٹھ یم کَتھ کَتھٕ آسٕ وونان خاب
زِلَے گاہ زَمَنہٕ تہندُے بُتھ ووٚنی خاب سپُد

رَتہٕ دُچھ، شوقہٕ، زوٚھ وُھڈ وُبلو آب حیات
رِیتہٕ کھوٚٹ، ہولہٕ، زرتہٕ وٲنجہٕ زہراب سپُد

تقدیرِ زِ یَتھ وارِ چھِ پرٚ یتھ پاسہٕ ہنگَل کوٚہ
افسوٗس زِ یَتھ لٔبۍ تیہِ موٗسِم چھُ وُنَل زاو

پرٚ بڑناوِ نہٕ کانٛہہ اَز تہِ سُہ موصوٗم پوٚشُت میون
یَتھ خولہٕ خطس پھیش تہٕ یَتھ ذاتہٕ بُدَل ناو

تھَر اوس تھکُن کیُٛت یہِ یتیمُ پوش تہٕ تھیکہٕ ہے
دَچھ پوش ہَراں مُشک تہٕ توشاں چھُ ہِتَل واو

کَتھ شورِ تھری نظرِ پھوٚجم لاوِ یُمبرزَل
کَتھ غارِ گٹکی واٗنجہِ پرٛاگاٗتس غزل زاو

ستمبر ۱۹۷۸ء





توت جوگ ہوندر سۄر ملتھ راتھ جنگل ژاو
مۄت خاب وچھتھ شہر متیومت چھ رہل واو

یتھ ژھایہ پیومت اوس، نہ اچھ پھور، نہ پھری پھہ
ہو پھیور زِ پتیس تا یہ زژ اکھ تھکنہ ازل دژاو

کمہ تام جنگلی ذاژ کوڈم کاڈ وچھس منز
کوہہ تام ننگے راتھ وژہم: "میانی کوکل پژاو"

از ژیون اتھو جسم تُنُد: راگ ژھٹاں رپہہ
از بوو اچھو شوق پنُن: سۄدرو پھل واو

دوپھم زِ کنبن منز چھئے شونگتھ تمبر پھلے چانی
دپھے پتہ یرے تژاو پیس منز یہ زُدل ناو

یتھ تا پروتہ شبنمہ پھرک چانی سونہ لی کتھ
یتھ جونجر بسہ چانی سنگتھ زوہرقہ ڈل دژاو

اَجِدرِس تھپہِ نہٕ آسہِ مُشرٕ یوقوٗت
راز بیہرٕن کیشُت آفتاب تہٕ گر

کرٕ یہینہِ اُچھ ہنرٕ رٔنج دلیل نہٕ وَن
سوٗشۍ یشہلایہِ نارٕقاب تہٕ برٕ

ناگہ بُبرِس دِنیب اُچھن ہُندرٕ تھ
دامہِ اَنہٕ گوٚٹ پچھے آنہٕ خاب تہٕ سَر

زھوٚپ پھٹے خوشبوے تہٕ موٚت ہاواوٕ نہٕ دِس
شبنم اندامہِ ! آفتاب تہٕ زٕ

کُچھ وُجارٕن کھساں چھُ سوٗنبہٕ سمباں
کُچھ چھتاں روکنٕ چھُ تاب تہٕ کرٕ

مے ۱۹۷۹ء





سۆدرٕ نارٕس تراں سَراب تہٕ سَر
ٹۆرٕ اَسُناہ کَراں گولاب تہٕ ہَر

چانہِ جسمچ سَبز سِپار پۆرٕم
میانہِ روُحک کرٕمُن عذاب تہٕ زَر

بَرنہِ گوٚے کرٕ تیچ ژونگ دُرٕ ہیٚر لوٚن
ژھایہِ پیٚتھ صنایہِ آفتاب تہٕ کرٕ

اَچھ مُراں آسمانہٕ حَرفہٕ ہوٚچوٚم
ہیٚۓ وُلا حاَرٕ تیچ کتاب تہٕ پرٕ

یُس وسُے ناگہٕ راد آبِ زُلال
خوٚنہٕ دٔریا تہِ گرٕ بکھ حُباب تہٕ مرٕ

کیوٚم اگرٕ تیٚ تَھچھ گولاب تہٕ ہَر
عشق اگرٕ چھُے تہٕ انتخاب تہٕ کرٕ



نہ آستھ پہٕ وُچھِتھ سۄ حالَتھ بہٕ ہاوَے
نہ کَلکَل نہ غوٗصے نہ بارَو نہ گرٛاوَے

دِیاں راتھ کیٛت پھٕرِی تمٕس رۄدٕ موکَل
وۄدٕنی یٔندرٕ دۄس آس، وۄنی کیاہ بہ ہاوَے

وُچھس توٚچھ پہٕ توٚندوٗرٕ سے زادِ طوٗفاں
نظر پھٕرٕ، نہ گاٹھے، نہ ہانٛزے نہ ناوَے

اوٚبری زوٗنہ گہہ قاف تا قاف کھوٚت یُپ
سِیہہ فام راین وُزاں کاوٕ کاوَے

مَتیا یَتھ بےٚ توفیق شہرس لوٗگُکھ کوٚت
اگر وُنہِ تہٕ کانہہ رٕکھ اَکھتس چھےٚ مِٹاوَے

برٕہلی نیزٕ ہیرِی بوٚزٕ، برٕزِہلی خنجر اُندٕ کھچھ
اوٚشے کیازِ موٚنگتھم، اُسن کوٕ نہ ترٛاوَے



میٚجہِ مہَل تہٕ اُسہٕ تہٕ پٔژ مٔتۍ گیا کرٕو
گرِ کربلا سرٕو سرِ مقتل غزل پرٕو

دَہٕ دَوزِ پرٛتھ دِشایہِ سُہ صحرا غبارٕ بُزی
برٛٲتھ برٛٲتھ زِ اکھ سراب ہٮ۪تھ قُلزمس پھرٕو

تِم سینہٕ صاف لوٗکھ دٕیاں دٔلاے وَن ژھنڈِتھ
بے دینہٕ ابیٚہ سوچھ نہٕ مُہی کتھا کرٕو

بولاں قدیم کانٛلی جنگل چھِس اُچھن اَندر
اَتھ گٔیہٕ ویٚدہٕ سِر تہٕ اُوِستایہِ کیاہ پرٕو

شہرٕو سجاوی باغ تہٕ سینن سیٚکلی بڑکھ
گامو نیازٕ کٔرِی زِ گونہگار مامرٕو

ہرگاہ یوٚہے ہوا ڈٔلہِ، پوٚشے یُتھے نواہ
وُڈرن وَوٕ الاوِ تہٕ دولرن ووکھلی ترٕو

بٔنگلُتھ اُچھوٗرےٚ موکھتہٕ، مےٚ یوقوت شرٛپےٚ وچھیں
دم پھٔٹی گومُت چھُ دود تہٕ اِتھراے کیاہ کرٕو

خوشبوے چانٛی ذاتھ، سروپاے میون واو
اُسی کیاہ کرٕو اگر نہٕ مُلاقات اُسی کرٕو

موہل شہَن تہٕ لتَن چھِ وُزاں سِمسمی صدا
مانتھر گرٕو نہٕ راہِمیٖنہٕ شار کانہہ پرٕو

۱۹۸۰ء





سۆدرٕ کھٔتۍ اُسی تہٕ لٔدرٕ مال بَنیٚ
نآلۍ ییٚسی گٔے تہٕ تسۍٚ وہ بال بَنیٚ

ژُل قدم، ساسہٕ وۆت لمان لونچِن
مۆرۍ کھۄر، آوٕلنۍ مثال بَنیٚ

خولہٕ خط مۆنگ تہٕ پرٛوو پھۄدرٕ پھۄ
ژھۆٹ اَرُوٕپیٚر تہٕ لازوال بَنیٚ

کَتھ کران وُٛتھۍ تہٕ یارٕ بَل ۂندرِیٚے
دَم کَرٕتھ بیٹھۍ نارٕ بال بَنیٚ

خاب ژھیۆران دۆدُکھ ہُشاراوٚندٕ لۆکھ
حال وُنِہ ران قدیم کال بَنیٚ

خٔضرٕ ژھورُکھ تہٕ ییٛوکھ وُسی ظُلماتھ
ژأنگی سمکھِتھ تہٕ واوٕ ہال بَنیٚ

زانہٕ مَولاوُن کاآنسِہ سمکھیا کانٛہہ
یارٕ صۄرتھ خودا خصال بَنیٚ

پَرٕ کُشآیی تخَیُّلَس طالع
یادٕ وۆتٕرِس برٛہ ہمآلی زال بَنیٚ

زۄل ذیٚہنَس کران تہٕ ہُند انٛجاس
نبضہٕ وُچھِہ وار ہِم خیال بَنیٚ

۱۹۸۱ء



وُنَ ہِش وُنَ وُزھ تہٕ سوے وَلِتہٕ آیس
تَس اوس جنگ زِ ینتھ ژٕلُن لاوِ داوے

یہ کُل سُے، یہ آنگُن تہِ سُے، دارِ دَم سُے
بےٚ کوٚستوٗرِ صُبحو! وٚں کیاہ یاد پاوے

غنیمتھ چھُ یتھ بے صَدا بازرس منٛز
مُشھیٚل لولہٕ مُرتے، چَلو تلخ گرٛاوے

یوٚسے نارٕ کول سَرِ وشیٚہجارِ منٛزی وُزھ
یَلِس پھاسہٕ وال وٕ یدِ تلوار ہاوے

پھِرِ کان کوٚ بکوٚ ازٕ چھُ آوارٕ رِیہٕ زن
یوَے رَوکَنَن منٛز تَس اوس آوِ آوے

شُہے ترٛوو ٹوٚرلوٕ تہٕ گُل گے پریشان
کُتھی ماَرِ کُتھ بوزِکھے چھکھ تہٕ باوے

۱۹۸۰ء

✧

---

۱؎ بوزِکھ: بوزَن وول، صاحبِ ذوق

دست وپابۓ تہ قدی جھڑن ہُند
بۓ وُپھَل ظوٗن تہ لامکاں میٚۓ کتِ

سَر قلم گۓ گولاب چانی پُرژھی
خوٗنہ دستار برِسناں میٚۓ کِتی

ٹیپ مندرُک، سپیکر اُستانگ
یم سوٗکھنگ سوٗروٗ دخاں میٚۓ کِتی

کتھ چھےٚ وَنتےٚ تہ رتھ ہیوٗتُن وولُن
یتھ زھوٗپس منٛز چھِ یم بیاں میٚۓ کِتی

معنہ راواں زِ لفظ کتھ واتَن
خاب وِرشناں چھِ بےزباں میٚۓ کِتِ

جُلۓ ۱۹۸۲ء





سَتھ زمیں کیاہ تُو آسماں میےٚ رِتی
دَم تہٕ دعوا کمٕ امتحاں میےٚ رِتی

اَسی پوٚشتی گولاب ژٕہی تاپَن
رُودی کنڈی تم چھِ تمٕ رَنگاں میےٚ رِتی

خابہٕ پمپوش بےٚ منگاں سیٚکی لین
سونچہٕ واوٕلی وٕلسی گرٕٹھاں میےٚ رِتی

شوق لیلا تہٕ میےٚ شہر سنگ ہیتھ
فِکرِ مجنوٗں تہٕ وَن وُہاں میےٚ رِتی

پھیر بازری تہٕ سمکھِ میےٚ صحرا
بیہمہٕ خلوکھ تہٕ کھوکھی ترٕشاں میےٚ رِتی

پٔچھ ہوارِنگ تہٕ میےٚ گرٕن زوٗنجوری
تاپہٕ زٕژ پھوٚج تہٕ مُتی تتاں میےٚ رِتی



آبس مَنز سُے خابک ہیو تصویر اَساں
دیوانٕس سونٛتلی واوٕچ زٕنجیر اَساں

قاتِل کھورُکھ کاٹھس، قبرن پوش وٕوِکھ
سانٛتِس تدبیرس سونُے تقدیر اَساں

چون آسُن کوٚر میانٛی سونٛچن ناسُن ہیو
خابے وُچھ تِمٕہ پتہ پرٛیتھ کانٛہہ تعبیر اَساں

زخمو بوٗلن ہیوٚچھ پوشو کرٕ جامہٕ دٕری
قلمس ترٛووٕکھ ترٛاش تہٕ چھس تحریر اَساں

نازَس چانٛس آیِہ باغکی تازٕ گولاب
رَتہٕ پھمواَرن گِندی تھے نرٕ شمشیر اَساں

وٕانٛش گُذاہِن واویلا صد واویلا
پرٛزنتھ کاڑس پیٹھ وُچھمَس تصویر اَساں

وَعدس چانٛس ماوٕس مَنز پھوٚل نارکھ نَب
اَلماہٕچ پرٛزلَن وُچھ وُچھ دِلگیر اَساں

نومبر ۱۹۸۵ء





زند روزنہٕ باپتھ چھ مران لکھ، ژمر کھنا
لوٚتہٕ پاٹھی چکھا پیالہٕ کیوٚہ ہواُف تہٕ کرٕ کھنا

ٹھرٕ چانہٕ اَسَن ترٛایہٕ گرٛھاں ضنایہٕ، وُچھان چھس
مَنہٕ گُہشرٕ رہٕلۍ غونچہٕ پھوٚلتھ آے سَرٕ کھنا

نہ چھُ دارِ الاں پردہٕ تہٕ نہ چھُ برٛاندہٕ دزاں ژونگ
واوس چھُ دیاں کاد ژٕ مولوٚم کرٕ کھنا

تہٕ لوٚچھ کھسان نارٕ ببر پٕرٛ یوٚ چھُ وسان شین
ہیے برگہٕ چھُرٛشی! امیشون کرٕشُن گام ترٕ کھنا

نہ چھےٚ پرٛی یہٕ نہ بحرِ بٕہ نہ عجب ٹلکٕ راسخ
ترٛٹ تاپرِ وَتہٕ ہیے مَتہٕ! گُلریز پرٕ کھنا

ہرٕ سونتہٕ تیوٚ لگی پوٚش نہٕ درٕ ہرد ہموٚندر کوٚنڈ
ہسہٕ دامنس ہرگہہ نہٕ تہٕ ہنگس تہٕ جرٕ کھنا

اَدسا تہٕ رجز چانہٕ رتنگ گیوٚ وِنہٕ زمانن
اَشہٕ وانہٕ مےٚ یوس لیچھ سو مرٛتی ژٕ پرٕ کھنا

نومبر ۱۹۸۵ء



وۆتھاں تہٕ کاڈ کڈاں زٕن قدیم کالٕی جنگل
بہاں تہٕ پوشہٕ وُتھرٕ زٕن دِوٕری پٔن چھِ سٔناں

خموش ہٕرِتہٕ اچھو ازٕ سو رمز باوتھ کٔر
پہاڑ زۆتہٕ گہٕس ٔنتٕرٕ سمندرن چھِ سٔناں

لفظ تہٕ میون مُقدّر، ادا تہٕ سیرتھ چانٕے
بٕلی ڈٕکن چھِ دواں ووٚن بٕلی اتھن چھِ سٔناں

مِتس ہٕراں چھِ کتھن ازٕ رٕہلی بٕرٕہلی یوقوت
یِمے تِم آیہٕ چھِ یم ڈاڈٕ کافرن چھِ سٔناں

فروری ۱۹۸۶ء





گہے دِواں چھِ اچھن تھپی، گہے وچھن چھِ سناں
ییٚنکھے نہٕ سومتی کتھ، ٹلی کتھن چھِ سناں

بےٚ نیب قافلہٕ گرداولیٚن[1] اندر سرگرم
خموش ژانگی گوپھن منز۔ سیٖہہ لبن چھِ سناں

نیٚندر کھژکھ نہٕ دزاں پیمنن چھِ جلبشی وچھ
ہشارگے پہٕ شہلی سرِو کوہرن چھِ سناں

ییہس تہٕ آے تہٕ برژنز۔ ایٚنڈیٚترن کورکھ وچھ وار
اسی ژچوٚ بہٕ کٔل اسی مایرٔن کتھن چھِ سناں

چلاں چھنے گولہِ نہٕ چلتن، مراں چھِ لکھ نہٕ مرن
سنوبہٕ زن نہٕ ؤل کم لکھ ییمن قصن چھِ سناں

تہٕ مانہِ کیاہ چھُ سپارن تہٕ زانہٕ سے ییمی سوٚر
قدرشناس خطن ہندی، اکھن نمن چھِ سناں!

---

[1] گرداوٕلی جمع گرداول: گرد + واوُل = گردِ دِلمُت نژوُن داوِ بُشنگہٕ

سُہ تمبلیوٚمُت زِ روٗہسس نافہٕ کمیٚ نیوٚمُت
مےٚ نےٚ جِگرس مُشک زالیوٚ بہٕ کیاہ وَنہٕ ہٕس

کُھٹس اَژوُن شمع زاجون از پانے
مےٚ کیاہ ووٚن ڈٕلی دٕناں ژھالیوٚ بہٕ کیاہ وَنہٕ ہٕس

سُہ ڈیشتھ موٚنۍ ژِترَن زوٗ مرٕس ژالیوٚ
تمِس کَن بٔری کجوٚ ژھالیوٚ بہٕ کیاہ وَنہٕ ہٕس

سُہ اوس ساتھے زِ تمٕ تُل پیالہٕ اُسی شولیٚے
اٚندی اَکھتابہٕ زٕن دڑالیوٚ بہٕ کیاہ وَنہٕ ہٕس

رُمل ظون یاوُنکُ، پیرانہٕ سَر راہی
شمع مَرنے سَحر زالیوٚ بہٕ کیاہ وَنہٕ ہٕس

نومبر ۱۹۸۸ء





پکھن ٹاساہ کڈِتھ دڑالوَ بۂ کیاہ وَنۂ ہُس
اگر زاتھہ کائی باز آیوَ بۂ کیاہ وَنۂ ہُس

سبز سونۂ ہاری زُوی آلوَ دِواں آسس
سۂ نیوٗ سائس پُری زالوَ بۂ کیاہ وَنۂ ہُس

لمبکھ سوٗ دُرک نۂ کانہہ، واوُل نۂ صحراوُک
بےٗ ہمرہ برسفر دڑالوَ بۂ کیاہ وَنۂ ہُس

گولابن ہیٹی ژرٹن، سوٗ مبلن جگر پُژرن
مشک ژھوٹ زُلفۂ تھتھرالوَ بۂ کیاہ وَنۂ ہُس

دُچھُم پوٗت زوٗنۂ ہم ہم شڑز کھساں بالس
بۂ ڈلۂ وُس ناگہی گرڑالوَ بۂ کیاہ وَنۂ ہُس

اُسن تس آنۂ خانکی ہکس ڈیشتھ آو
نتےٗ دیوانۂ وولیالوَ بۂ کیاہ وَنۂ ہُس

ماگہٕ وُزی آبس نغمہٕ لہَر
بُند تلاوس یِمبہٕ سوسہٕ راے
زِندٕ ضربچہٕ لیَہٕ تارٕ وُچھان
مُشرٕ وہٕژارس دِلہٕ ڈُبراے

•

نمُ دِتھ شہہ رگہٕ غمُ بووُم
دَم پھُٹ تارکھ وولسنہٕ آے
مُہہٕ موت پونپُر، نیتھ نتھ رِیہہ
مند چھل ژھاتی ژرنن ژاے
زُنہٕ گاشس وُتھی خُنہ پھموار
گفہٕ کتھ چھنہٕ غزلچ گِنگراے
سَرہ ڈُنی دِنہٕ لوگ راہَ
واوُس کتہٕ ژُلفچ گرٲے!

جنوری ۱۹۸۹ء





بیٚہنچ باتھ نہٕ ژَلنگُ پاے
ہیٚنہٕ ژم آوٕلِنس مَنٛز آے
یَتھ مندرس پھٕرِ کم دٕزینٛٹھاک
کَنہِ مُرژَن کرٕ ژٕنٛز کارٕنہٕ آے
لَشہِ کانِن توٚہہٕ نۆر پھۆرلن
اُسی اَکھتابَن زالاں ژھاے
واو بےٚ مۆسمِ چھی دِتھ گوکھ
نہٕ ہُرتھ پیٚیتَے نہ پھوٚلِتھ آے
یَن ژھیوٚن کُتھ مَن گے ہوٚ ہوٚ
ژَن وُژھ تالَو پرٛاُٹھ ژھاے
شمہچِہ ریٚہیہٕ ژھیوٚن پاآڈ اَنزُل
پوٚنپُر! واوَس خنجر واے
ییٚمی اَنہٕ گٔڈ کر وانٛجہِ دُتھ
رَتھ گوو ضایہٕ تہٕ کَتھ نٔج کاے؟

ق

عُلمہٕ عوٚرٕ ہٕنکر دَعوا دار
یعنہِ حَرَف چھکھ پھٕرِمتی ڈلے
اوٚنگجِہ گَنڈن تاں راوکھ گرٕہند
توٚن ترٕکرِ لِجایکھ گرٛاے

کتھے کرٛن تہٕ تِتھ منٛز سُہ زمُژ اسرار
اُچھے پھرن تہٕ مِنِتھ گوم سُے وُزن سُے واکھ

سوٚکُوٚتھ تُہنٛز زِتِنگ یتھ کوٚہو تہٕ کوٚر فریاد
سو کرٛکھ زِ شولہٕ وٕنن بازرن سپُدُ پھُٹِ پھاکھ

شُشُر سیٚنیٚوس ضمیرس تہٕ تتھ سیٚنیٚو تہٕ زات
وُچھُن پہٕ سونہٕ سبزن کوٚرُن گریبان چاکھ

سُہ باس — راژ ہندن یتھ وَنن جۄش ہوہرا
یہ شار — تاپہٕ سنگرُ پھاسہٕ وِتھ پھولان نٔنِ شراکھ

مارچ ۱۹۸۹ء





مُژر تہ شیینہ تھوسبو مُنڑی پھولاں دِلکی آفاکھ
اِپیبر تہ سونیتہ سبز ین وُچھتھ گریباں چاکھ

وِشال نیول سمندر بے شونک سو نہ مہری تاچھ
مۓ خاب وُچھ ژہ اُمی آیہ میشانہ آنگنٕ ژاکھ

ژھیوٚیے ژانگی اُتھن ہندی کتھن تہ کوتر موٗدی
سیاہ رؤد جرن منڑ گوسانہ کوٚت پیٹھ دژاکھ؟

وَژھے تہ موٗل وَژھے پوز لوٚبھ نہ تلیاتال
کھَڑے تہری تہ کھَڑے، عرشہ سیوٚر کھتکھ اُفلاکھ

ژشوقہ زوٗنہ زژن کتی کت آئی جامہ سوٗاں
مۓ لانہ شبنمہ پھیرِس چھُ سری یہ دٔسں گراکھ

دِلس بنس تہ سمندری لہر تہ نرتکی ژھوہ
نظر گنیس تہ اُتھچ رِکھ وتھا و بِکھڑ وآناکھ

یا ہَتہٕ بے نیب لرٕ ژھ، ژھَنڈاں طرفاتھ
یا ہَتہٕ پۓ پرُدٕ سنگِ مِیل چھِ اُسی

گرٕ اوٚ کرٕ ہَس تہٕ چھس پھٹاں اُشہِ گنڈ
اوٚ دُر کاکُد تہٕ خام مِیل چھِ اُسی

یَیسی پھوٚلُن توٚگ تہٕ لُسی یہ ژینُ ہیوٚ
کوٚرِ کمی اُسی تہٕ کتھی علیل چھِ اُسی

نہٕ اُتھے نظرِ گوٚو نہٕ خنجرے کانہہ
کیٚتھ وُنیُب گوٚو کنٚدی قتیل چھِ اُسی

بال یٚیرٕن تہٕ لُسی تیٚن کھسِہ لوٚس
پھٹنس آمرٕ سو رُودٕ نیل چھِ اُسی

بَس چھس اکھ باکھ ووٚنی ژھٹنی باہے
مُنصِف اوٚن یِوس گٔلی وکیل چھِ اُسی

امرِ واقع تہٕ یِی تہٕ یِی تاویل
کُنہٕ تہٕ دعوا ورٕ ے دٕلیل چھِ اُسی

مے ۱۹۸۹ء





دَردٕ گاہچ رَتج ذٔلیل چھہِ اَسی
کربلاہچ سَبز سٔبیل چھہِ اَسی

دِل وُچھَن مَتھ، دِماغ ریشہِ لٕزاگ
تآمہٕ خانَن وودٕنی فُصیل چھہِ اَسی

بابِ وَفہُک گولآبی عُنواں تہُ
نقشہِ ڈٕجہٕ سیاہ رٔپل چھہِ اَسی

پوتجِہِ پھٔلی تَم تہٕ ناگہٕ پوکھرٕن مَنٛز
ییرٕ وُن سوٚدرٕ سوٚتھرٕ تیل چھہِ اَسی

خآہِشَن نوکھ نَمٕ زٕچھِن مولا
تَوٕقہوٕ کٕنِ سبھاہ شٔکیل چھہِ اَسی

وودلِہ تہذیب مَحلَن اَندر وَن
پرٛانہِ پُرٕشہِ ہندی اَمرٕ اَصیل چھہِ اَسی



نہ ابتدا نہ پرٛتھنپا نہ انہتا باسی
وُزکھ اگر ٹھٕنٛشوٚرٕوٚس زاتھہٕ مٮ۪ے وٕنی زِ کیا باسی

سُہ یازِ جوٗنٹھ بےٚ پٔرٛتھ آسمانہٕ وٚوتھ تقدیر
سُہ کُکِلہٕ اُہرِ اُچھَن مَنٛز نَٹاں خودا باسی

اگر یہِ میون صدا گُنبدَن تہٕ ژٕہ دِتھ چوٚ
یہِ انتظار نہ محشر نہ کربلا باسی

تمام رقص زٕہتھ گےٚ تمام سازشروٗ کیٚے
سُہ موٚت شہرتہٕ وٗل صحرا یےٚ صَبا باسی

دریچہِ بَند کُٹھس مَنٛز کرٕہُن کُنبرٕ ژوٗپت
ژےٚ کرسا مالہِ پنُن ہمسفر ہوا باسی



جاناوَر آسی تِم تہٕ ژھپَن ژلے راتھ کیٚنژ
پَتہٕ اوس بس سُہٕ کُل تہٕ سوکھراے راتھ کیٚنژ

کَم آسی تِم، کیاہ ری گیٚیہِ، کوٚت سنا گیٚیہِ
تارکھ اگرن دوہَلہٕ تہٕ نیٚن دڑاے راتھ کیٚنژ

ممکن چھُ بیٚیہِ وُزی سوبے سوکھ سوٚدرکھ وچھِس
صحراوٕ! بوز میانۍ یہِ دُبراے راتھ کیٚنژ

تِم شوق دوہَلہٕ یم ژتیٚ پدبن تَل رٹنی بیٚیہِ
وبترٕ ل تِمے سرف مئے کُجھتھ دڑاے راتھ کیٚنژ

پَتہٕ سپہٕ گرٕبزاں تہٕ بڑونٹھ سمندر گربکان اوس
صُبحے نَنی کریوو مئے کیاہ پاے راتھ کیٚنژ

زُنہٕ گہَہ تہٕ ژھایہٕ ہوٚت تہٕ پوٚت آلو کنن گرشھاں
مفرور قدٕ! برٕیڈٕ لجی گرژاے راتھ کیٚنژ

دل بیٚتھی نہٕ راضی اوس تہٕ تتھی پیو رضا رٹچھُن
کاشرٕ دوٚروٗدٕ موٗدی، وہوزاے راتھ کیٚنژ

تتھ کیاہ کرو اگروٗں چھوکھن آیہٕ کاسُہٕ زیو
نہٕ کُس ونکھ کَم آے تہٕ کَم دڑاے راتھ کیٚنژ

اگست ۱۹۸۹ء





آوارِ دِل تہٕ وارٕ پٕہ حالاتھ ، کٔرِزِ کیاہ
واتِتے پٕہ اَند یہِ روزِ مکافاتھ، کٔرِزِ کیاہ

تیُتھ کیہنہ گووُے پٕہ گراو کرٕو یارٕ ژٕو غُبار
سَمکھیٚیے مگر سیُدٕہ مُلاقاتھ ، کٔرِزِ کیاہ

خاطِر جمع سُہ گُل تہِ پرَاگندٕہ خاب رُود
گاراں یِمبرزَل آس سمَن ساتھ، کٔرِزِ کیاہ

اسرارِ ولیوٚت صحیفہٕ یہِ تارکھ بُک نوٚموٚد
پٔرِزِن ، تہٕ فکرِ ترٔیِ نہٕ یِم آیاتھ، کٔرِزِ کیاہ

صحراوٕ! سوٚدرٕ گرٕزِ یہِ مَلَرمَس سَراب چھُے
مُہۍ نےٚ مَنی دِلو! تہٕ مُناجاتھ کٔرِزِ کیاہ

ترٕٹھ وٕزھ تہٕ دہ درِ وپرِ سروپا اَنارٕ گود
اَتھ ہوٗر[1]، سونتھ کالہٕ! کراماتھ کٔرِزِ کیاہ

---

[1] اَتھ ہوٗر = اَمہِ کھوتہٕ، اَمہِ ہُریاہٕ، اَمہِ کھٔستھ۔

اُچھو وُچھتھ پتہ گولابن ووُنتھ بہاری جُباب
دِلس خبر ہیز خوٗنیں عمامہ ما باسی

وولا منتیا وولا تژاو وہانا پہسے وونی ووٹھ
مے زَن نہ مُشکہِ گُلستاں ہژوچھ ژےٚ کیا باسی

بہ چھُس نہ وُنی تہ سوکنی شیتھ تیسٕر ہیکاں مولوِتھ
ژکیٚا کرکھ اگر ابلیس خار خا باسی

یِمے حرف زِ پتہ یمہ پتھ نے وُبھل وِہل مُعنے
کرُہُن الاو سبزشین آ تہ نا باسی

دِلک امار لفظ لانہایتک دلبر
ژشوقہ برُونٹھ دِہس وُنی سہ ماوَرا باسی

عجب سہ جایہ وَراہ اوس عجب سو بوٗلی کرُن
بہ زَن وُنے ژےٚ سہ کیا اوس امارُٕ کیا باسی

اگست ۱۹۸۹ء





شین اوس گلاں ، واو ڈلاں ، باغ پھولاں اَسی
ہے سونہٕ ! گواہی دِزِ اَسی گُلہٕ گبواں آسی

کھیوو گاشہٕ پَنُن ماز تہٕ چوو گچھ پَنُن خوٗن
پوٗز ہاے سُہ کانہہ لَمحہ زِ اَش پھیری تہٕ اَساں آسی!

دَپھ غائبہٕ غنیم آکھ اوٗرُ ، روٗد ، ہوا ، ڈوڈھ
تاپوٗری زِزُن پوشہٕ وُتھر تُلیہٕ[1] گِنداں اَسی

پوشپُر تہٕ پُنِمی گاشہٕ دِواں بَبرِ لَنجَن میٹھی
واوِلی تہٕ سِیَہہ سَرٕکہٕ چھچِل بوٗنہٕ پُٹاں آسی

پھالوَ تہٕ وُتھی روٗدی ، تِم آلوَ تہٕ دَتی موٗدی
تحقیق کَرن والی تو تاریخ لِکھاں آسی

سوے سورمہٕ چشمی لوٗلی تہٕ سے سَروٕ قدَل موج
مَس نیٖندرِ مِئے دوٗد خاب تہٕ بونٛدوٗق وزاں آسی

پَتھ روٗد نہٕ بام اوٗر تہٕ نہٕ دَروازٕ نہٕ دارِ بے
نوٗزاو کھیمَس موٗنی ژِٹر حال وَناں آسی

اَستانہٕ بہٕ دُش گنڈہٕ وَرٕے دراس ، زِ کمتام
اَلقارِ تہٕ مَلقارِ عجَب آیہٕ پَراں آسی

فروری ۱۹۹۵ء

---

[1] تُلیہ گِندُن : شُرس اَتھن بیٹھ وہ دِنہٕ زٕٹھہ زٕھی گِندُن

مدری ژےٚ زبو تہٕ حوٗرہٕ ملآیکھ ثنا پرَن
تَمبلیم مےٚ دِل، خوداد پہٕ: "ہیٚہاتھ گرٚی زکیاہ!"

واقعَ یہٕ تا یہٕ کرٕاے تہٕ طالع یہٕ اَلعطش
وٗیایِتھ[1] گماہٕ ناگ تہٕ ظُلماتھ، گرٚی زِ کیاہ

کُنٛز کوٗٹھ شہِ بنَد تہٕ ہوٗنٛ ژوپاسے ژٕلِس یوان[2]
ژینےِ پہٕ کیہنہٕ یہٕ خوفہٕ پیٛمٕر راتھ، گرٚی زِ کیاہ

رَآہیَ! ہواتہٕ زاگہِ چھُ جو سوٗس، آس وَٹھ
وَعلَیکُمُسَ پہٕ وار تہٕ کتھ باتھ گرٚی زِ کیاہ

فروری ۱۹۹۵ء



---

[1] وٗیایِتھ: اَندٕ کِھھی گیرِ تھ اوِتھ، پرٛتھ اَنٛدٕ موٗجوٗد، مُحیط۔
[2] سنگ را بستند و سگان را گشادند (گُلستانِ سعدی)

وٗں گوو زِ پورِنہٕ شینٛکیا تہٕ کاٗنسہِ مردوٗدس
سُہ خود خیال پَلوی تَنَ مُشُر تہٕ خاموشی

وۄجوٗد چوٗن گنٛبہِ جنٛگلوٚ اَنٛدرٕ ی سیمنز
تلاش میوٚن نظرَبند وُنَر تہٕ خاموشی

رفیق رآز چھُ مُشراں طِلسم خانَن بَر
سوٚرٕ وٕد خوان چھےٚ سوٗرٕلِمی نظر تہٕ خاموشی

دُعا بدل چھِ سوخَن سنٛج تہٕ رمز مولوٚن واٗلی
کلامِ قُدُس چھُ، راہیؔ ! سحر تہٕ خاموشی

جُلےٚ ۱۹۹۵ء





وُچھتھ سُہ حال مےٚ کانٛچھوٚو زَہَر تہٕ خاموشی
دوٚپٕچھ ژےٚ مالہِ مُقدّر مُشَر تہٕ خاموشی

سُہ بڑو نٹھی کِنہٕ تہِ مےٚ پوٚک، بےخیال، لاتعلُق
بہ پاے بُند سراپا نظر تہٕ خاموشی

نہٕ اور کائنٲتہِ مےٚ پرٛژھُنم نہٕ یوٗرٕ کیہنٛہ ووٚنمُکھ
روٚبوٗد ہمنفسَن ہُند سَفَر تہٕ خاموشی

کُس اوس، کیازِ سُہ موٗرُکھ، تہٕ لاش کوٚت کرٕہَس
ہتَس کتھَس چھےٚ کُنی کتھ : خبَر تہٕ خاموشی

سُہ خوف آم کرِتھ زلو پھرِکاں ضمیرس مُنٛز
نجاتھ زون مُتہٕ تاں قبر تہٕ خاموشی

سُہ کیٛتھٕ زِ دِل کَڈِ ووٚتھ یا اُچھن طمع کاسو
عُلیل باجہِ! عِنایَتھ زَہَر تہٕ خاموشی



## لےآکوٗن : ییٖنکوٗاُن LAOCOON

قدیم یوٗنانۍ اوٚسطوٗرٕ مُطابق "ٹراے" شہرُک باشندٕ تہٕ یوٗنانۍ دِوتا اپالو سُند اکھ کاہن، یُس ٹرایہ والین وقتس پیٹھ ژینہٕ وَن دِژایہ زِ یوٗنانۍ حملہٕ آورن ہُند (ژھلہٕ تیار کرنہٕ آمُت) ہیچوٗگُر پننِس شہرس منز ژانُنس اجازتھ دِیُن بیٚیہٕ تہٕ تمُن پھرٕوُز۔ اَمہِ پتہٕ ژینہٕ وَن سیٚپز خود اَمہِ سٕندِ باپتھ تباہ کُن ثابتھ، تِکیازِ اَمی سببہٕ ناراضٕ سپدِتھ دِیُت تس پننِ دِوتا اپالوٗن ہولناکھ سزا۔ یتھ پاٹھۍ زِ اکہِ دۄہہ، ییٚلہِ سُہ سمندرن ہنٛدِس پسیڈان ناوی دِوتاہس نذر ارپن کران اوس، پیٚیہِ تس سمندرٕ منزٕ کھسن والین دۄن سرفن کُن نظر۔ سرفو کوٚر اَمہندِن دۄن نیچوٚین پیٹھ حملہٕ۔ تمۍ کٔر ثایہِ نیچوٚو بچاونٕچ کوٗشش، مگر سرفو وۄلُس نیچوٚو زِ ہیتھ نال تہٕ کوٚرہس چیر دِتھ کرٕ وِپُس۔

سرفو چوٚرمُت تہٕ کُڈرِس عذابس منز۔ ہیٚنہٕ آمُت اوٚہوٚند پان چھُ یتھ کالہٕ چہِ اکِہ مشہور کُنہِ مُرٕژ ذٕریہِ ہاوِنہٕ آمُت تہٕ اَمہِ سٕندِ دردناکھ کرٕبکہِ نادُک ترجُمان چھُ مُرٕژ ہنٛد بےٚ آواز اَسہٕ وُزتھُر بنیومُت۔ بقولِ غالبؔ ع زخمِ دِل ما جُملہ دہان است و زبان ہیچ۔

## ہرقیٖل : ہرکوٗل HERCULES

قدیم یوٗنانۍ اوٚسطوٗرٕ مُطابق اکھ دِوتازاو وَلہٕ ویرٕ تہٕ اُکُس سیٹھے شکیل شہزادٕ دِیٚنیرایہ ہُند خاوند۔ ہرقیٖل دِژاوِنہٕ پننہِ آشنہِ سوٗر، چنانچہ سو نوٗ لِشہِ نجاتھ لبنہٕ باپتھ سوٗز تمہِ ازآنس منز اکھ نالۍ بلوٗتس ڈالہٕ زنگہِ۔ بلوٗ اوس ژکہِ بدتاثیر مگر تس اوس سُہ یہِ اُپرٕ وُنتھ بخشنہٕ آمُت زِ ہرگاہ کانٛسہٕ بےٚوفا مرٕدس یہِ بلوٗ نالۍ ترٛاوِنہٕ ییہِ تیٚہندِس دِلس منز وُزِ نوٗ سرٕ پننہِ مشراوِمُژ آشنہٕ ہُند لول۔ ہرقیٖلَن یُتھے دِیٚنیرایہ ہندِ طرفہٕ دوٚتمُت پارٕژھ بلوٗ پانس نالۍ ترٛووُس گوٗنڈُن ہیٚریوٚنہٕ

اجنبی شہرس منز۔ اَتہٕ آس سفنکس ناوٕ اکھ ڈٲن مێتھٕ لیندی کنہِ تمام فصلن رٕے اوس گومُت تہٕ مُلکس اوس دراگ ووٚتھمُت۔ چونکہِ اَتھ رٲنی یوٚکیسٹا آس وونی موٚنڈ سپنز مژ تہٕ حوکومتُک کارِبار اوس راتہٕ ہُند بوے کرٕ آن چلاوان۔ تمہٕ اوس اعلان کوٚرمُت زِ یُس کانٕہ اَسہِ ڈٲنہِ ہندِ شرٕ نِشہٕ بچاوِ تس یِیہ تھیبزُک تاج تخت پیش کرنہٕ تہٕ یوٚکیسٹا ییس نیتھر دِنہٕ۔

ڈٲن آس اکھ پرٛژھ تراوان تہٕ شرط اوس تھوومُت زِ یُیلی کانٕہ شخص تس برونٛہہ کنہِ پرٛژھِ ہُند صحی جواب پھورِ تیلی موکلہِ "تھیبز" دراگہٕ تلہٕ تہٕ تھِ ستہِ سپدِ سو پانہٕ تہٕ فنا، نے تہٕ پرٛژھ بوزن وٲلِس شخصس آسہِ پننہِ پانہٕ نِشہٕ اَتھ چھلُن۔ ایڈیپس اوس گوڈے پریشان تہٕ آش ناش سپدمُت DESPERATE. تمہٕ ہیوٚت ڈٲنہِ ہنز پرٛژھ بوزنی تہٕ تمیُک جواب دیُن مٔنہِ۔

سوٚنچُن زِ صحی جواب ہیٚے دژام تہٕ یخت گژھم ببدار، دژام نے تہٕ تیلہِ چھُم زیادہ کھوتہٕ زیادٕ از جان گژھن تہٕ تیتھ کنہِ بچہِ کرنہٕ تہٕ ہونا کھ یچھ کامہِ نِشہٕ۔ یتھ پاٹھی سپُد ایڈیپس سُہ گوڈنیُک شخص ثابتھ ییمہِ ڈٲنہِ ہنزِ پرٛژھِ صحی جواب دیُت۔ چنانچہِ ڈٲن تہٕ موٚیہ تہٕ فصلن تہٕ میوٚل رٕیہ نِشہٕ نجاتھ۔ اَتھی شادی یانس منز آو اعلانہٕ مُطابق ایڈیپس تھیبزُک راز بناونہٕ تہٕ یوٚکیسٹایہ ستہٕ آس نیتھر کرنہٕ۔

ایڈیپس ہنزِ حکمرٲنی تل گو مُلک آباد تہٕ لوٚکھ بنیے خوشحال۔ مگر کینہہ کال گژھتھ پود تس پننِسے دربارس ستہِ والبنہٕ اکہِ اَنہِ دروِیشن ناراض سپدِتھ ولدیتہِ مُتعلق شک۔ درویشہٕ سُند پادٕ کوٚرمُت شک ہیوٚد ننراونہٕ باپتھ تہٕ پننہِ پہلی حقیقتھ ثابتھ کرنہٕ کہ غرضہٕ ہیوٚت تمہٕ کھلہِ دربارس منز پننیو تسہِ پرژھن پاچھن تہٕ واقاتن تچھن کوٚرن۔ اَتھ تحقیقی تچھہِ تچھہِ تہٕ کوٚرن کاری یہ دراو نتیجہ یہِ زِ ایڈیپس سپُد یہِ موٚلی پنزِ آیینہٕ زِ پہلی گرِ ژلاں ژلاں یُس بُڈ تمہٕ سترٲرتس منز۔ مارتھ ژھمتُت اوس سُہ چھُ تس پننُے مول لاییس اوسمُت تہٕ یُس موٚنڈ رانہٕ یوٚکیسٹایہ ستہِ تمہٕ کھاندر کوٚرمُت چھُ تہٕ یُس اَتھ تس زٕ ژٔری زامتی چھِ سو چھے ژکہِ تس پننی اصلی موج! پننہِ یمہ زٕ ہونا کھ بدفعلیہ ژینتھ روٗد نہٕ ایڈیپس پانس تام تہٕ وٲراگس منز بوڈنو وتمہٕ پننِ خنجر پننین دوشونی اَچھن تہٕ بنیو ہمیشہ باپتھ اَنہری عذاب للہٕ ناون وول اکھ نابینا۔ یوٚکیسٹایہ ییلہِ حقیقتِ حال بوٗز تمہٕ دِژ لوٚت پاٹھی لوٚنت کوٚٹھرٕ منز اَژھتھ پانس پھانسی۔

تیُتھ جَم جَم زِ تمی بہانہٕ مۆد۔

## لیڈا : LEDA

قدیم اوٗسطوٗرہ مُطابق مُلکٕ "سپارتا" کِس راز ٹنڈارس پنٕنز آشنٕز، یوٚسہ اکہِ دۄہہ "یوٗرٹس" ڈٕریاوَس منٛز سٕران کرٕان اُس زِ زیوٗسَن دِوتاہن پیٚیہ وِتس پیٹھ نٔظر تہٕ راز ہوٗنٛز روپ پرٲوِتھ سمکھُس آبہ ہسے منٛز۔ اَتھ دِوتاے تہٕ آدمی سنٛگرٕ پیٚیہ ہیلَن تھَنہٕ یٚس سند حُسن پتہٕ بارتنازُک تہٕ تباہی ہُند سبب بنیوو۔ انگریزی شاعر ڈبلیو۔بی ییٹس ہنٛز اَکِس مشہوٗر نظمہِ منٛز چھُ یہِ اوٗسطوٗر ورتاونہٕ آمُت۔

ایڈپُس OEDIPUS اَکِس قدیم یوٗنٲنی رازدانہِ تھیبزٕ کِس راز لائیسَن تہٕ تسٕنز رانہِ یوکیسٹا یہِ ہُند یوٗنگ نیچو۔ ایڈپُس ہند تولُد سپدنہٕ برٛونہہ گیہ اکہِ دۄہہ اُہندِس مٲلِس یہِ غیبی کنہٕ وان زِ تَس چھُ پننِسے نیچوی ہندِ دٔسی ہلاک سپدُن۔ اَدہ ییلہِ نیچو زاس رازن دیُت حُکم زِ زاشرٕ گرٛیشہِ فِلفور فنا کرنہٕ یُن۔ یہِ کٲم سپُز اَکِس سیرِس واقف وٗزیرس متھ تہٕ زاشر آوُس حوالہ کرنہٕ۔ وزیرو زاشرٕ ہیتھ آبادی نِشہِ دوٗر اَکِس سٕتھےّ وُترایہ واٲس بالِس پیٹھ، مگر سُہ موصوم بلادرنگ بالہِ برٛونٛہہ کرُن پوٚژُس نہٕ مَن۔ تمہِ تروو سُہ اَتی اَکِس کُلِس اَویزان کھوٗرِس تمہٕ گُلیچ اَکھ موٚرٕ اَپارِ یپور تارِتھ (چونکہ امہِ سببہٕ ہُنیوو شرٕس کھور توٚے پیوس ایڈپُس ناو یعنے "ہُنیمتہِ کھورٕ")۔ وٗزیرن ڈٲیرٕ زِ پیٹھ پاٹھی بچہ بہٕ پانہٕ تہٕ قتلکِ اِرتکابہ نِشہِ تہٕ شرٕ تہٕ گرٛیشہ پانے ہلاکھ۔ مگر اَتھ کیاہ کرِ زِ اَپارِ پوٚک پوٚہلا اَکھ یُیمی سُہ زاشرٕ کُلہِ پیٹھ واٲلِتھ بچو وتہٕ پنُن گرٕ وانٛنو۔ پوٚہلی تہٕ پہجہٕ روٚچھ سُہ پوترٕ گرٕنز تہٕ اصل ماملہ بوٗوکھ نہٕ کٲنسی، ایڈیپُس تہٕ نہٕ۔ تَس تہٕ روٗد پہتھ زِ سُہ چھُ پوٚہلی تہٕ پہجہٕ ہُندے اَچھ گاش۔

بالیٖغ سپدِتھ ژاو اکہِ دۄہہ ایڈپُس مندرس منٛز پوٗزا کرنہٕ۔ تتہِ گوٚس غیبی آلو زِ مالہِ ژٕے چھےٚ پنُن مول قتل کرُن تہٕ پننہِ موج ییتھری کرٕنی۔ پننہٕ اصل والدینٛن نِشہِ بلکل بے خبر ایڈپُس ژول اَمی آیہ پننہِ پوٚہلی گرٕ پیٹھ مخالف دِشا ژٕھتہ واوزن، یُتھنہٕ کُنہٕ کیُچھ کارس پیٹھ کاہنہ نوبتھے واتتھ ہیکِس۔ اماپوز اَتھی لارِ تہٕ چھارِ منٛز۔ سپدُس وتہِ ان زاٲنی منٛز پننِس اصلی مُبدٕ مٲلِس لائیئس ستی تلخ تکرار تہٕ وُتاولی منٛز ژھُنُن سُہ مارِتھ۔ خارٕ ژلان ژلان ووت سُہ "تھیبزٕ" ناوِ اَکِس

# SIYAAH ROODA JAREN MANZ

## (UNDER THE DARK DOWNPOURS)

A COLLECTION OF KASHMIRI POEMS

By

RAHMAN RAHI



Printed at : J.K. Offset Printers, 315, Jama Masjid, Delhi-110006
Phones : 3279852, 3267633, Fax : 011-3237241